# حکیم محمد جواد

# فکرتہٕ فن

تحقیق وتدوین

## مقبوٗل ساجدؔ

پیشکش

نذیر احمد ڈار

حضرت امام حسینؑ ریسرچ اینڈ پبلشنگ سنٹر سرینگر

# جملہٕ حقوٗق محفوٗظ

کتابہٕ ہنٛد ناو --------- حکیم جواد۔ فکرتہٕ فن

تحقیق وتدوٖین ---- مقبوٗل ساجد

سکوٗنت -------خوشی پورہ ایچ۔ایم۔ٹی سرینگر

ای میل ...........maqboolsajid786@yahoo.com

فون نمبر --------۹۹۰۶۵۶۴۲۵۱

سال اشاعت ---------- ۲۰۱۴ء

ناشر ---- حضرت امام حسینؑ ریسرچ اینڈ پبلشنگ سنٹر سرینگر

وبب سائٹ ......imamhussainresearch.com

پیشکش --------- نذیر احمد ڈار

تیداد -------- ۵۰۰

چھاپ خانہٕ --------تاج پرنٹنگ سروس پرنٹرز دہلی

موٗل ----------۴۰۰ روپیہ

نوٹ:

یہ کتاب چھاپ کرنس منز کوٗرمٕے ریاستی کلچرل اکیڈیمی کم کاسہٕ مأ لی مدد۔ یمہٕ باپت یہ اَمہٕ ادارُک سٕبٹھے مشکوٗر چھُس۔

# فہرست مضامین

# گوڈ کتھ

بحمداللہ سانہٕ اِدارٕ چ بیا کھ اَکھ پیشکش چھِ تُہند بن مبارک اَتھن منز، یوسہٕ کشیر ہندِس اَکس اہم مرثی گوشاعر حکیم محمد جواد صابنہٕ شخصیژ تہٕ شاعری پیٹھ مشتمل چھےٚ۔ یوٚ دوے یہٕ کتاب ترتیب دِنک سلسلہٕ مےٚ ازبرونٹھ ستھ اَٹھ وٚری شروٗع کوٚر مُت اوس اماپوٚ زیہٕ چھےٚ بدقسمتی زِیوٚ دوے شاعر محض ٦٧ وٚری برونٹھ اوترٕ اوترے ۱۹۴۷ ءمنز فوت سپدی مٕتی چھِ تہٕ شُری تہٕ زُری چھس ماشاءاللہ حالے حیات اماپوٚ زتگرتھ اوس تمی سُند کلامہٕ نایاب تہٕ مےٚ پوٚ پیٹھ پیٹھ سوٚ مبراوُن۔ حق چھُ یہٕ زِتیوٚت کال لوٚگ نہٕ مےٚ شہمیری دورٕ پیٹھ افغان دور کین شاعرن ہُند کلامہٕ جمع کرنس یوٚت حکیم جواد صابن کلامہٕ پھلہٕ پھلہٕ سوٚمبراوُنس لوٚگم۔ یہٕ چھےٚ بدقسمتی زِ مےٚ سپدِ نہٕ اتھ بارس منز حکیم صاب نین شربن تہٕ زُربن ہُند اتھہٕ بنڈت حاصل۔ یوٚ دوے حکیم شیر علی صابن گوڈ گوڈ شاعرٕ سُند اتھہٕ لبکھنہٕ آمٕژ کینژون مرثین ہُند فوٹوسٹیٹ دیُتم یتھ منز دارا، تاج، شوکت، غرور، شرافت، یونس، دافع الغم تہٕ بیٚیہٕ کینژہ نوحہ شامل اَسی، اماپوٚ زفوٹوسٹیٹ اوس نہٕ صاف یمہٕ کِنہ مرثیہٕ پرنس منز تھوس اَس یوان، یمیک اور جتل حکیم مشتاق صابس نِشہٕ چھُ مگر تمی کوٚر مسودِ ہاونہٕ یا نقل فراہم کرنہٕ نِشہٕ انکار۔ تمہٕ پتہٕ کوٚر مےٚ ذاکرالحاج غلام مصطفیٰ صوٗفی صابس کُن رجوٗع یمی مےٚ اکھ بیاض مرحمت کٔر یتھ منز بخطِ شاعر دارا، غروٗر، ریاست تہٕ دافع الغم مرثیہٕ لیکھِتھ آسہٕ، مےٚ کوٚر شیر صابنس مسودس تہٕ حاجی صابنس مسودس تطابق تہٕ تمہٕ مرثیہٕ شیربم۔ یِیلہٕ زن حاجی صابٕنی فرزند ذاکر مشتاق

صاٗبن مضموٗن ''نوٗرک'' نقل آیت تھوٗوم۔ یمیک بیٚاکھ نقل چھےٚ سید محمد ابن مرحوم سید رضا صاٗبنہٕ گرٕ احمد پورٕ حاصل کوٚر۔ یٚو دوے اسلوٗبہٕ لحاظہٕ اصغر صوفس وننہٕ آمُت مذکوٗرٕ مضموٗن ''نوٗر'' حکیم صاٗب نو مابانٕ مضموٗنو نشہٕ ہناڈلتھ پٔہن چھُ تہٕ اکھ قاٗری چھُ فورن شک تہٕ ابہامہٕ کس گرداٮ۪بس منٛز ہیٚنہٕ یوان زِ آیا مذکوٗرٕ مضموٗن چھا اٚمی سُنٛد ے رٕکنہٕ بیٚیہٕ کاٗنٛسہٕ ہُنٛد اما پوٚز تمام تذکرٕ نگارو چھُ اکھ مضمون ''نور'' جواد صاٗبس کُن تہٕ منسوب کوٚرمت تہٕ شاعرن تہٕ چھُ پانہٕ مضمون ''یونسؑ'' منٛز یتھ مصرعس منٛز اَتھ کُن اشارٕ کوٚرمت۔

عالمِ مہ بیٚیہٕ ہے نٔے ذوالنوٗنہٕ سُنٛدی پاٗٹھی میاٗنس ناوس سہ بار اسہامِ خاصاہ

سپنہٕ ہامےٚ ہیوٚ بے بہر بحرِ حمدس اعتماسے از سرو

پٔنہٕ اَتھہٕ لکھنہٕ آمتٕ بیاضہٕ منٛز چھُ جواد صاٗبن ''سہ بار اسہام خاصاہ'' کس ضمنس منٛز حاشیس کُن لیوکھمُت ''سہ اسہام یعنی ''دافع الغم''، 'دارا' تہٕ ''نوٗر'' لیکھنٕ مضموٗن ۔ یٚمہٕ تلہٕ یہٕ واشگاف چھُ سپدان زِ یمو چھُ مضمون نور تہٕ تخلیق کوٚرمُت تہٕ 'یونسؑ' چھُ یُہنٛد ژوٚرم مضموٗن اوسمت تہٕ اَمہٕ برونٛہہ چھِ اٚمی مذکوٗرٕ ترٛے مضموٗن وُنی ییتی اَسی ییتی یمن منٛز حضرت ذوالنون (یونسؑ) سُنٛدی پاٗٹھ پروردگارسٕنٛز مدح سرائی کرنٕک موقعہٕ فراہم سپد یوٗمُت اوس۔

کاشرِ زباٗنی منٛز یم بیٚیہٕ مرثیہ اَتھ عنوانس تحت لکھنہٕ چھےٚ آمتٕ، تمہٕ چھےٚ سید مصطفیٰ رضوی تہٕ سید رضا صاٗبن چھپھمٕژ یمہٕ گوڈے چھپیمٕژ چھےٚ تہٕ اچھوپ چھُ یُہے ''نوٗر''۔ لہٰذا غاٗلب امکان چھُ زِ یہے ہیوٚ مضمون ''نور'' گوٚھ جواد صاٗبن اٚتسن تکیاز اَمہٕ علاوٕ چھنہٕ بیٚیہٕ کانہہ ''نوٗر'' بدس، یتھ وچھتھ گمانہٕ کاڈھیکہٕ ہے کڈتھ زِ خبر سُے ما آسہٕ تمی سُنٛد۔ توتہٕ ہکونہٕ تحقیقس منٛز کینٛہہ تہٕ حرف اٚخر زاٚنتھ تہٕ تحقیقکی دروازٕ چھِ ہر ہمیشہ وٗتھی آسان ےٚ چھُ یقین زاٚتھ پٔتھ سپدِ مزید تحقیق۔

بہرحال ذٲکر خواجہ فدا صٲبس نشہِ سپدی مے غرورتہٕ شوکت (جاہ وحشم) مرثین ہنٛدی نقل حٲصل۔ حکیم جواد صٲبن چھےٚ نوٗہ بیروکس ذٲکر سید مہدی رضویس شرافت، عفو، رفاقت، ظفرتہٕ محبس (زندان) مرثیہِ وَنہِ مژ، تہنٛدی فرزند ذٲکر سید مرتضیٰ صٲبن تھاوِ ہم پننہِ بیاضہِ آیتن یمو پٹھہٕ مے یمہٕ مرثیہِ نقل کرِ۔ ذٲکر جعفر زوارس چھِ تہنٛدِ دعوا، کِنز حکیم صٲبن مضمون تاج، صراط تہٕ دافع الغم وٗنۍ متۍ۔ أمی سٕنٛدی وأرث ذٲکر شبیر صٲبن دِتم پھیر ہا کرنأوِتھ صراط، دافع الغم (حزن) تہٕ ظفر (مظفر) مرثین ہنٛدی نقل، اما یوٗز صراطک نقل اوس بلکل نٲقص، اڑ گوٚر مڈ گوٚرتہٕ اڑ لیوٚک، یێلہِ زن تاجُک نقل اوسکھے نہٕ۔

یوٚ دوے حکیم شیر علی صٲب نبن فوٹوسٹیٹ ورقن منز مضمون یونسؑ تہِ شامل اوس مگر صاف نہٕ آسنہٕ کِنز اوس نہٕ سُہ پرنہٕ یِتھ ہیکان۔ یہ مضموٗن چھُ مرحوم ذٲکر خوجہِ علیس ونہٕ آمُت، یمہٕ سٕنٛدبن وأرثن نشہِ امیک نقل چھُپی نہٕ۔

گوکہِ تربن مضموٗنن ہنٛدی صحیح نقل دستیاب نہٕ سپد نہٕ کِنز سرٕ میأنی سأرے کأم روٹہٕ۔ یہ لوٗگس یم مضموٗن وکھر وَنہٕ پٹھہٕ ورلِ تام تہٕ چھترٕ گلہٕ پٹھہٕ قمیر تام کشیرِ ہنٛدبن طرفاتن ژھارنہِ تہٕ گارنہِ۔ پتولاکن لوٚبم بالہامہِ مضمون یونسک نقل مرحوم غلام احمد جونہِ گرِتہٕ شیر علی صٲبنس مسودس ستی تطابق گرتھ کوٚرم کتابہِ منز درج۔ یێلہِ زن اکہٕ دوہہ یہ مُتی پوٚر ذٲکر علی محمدس ''کأشرِ مرثیک سفر'' کتابہِ باپتھ حکیم حبیب اللہ سُنٛد اصلی مضمون ''دوستی'' منگنہِ گوس یُس محمد یاسین منظر تہٕ انیس کاظمی صٲبس ''کلیات حکیم حبیب اللہ'' ہس منز شاید تسامح کِنز پیوٚمت چھُ تہٕ تمہِ بدلہٕ چھُ کتابہِ منز اتھ عنوانس تحت مضمون ''تنور'' لکھنہٕ آمت، ذٲکر صٲبن دِژ مے ژٕ بیاضہٕ، خدایہٕ سُنٛد کرُن اکہِ بیاضہِ منز دژ اوشاعرٕ سٕنٛدِ اتھہٕ لکھنہٕ آمُت مضموٗن ''صراطک'' نقل، یمیک نہٕ مے تصورتہٕ اوس۔ یوٚ دوے پرچہ واریمن

جاین ژھیوٚ نمت چھُ مگر مےٚ کوٚر ذاُ کرشبیر صاٗبنس نقلس ستی ٹیلی تہٕ خاطر خواہ مطلوبہٕ نتیجہٕ ہیٚکی برآمد سپدِتھ۔ اماپوٚ زمضموٗن ''تاج'' تہٕ نوحن ہُنٛد بیٚیہ کانٛہہ نقل ہیوٚکم نہٕ بہم سپدِتھ، ییٚمہ کِنیٚ یمن منٛز چار و ناچار کینٛہہ ابہام روٗدی۔

یِتھہٕ پاٗٹھی زن گوڈے ذکر سپز زِیوٚ دوے حکیم صاٗبنس زُرس حکیم مشتاق صاٗبس نِشہِ پننہٕ نس بُڈی بب حکیم جوادٕنی اکھ اور جِلد بیاض موجود چھےٚ، یوسہٕ کاظمی صاٗبس نشہِ تہِ آس، یہٕ ووتس ڈاکٹر ارشد ملک (نوگام) تہٕ لیاقت علی ہتھ بارہا تِمن نِشہِ اندر کوٗٹ تہٕ حکیم امتیاز صاٗبن تہِ ونیاس وار یاہہِ لٹہِ اماپوٚ زتِمی کوٚر بیاض ہاونہٕ یا مذکوٗرٕ مرثین ہِنٛدی نقل یا فوٹو سٹیٹ دِنہٕ نِشہِ ٹال مٹول۔ یِتھہٕ کِنیٚ روزٕ کینٛژون نوحن تہٕ مرثین منٛز کینٛہہ خاٗمیہِ، ییٚمیک نہ بہٕ ہرگز ذمہ دار چھُس۔

بہر حال بہٕ چھُس یمن مذکوٗرٕ ذاُ کر حضراتن ہُنٛد وژھہِ واٗنٛجہٕ شکریہٕ ادا کران زِتِمو دیٚت پننہِ عملہِ ستی ثابت کٔرتھ زِ تِم چھِ جواد صاٗبنی حقیقی وٲرث۔ مشہوٗر کہاوت چھےٚ زِ حقیقی وٲرث گونہٕ سُہ ییٚمس ماٗلی سُنٛد میراث یا ترکہٕ میلہِ بلکہِ سُہ شخص یُس متعلقہٕ نفرٕ سُنٛد مشن برونٛہہ پکناوِنہٕ زِ سُہ یُس تِمی سُنٛد موٗلل علمی سرمایہِ کاغذ کیٚمو بُزی کرِ یا ژھلیہِ تھاوِ۔ بہر حال اللہ تعالیٰ دِینکھ بپاسِ آل عباؑ امیک رُت جزا۔

بہٕ چھُس آقائے مہدی مہدوی پور وکیل رہبر معظم حضرت آیت اللہ سید علی خامنہ ای مدظلہٗ صاٗبن تہٕ ولایت فاونڈیشن نوِ دِلہِ ہنٛد مشکوٗر ییٚہنٛد ماٗلی تعاون، حوصلہِ افزاٗیی تہٕ اتھہٕ بنٛدٕ تہٕ سیٚ کتاب چھاپنس دوران مےٚ آیتن روٗد۔

بہٕ چھُس پننہٕ نین عزیزن ڈاکٹر ارشد ملک، لیاقت علی تہٕ صوفی احمد حسین صاٗبن مشکوٗر یمن مےٚ ستی پکان پکان تہٕ لٔگن زارٕ پارٕ کران پادٕ مھلی تہٕ زیوٚ تھیٚچ۔

مقبوٗل ساجد

# حکیم محمد جواد...... زندگی تہٕ فن

کاشُر رثأیی ادبہٕ کس تواُر تخس منٛز چھُ بابہٕ پوٗر حیہٕ کدلہٕ کس مُلا خاندانس
یہٕ اکھ خاص امتیاز حاصل زِ اُمی کٔری واریاہ تِتھی مرثیہٕ نگار پأدٕ یِمو نہ صرف اَمہِ اعلیٰ
ادبک دامن پننو بے مثال فنپاروٗ سی مالامال کوٗر بلکہِ اَمہِ کس میعارس منٛز کوٗر کھ
یٔتھ اضافہٕ زِ اَمہِ کہِ شانٕ وشوکت تہٕ تزک واحتشامکی باڈوو اُتی گتہٕ کور۔

اَمہِ خاندانہٕ منٛز یِمی شاعرن گوڈٕنیتھ مرثیہٕ ادبس پننس رتس تہٕ عأرقس میٖل
گٔرِتھ سگ دیِت تِم اُسی حکیم محمد عظیم، مے چھے تِمی سٕنز کلیات گوڈے ترتیب دِتھ
چھاپ گٔرمٕژ۔ منشی شاہ محمد تہٕ منشی محمد یوسف اُسی یِمن ہمکال، تِموتہٕ چھُ درجن
وادمرثیہٕ لیکھِتھ کأشرِ ادبک وقار ہُرِ روومُت۔ ۱۲۶۹ھ منٛز ییٚلہِ عظیم صأب یِمہِ
عالمہٕ گے حکیم عبداللہ تہٕ منشی مصطفیٰ علی ہوی مرثیہٕ نگار آے بروٗنہہ کُن تہٕ منشی
محمد یوسف صأبس ستی رٔلِتھ لیچھکھ درجن وادمرثیہٕ تہٕ کأشرِ ادبک نبہٕ دوبند کوٗر کھ
گاشہِ ٹٔری۔ تِہندِ فوت سپدنہٕ پتہٕ وٕتھی ژوداُہمہِ صدی ہجری منٛز عظیم صأبنی ژٔری
حکیم حبیب اللہ تہٕ منشی یوسف صأبنی فرزند منشی محمد علی، یِمو اکھ اکھ درجن پیٹھی مرثیہٕ
لیکھِتھ پننہِ خاندانک ناو نچھہِ نوو۔ یِمن پتہٕ وٕتھی حکیم حسن علی، منشی محمد عباس، منشی
حسین علی بیترِ ہوی مرثیہٕ نگار یِمو میرانیس نہٕ خاندانکی پأٹھی بے مثال مرثیہٕ وٕنِتھ
پننہِ نس خاندانس منٛز پیر در پیر مرثیہِ نگأری ہنٛز رِوایتھ بروٗنہہ پکنأو۔

ژوداُہمہِ صدی ہنٛدس ڈٕسلابس منٛز پیوٗ ۱۳۰۹ھ بمطابق ۱۸۹۰ عیسوییس

منز حکیم عبداللہ صأبنس فرزند تہٕ مشہور زمن عالم دین مولوی عبداللہ انصاری صأبنہٕ دختر نیک اختر پادشاہ بی بی ہنٛدِ مرا کھنٛدٕ بون فرزند تھنہٕ۔ تیمس "جواد" ناو تھاونہٕ آو، یُس پتہٕ پزنہٕ پأٹھی صاحب جوٗد ثأبت سپد۔ مألس ماجہِ گُنٛے خانہٕ مول آسنہٕ کنٛز آو جواد صأب سبتھٕے لولہٕ متہٕ لایہٕ تہٕ خانہٕ ماجِر سان رٕچھنہٕ۔ ابتدأیی مذہبی تعلیم گُرن پننس محلہٕ کس مکتبس تہٕ مروجہِ دُنیوی تعلیم سرکأری مدرسس منز حأصل۔ اتھ دوران سپد اُمس مختلف دینی تہٕ مروجہِ علمن ستۍ ستۍ فارسی تہٕ عربی زبانن پیٹھ تہِ زبردست عبوٗر تہٕ دسترس حأصل، یمیک عکس یہنٛزن مرثین منز بأنہٕ بأنہٕ پریڑان چھُ۔

جوان سپدتھ سپدی جواد صأب سرینگرٕ عدالتس منز بحیثیتِ جوڈیشل کلرک تعینات۔ یِتہٕ یم کینٛژھس کالس نوکری کران روٗد۔ اَتھ دوران آے تم منز نیابت سٹور وزارت گلگت تہِ تبدیل کرنہٕ۔ اما یوٗز عدالتچہٕ نوکری دوران آو یمن کمن تام کاغذاتن جعلی دستخط کرنٛک راہ کھارنہٕ۔ یوٗ دوے کینٛژھس وقتس یم چھوٗ بلہٕ کوتھرن ہنٛدِ گرِ روپوش اُسی مگر پتہٕ لاکن آے گرفتار کرتھ قأد کرنہٕ تہٕ نوکری نِشہِ تہٕ پیوٗ کھاتہٕ چھلُن۔ یہ واقعہ سپد ۵۴-۱۳۵۳ ہجریس منز رونما۔

۱۳۴۲ ہجری منز لاجہِ یمو مرثیہ لیکھنہٕ تہٕ یہنٛز گوڈنیچ مرثیہ چھے "شرافت"۔ یوسہٕ یمو نژھ بیروٗہ کس مرحوم سید مہدی رضویس وٕنی ہو چھے۔ اَمہِ پتہٕ وٕنِکھ ۱۳۴۶ ھ منز جعفر زوارس "دافع الغم (حزن)"، ۱۳۴۹ ھ منز ذأکر علی محمد (دوم) فقیرس "دارا"، خوجہِ علی یس "یونس" تہٕ خوجہِ اکس "شوکت (جاہ وحشم)"، امے وٕری یہٕ وٕنِکھ غألبن اصغر صوٗفس تہٕ "نوٗر"۔ ۱۳۵۰ ھ منز وونٛکھ کس تام ذأکر شاہ محمد صأبس "تاج"، یُس پتہٕ ذأکر جعفر زوار پران اوس۔ ۱۳۵۲ ھ منز وونٛکھ

ڈاکٹر سید مہدؠ صاحب نوٗشی ہے مضموٗن "ظفر (مظفر)"۔

۱۳۵۴ھ منزٕ وَنہٕ جواد صاحبن جیلس منز محبس (قاُدخانہٕ) عفوتہٕ ریاست مرثیہٕ۔ییٚلہٕ زن بقول انیس کاظمی یمو مضمون "شوکت (جاہ وحشم) تہٕ رفاقت تہٕ تٔتی وَنہٕ منز چھےٚ۔ اماپوٚز پانہٕ مصنفن چھُ جاہ وحشم (شوکت) مرثی ہُند سال تحریر شعبان ۱۳۴۹ھ لیوٚکھمت ییٚلہٕ زن مہدؠ صاحبن پنہٕ نِمن بیاضن منز "رفاقت" مضمونک سال تحریر ۱۳۵۶ہجری چھُ ہوٚومُت۔ "غروٗر" تہٕ "صراط" مضموٗنن ہُند سالِ وفات گوم نہٕ کُنہٕ نظرِ۔

جواد صاحب چھُ سُہ گوڈُک شاعر ییٚمس نِشہِ اَسہِ ننان چھُ زِ تمی کمن باتن پیٹھ چھُ پنہٕ نِمن مرثین ہُند وزن کوٚرمُت تہٕ کُس طرح چھُن اختیار کوٚرمُت۔ مثالے ڈاکٹر صفدر صوفنہٕ بیاضہِ پیٹھ چھُ سُہ پانہٕ لکھان زِ تمی چھُ "ریاست" مضمون کمن بیوٚن بیوٚن اجزن ہُند وزن یوٚنہٕ کُنہٕ دِنہٕ آمتین گوٚون ہُربن ہِنٛدِ وزنہٕ پیٹھہٕ اخذ کوٚرمُت۔ مثلن برخاستٕک وزن چھُ ییٚمہِ باتہٕ مصرٕ مطابق۔ یمن قافیہٕ تہٕ ردیف سکیم بلکل ہشی چھِ۔

دوٗ رِزُک زر چھم بدنس کس حکیمس باوٕ حال

ینہٕ پیٹھہٕ گوم نیری تھہٕ پننہٕ مقامو تنہٕ روٗوم آرام تہٕ گوم حرامو

مضمون "ریاستکی" برخاس چھِ بلکل تِتھےٕ کنی، مثالے حمدٕ چھیرِ ہِنٛدی یم زِ برخاس۔

یا اللہ دِتہٕ توفیق میانِس قلبِ رٔیٖسس چانٔی ثنا وَنہٕ نس ییٚہِ چھم خیال

کرہم نے لطف ژٕ ے علامو ہیکیا مے ہیوٚ حقیر عبادِ نا کام حمدس منز گرتھ کلامو

ہُربم تمے ستی حامدن منزٕ منزلت رٔتبس اَمہِ دربارِ لِہ اقتدارِ بے زوال

آسہٕ نم بحیات زیرِ در بامیدِ ملاقات دنیاؑ کرِ حکامو
میلیم عہدۂ جلیل درجتان مماتکی ہنگامو
گوڈنچہِ گوٚ چھُ یتھ مصرس پیٹھ وزن۔
سوندرر یہٕ ت کیا بو رُتھ چاو تلَے دلبرس روے ووٚنی ہاو
ووٚنی وُچھتو حمدٕ چھیرِ ہنٛز ییمہٕ بروٚنہہ گوٚ، ہشی قافیہِ تہٕ ردیف سکیم تہٕ گُنٛے تُلہٕ ترٛاو۔
لبہِ میاؠنی ریاست ثیت باو اِدتا معاد پوشہِ تمیک ناو -
سلیمانسؠ سُہ دستگاہ تیلیٚ اَتھہِ آو ییٚلہِ تس دیوانِ عدلہٕ چانہِ ناولکھنہٕ آو
چانے امرِ تس تخت اوس تلان واو گردابہٕ توٚحسؠ ناوکھارِ چوٚنے ناو
کریکھ چھےٚ مشہور صوفی شاعر عزیز بہرارنہٕ ییمہِ بأتہٕ چالہِ۔
عزیز بہرار کرو خاموش پتمِن کتھن پانے تھاو گوش
منصوٗر ن نوٗن کیا ونیاو توے سُہ دارس کھارنہٕ آو
مرشیہِ منٛز چھِ یہے ترکیب یتھہٕ کنی ورتاونہٕ آمو۔ وُچھتو حمدٕ چ یہِ کڑ یکھ۔
چأنس بحرِ حمدس لبہِ کنارٕ کر کانہہ ذی ہوشاہ پکن نہٕ بروٚنہہ حاشاہ
تمن بیابانِ بے پایان زن دژ ینٛٹھ آو
واصلن تہِ اُسی نشان مومویہ تانی تمن زوٚ دژاو
پوٚت گوٚشن چھُ ییمہِ بأتہٕ مطأبق وزن تھاونہٕ آمت۔
اَچھِ پوشن کرے انبرو بوز عشقہ سوز بوٚ ثمرو
حمدٕ چھیرِ منٛز چھُ امیک انہار یتھہٕ کنی دژینٛٹھی گوھان۔
کتھہٕ کلیمس گیہ کلہِ اندرو خلیلسؠ نارس گُل پھُلی تہٕ آس بوئے عنبرو

کوٚرتھن جہاندارٕ ژے سکندرو کوٚڈتھن بطنِ نوٗنہٕ ذوالنّون محیطہٕ اندرو

ہاٗوی اُمیٚن چاٗنی اعجاز دُنیاس اندرو تہٕنٛد وٕصی مارٕ اژ درمنٛزلہِ اندرو

ییٚلہِ زن نشستس ییٚمہِ بنٛدُک وزن تھاونہٕ چھُ آمُت۔

وتھومجلوٗنہٕ ہاوپانو لال لانہِ چھےٚ پژ ارانے

تہٕ مرثیہِ منٛز چھُ حمد ک بنٛد تہٕ تھٕ کنی۔

چھاامکان کرِ بنٛدٕ چاٗنی شنا بیانو اما صدائے گدا چھُ چانے بابِ جوٗ ڈشوٗ بانے

تہٕتھے کنی چھُن مضمونِ ''عفوس'' یوٗنہٕ گنہِ دِنہٕ آمتین گیوٗن ہُربن مطاٗبق

تہٕتھہٕ کنی وزن کوٚرمُت۔ مثلن برخاسک وزن چھُ ییٚمہِ بنٛدٕ مطابق۔

ژھنٛڈان لوٗسس کامہٕ شیرو وچھان ساٗری سے تہٕ ژٕ ے ہیوٗنہٕ کانٛہہ

تنہٕ مازٕ زولُم بُسرے نارو ہوولو یاروہاو دپدارو

مرثیہِ منٛز چھُ یہِ وزن تہٕتھہٕ کنی ورتاونہٕ آمُت۔ نعتک گوڈُک برخاس وٗچھو۔

عفوٗ چھُ وسالت تہٕ احتشام، رسالت چھِ مخصوٗص حضرتس تھوٗون نہٕ کانٛہہ ہمسرو

سیٚتھن نازل تہٕنٛدے شانہٕ سُبحانَ الّذی اسریٰ کوٚرن ماٗلکِ دوسرا

کربس ذٕخیل قدر وقضاس روزِ جزاس مختارو

میلان عفوٗک ارشاد تہٕنٛدے توٚسلہٕ بوزان فریاد کردگارو

گوڈٕنچ گت چھےٚ ییٚمہِ نعتہٕ مصرٕکس وزنس برابر۔

درراہ نبیؐ لار زٕووٕژ ھانٛڈ پٔنن یار

مرثیہِ منٛز چھُ امیک انہار تہٕتھہٕ کنی دِژ ییٚتھی گوٚھان۔

تہٕنٛدے یِنہٕ کفرُک زوربیکار گوٚو گمنام ظلم وجور سیٚتھن یکبار

تہٕنٛدے طفیلہٕ عیسیٰؑ ازدار رستگار گوٚو ییٚہِ سےٚ ناوہینہٕ نوحسؑ ناو بکنار

تہندے پننہٕ کفرُک زور بیکار گوٚو     گمنام ظلم وجور سپُن یکبار

تہندے طفیلہٕ عیسیٰؑ از دار رستگار گوٚو     ییہٕ سُے ناو ہینہٕ نوحسٕ ناو بکنار

کڑ یکہٕ ہُند وزن چھُ ییٚمہِ بأتہٕ مطأبق۔

خطا کیاہ لوٚ دنم سہٕ ختن نہری تھہٕ گوم     تس پتے روٚ ومیوٚن دِلے

سہٕ ما گوھہِ چین

مرثیہٕ منز چھُ امیک عکس ییٚمہِ انمانہٕ دیدمان۔

کرِتھیت عدل وداد روٚدنہٕ رشک وعناد لیہٕ پستی بُت پرستی وأ جب سپُن صلوات وصوم

کرِ روشن اسلام قرآنِ مبین گے منسوٗخ پرأنی سأری آئین

یوٚت گژھُند وزن چھُ ییٚمہِ بأتہٕ کہِ انمانہٕ۔

لیس دِمہٕ نادسہٕ چھم نِشہِ     یو کمیو شیشہِ چاوُنس موے

نعتہٕ چھیرن منز چھُ امیک ورتاوتہٕ تھٕ کنی دریٹھی گوھان۔

یہٕ میأنی خدمت تس کرمشے     کوٚپٕوی بَراندیشے     عفو کہِ حیلہٕ سُے وسیلہٕ چھیے

یوسفنہٕ موکھہٕ ییلہِ یعقوبؑ سبٹھاہ پشے     اوس دپان خدایا کیتھہٕ پأٹھی ڈیشے

نورِ عینس یوسفسٕ رویے

ییلہِ زن نشستگ وزن ییتھ بأتہٕ مصرس ہو بہوٗ چھُ۔

حسن چأنی کم کم خانہٕ گری یہٕ ویرانے ویرانے ہامتیو ہو

تہٕ مرثیہٕ منز چھُ امیک ورتاو تہٕ تھٕ کنی دریٹھی گوھان۔

ہیٚہٕ یأنی نامِ محمدؐ تأنی نیر زندانے     یعقوبسٕ تہٕ گوٚسے بہانے

روشن یوسفؑ وُچھتہٕ گیس چشمو

جواد صأبنس کلامس سام ہینہٕ تلہٕ چھُ واشگاف سپدان زِ تمی سندس کلامس منز

چھِ شاعری ہُند اکھ اکھ گون سولبہٕ سولبہٕ میلان۔ یہنٛدِ تمہٕ کیٚ سٕنزن مرثین منٛز پروردگار عالمین سٕنزٕ فکر انگیز حمد آرائی ہنٛدی اعلیٰ نموٗنہٕ چھِ درٛینٛٹھی گژھان تہٕ چھِ سرور کائنات حضرت محمدؐ سٕنزٕ بے مثال نعت گویی ہنٛدی ارفع نموٗنہٕ تہٕ ولایت مآب حضرت علی مرتضیٰؑ سٕنزٕ نیرل مدح سرائی ہنٛدی شاندار آ کار تہٕ میلان۔ تمہٕ کیٚ سٕندِس کلامس منٛز چھِ مختلف پیغمبرن ہنٛدی معتبر واقعات نظماونہٕ آمتی۔ تمہٕ چھُ واقعہ کربلا پننہٕ آیہ اکہِ نوٚہنہٕ رنگہٕ پیش کوٚرمت۔ واقعات نگاری، جذبات نگاری، منظر نگاری تہٕ کردار نگاری ہنٛدی دلکش نموٗنہٕ چھِ جابجا نظرِ گژھان۔ اتھ دوران چھِ شاعری ہنٛدی تمام ژھل تہٕ وَل استعمال کرنہٕ آمتی۔ یہنٛزٕ شاعری پُرتھ چھُ اکھ قارٕی صنایعن تہٕ بدایعن ہُند خوٗب ویٚوٗرتِلتھ ہیکان تہٕ یہنٛزِ فنکاری تہٕ قادرالکلامی برٛونٛہہ کنہٕ سرخم کرنس پیٹھ مجبوٗر سپدان۔ پننہٕ نس بُڈی بب حکیم عبداللہ سٕندی پأٹھی چھِ یمو سیٹھاہ پیچیدہ تہٕ دقیق زبان ورتأومٕژ بلکہ تس برٛونٛٹھ پہن اکھ قدم دِژ امُت تہٕ أکس عام قأریس چھِنہٕ لغتن کُن رجوع کرنہٕ روٚس کانٛہہ چارٕ لگان بلکہ گاہے چھِنہٕ واریاہ لفظ عام ڈکشنری یو منٛز نیرِتھ ہیکان۔

مضموٗن ''تاج'' چھُ یہنٛد اکھ شہکار مضموٗن، یمیُک مطالعہٕ کٔرتھ اکھ قأری أکس طلسمأتی دُنیہس منٛز چھُ واتان۔ اتھ منٛز چھِ جواد صأبن پننہٕ فنکأری تہٕ قأدرالکلأمی ہُند زبردس باس دِتھمُت تہٕ فصاحت وبلاغتکی گلستان پھولرأوی متی۔ حمدس تہٕ نعتس منٛز چھِ تاج لفظکی ہم قافیہ لفظ تمہٕ انمانہٕ ورتاونہٕ آمتی زِ علم معانی و بیان چہٕ مختلف لنگ لنجہ چھےٚ ڈری گنٛڈی گنٛڈی ژھوہ ماران۔ یوٚدوے زبان سیٹھاہ پیچید ورتاونہٕ چھےٚ آمژ مگر تمہٕ باوجوٗد چھِ ہم قافیہ الفاظ تمہٕ ماری منٛز رسان کانہہ لاگنہٕ آمتی زِ حسنِ ادایگی ہنٛزٕ پھلے چھِ ژووہ پأری رقص کرنہٕ لگان۔ مثالے؛

یا اللہ ژٕ ے تاج بخشِ سلاطینہٕ ہندی ثنا کرنس مرقوٗم    از تاثٕر زجاج حیران گے

اِدٕ مےٚ ہیوٗ لجلاج حمد چون رقم کٔرِتھ ہیکیا

اما لطف چون ہاوِ مے منہاج نیرِ از احتیاج لبہٕ مرادو

کرہنے سراجِ معرفتہٕ وہاج دل میوٗن، کرٕ منظوٗم

ژٕ اوَن داج دجاج حیرت کڈٕ نے

شاعرچھُ ''تاج'' عنوان پیش نظر تھاوتھ اللہ تعالیٰ ہندِس بارگاہَس منز عرض کران زِ اے بادشہن تاج بخشن والہِ پروردگارٕ! چأنی حمدو ثنا گٔس اکھاہ ہیکہِ لیکھِتھ، اَتھ وتہِ منز گے از تام کم کم سخندان گلہٕ تہٕ مےٚ ہِوس کم ظرفہٕ ہنز چھنہٕ اَتہِ کانْہہ باتھے۔ البتہٕ یوٚ دوے چانہِ عرفانک لطف واحسان ژونگ ہُنتھ وَتہٕ گاشراوِم تیلہِ چھنہٕ یہِ کانْہہ کتھ تہٕ کم کم ولہٕ ویرچھِ اَتہِ حأرتہٕ رِکس سٔدرس منز غرقاب سپدتھ کلہٕ نوٚ مراونس پٹھ مجبوٗر سپدان۔

لَبہٕ میوٗن کلام رِواج اِدٕ کانْہہ عُجاج اڈٕ عا کٔرِتھ ہیکیا

سپنم استدراج، بے اثر گوٗھہِ مےٚ پٹھ تمنیک عنادو

یتھہٕ کٔنی لَبہِ شأعرِ سُند کلامہٕ تمہِ انمانہٕ عروٗج زِ تمام دعوادار سپدن سرخم۔ بلکہ پٔرتھ شأعری ہندس تاجدارس گوٗھہِ جواد صأبُن کلامہٕ پٔرتھ دل تیتھ منجلی زِ تمن پیٚہِ داجہِ رٔنگی خراج پیش کرن۔

ہمن تاجدارتہِ ہواخواہ تاجہِ کنہٕ تھاوَنو   یلہِ ابتہاج سپنکھ دِلو

دٔپن صاحب تاج دِتھہٕ خراج یہٕ بوزناوَنو   کرٕ ہن علامہٕ حیثیت یہٕ کلام مقبولو

کرٕنس قدرِ تاج بالغ کلام   دِیہٕ شعاع سناج عوامن

سپنہٕ سرتاج پٔرتھ سخنورس   کراڈٕ عا کرٕنس اِملاچأنی ثنا کانْہہ ادٕنو •

بہر حال کلہم چھیرِ منز چھُ "تاج" عنوان مدنظر تھاوتھ اَمے قافیکی مختلف الفاظ مثلن زجاج، لجلاج، منہاج، احتیاج، سراج، دہاج، داج، استدراج، باج، عجاج، ابتہاج، رواج، لجلاج، خراج، سناج بیترِ چھِ تمہِ آیہِ ورتاونہٕ آمتی زِ پُر کاری تہٕ فن کاری ہنٛدی ماری ہنٛدی نموٗنہٕ چھِ تھنہٕ پیمتی تہٕ اکھ طلسماتی فضا چھُ ووتلتھ آمُت۔ ئستی چھےٚ یہِ ثیٖنہٕ وَن تہِ میلان زِ جواد صابس کوتاہ چھُ فارسی تہٕ عربی زبانن پیٹھ عبوٗر اوسمُت۔ یُہے سلسلہٕ چھُ نعتس تہٕ مدحس منز تہِ بروٗنہہ پکناونہٕ آمُت، اماپوٚز دردس منز چھےٚ سلیس تہٕ عام فہم زبان ورتاونہٕ آمٕژ۔

جواد صابن چھےٚ اکہٕ پلہٕ تمام مرثین ہنٛد بن حمد و نعتن منز یژھے دقیق تہٕ مشکل زبان ورتاوِمٕژ زِ اَکس عام قاری یا سطحی علم تھاون والی ئسژ چھنہٕ باتھے بلکہِ اَکس جان زبان دانس تہِ چھےٚ مطلب سمجنس منز زبردس تھوس یِوان۔ وُ چھتو مضمون "دارا" کہِ حمدُک یہِ اقتباس۔

بخشتم یا خالقِ دارا مے مبتدیٔ خموٗلس طالعٔ دارا

یُتھ سپنم بخت اعتلا پیٚیم دارائے سخنور ناو

لببم اِشراق واحرا زی مقال اَلنے سخندان اختراع شناسو

گری تھہِ اِتکا برتختِ استیلا زن دارا سپنہٕ حامدن ئستی دربار دارا

گوھہِ ثمین تہٕ احلیٰ میوٗن کلام، عروٗج لببم ناو

حذاق تہٕ حافظ پھولنے جُمجمہٕ حاسدن کھنن ترٛاسو

یوہے وجہ چھُ زِ یُہنٛد کلامہٕ چھُ عام قاری ین یا بوزن والین کلہٕ پیٹھی گوھان تہٕ اتھ ہیچ نہٕ عوامس منز خاطر خواہ مقبوٗلیت حاصل سپدتھ۔ صرف چھُ محض پننہِ بے مثال جذبات نگاری کِنی یُہنٛد یُہے اکھ مضمون "دارا" حدِ روس

مقبوٗل تہٕ مشہوٗر۔ییٚلہِ حضرت امام حسینؑ سُنْد سر نیزس اویزان شام کُن ہِنہٕ اوس یوان، سہٕ منظر پیش نظرِ تھاوِتھ چھُ اتھ مرثی منز چھہِ حضرت فاطمہ زہراؑ ہِنْد بن جذباتن تمہِ آیہِ زیوٚ بخشنہٕ آمِژ زیوزن واٚلس چھُ واٚلنجہِ چھِنن تہٕ جگرس دیلہ وتھان

چھُ پوترِ دود واٚلنجہِ کرتھ دارا زن یوان پوترِ ماجہِ دِوان مارا

ییٚلہِ تس فاطمہ زہراسؑ کربلا پوترِ دوکھ پیش آو

وزا ایہِ سورگہٕ لبل کران گلنے گری تھہٕ مو پریشان لدی تھہٕ ساسو ..........

یوٚ کبتھہٕ باپاٚ ٹھی اژ جنتس آسن بند چانٕی سیکہِ پٹھ ہزاران مزارسو

باٚے گبر ہیتھ سر ہنٕے شام لدی تھہٕ نیزس کبتھہٕ پاٚ ٹھی بیٚنہِ تہٕ بیمار ٹکنے زنجرِ بارسو

یوٚ تہٕ نواٚریٚے ستی شامس گژایہِ مَتہٕ دِتس دَپہ نیز دارسو

کو چھِ ہمتھ ڈسی تہٕ منز خوٗلی ہِندِس تنوٗرس ووتھرے تمیک سوٗ رنوٗرِ روخسارسو

کرِ نٕے ییٚلہِ جاے اِدِ منز صندوٗقس کرِ زارِ پارِ ظاٚلمس بے عارسو

دپس اوسُم تنہٕ پٹھ نیزس بیٚنہٕ پٹھ راتس لگبس حلقس زخمس ناچارسو

اَمہِ پتہٕ چھےٚ بیٚیس اکس پوترِ ماجہِ جناب شہربانوؑ ہِنْد بن آوی للبن جذباتن ہنز سبتھے پرُتاثیر، غم انگیز تہٕ رقت خیز باوتھ کرنہٕ آمِژ ییٚلہِ تمہِ شہ موٗس جان جگر حضرت علی اصغرؑ اِدِ پھوٗل گولاب برِ گوہان ؤچھ۔

تِتھے بیٚیس پوترِ ماجہِ بیب شہربانسؑ ییٚلہِ لوٗگ کربلا پوترِ مارا

گوس گرس لرِ پار تژ اوبس لرخاندارا

اَس بیکس بخٚتس کران گژاوو کھسان تتھ کوہس تس غارادریٚنٹھ آوو

دَپہ ناچار گرس ووٗنی مے پیٚتی تژاوو اما گری زِ کاٚماہ تس آغہِ ہِندِ ناوو

اٚنی زبم یوٗری جان جگر چھُ اصغرؑ تیمِس ناوو

بوٚ ییٚتہٕ شِہلِس تھاوَن لگبس یتھنہٕ سیکہِ ہُند تاوو

نَتہٕ مےٚ زن ییٚتہٕ دوہ داوو چاون دبوٚ نہٕ ہیٚیہٕ ترٚیشہِ ہُند ناوو

تہٕندے ستٕی اکبرٕعلیٰ دوکھ مأشراوو روزٕ ے زندٕ کانٛہہ دوہ ییٚتی گنڈراوو

کوٚنٛہہ کربم دفن تیتھے پأٹھی ڈولہٕ بنا تِکیاےٚ مسافرٕ ییٚتہٕ کوٚنٛہہ وَرِ کتہٕ پأدٕ گوٚھسم دردلا

گرِ میانہِ تُلنگ سےٚ چارو واتناوبم مزارو

گُری تھہٕ روخصت ذوالجناحس دَپہِ اِدٕ واوس پیٚوٕ ے نجفہٕ چہٕ وَتہٕ گنڈٕ رچأنس رفتارسو

وَنتہٕ میوٚن حال تتہٕ شاہمردانسؑ دپتس نوش چھے تنہامنزٕ اُ رکس غارسو

دپٕ زبس دٛیتھس تیرٕ حلقس ترٚیشہِ گنہٕ اصغرسؑ موٚرہس کوچھہِ پیٛٹھ بابہٕ سردارسو

اَمہِ پتہٕ چھُ جواد صأبن یمن دون پوٚترٕ ماجن ہٕندبن دوکھن تہٕ غمن

موازنہٕ کوٚرمت۔

یمن دون پوٚترٕ ماجن گوٚبرن بٔغیوٚیس ماردارا روٗدقیامٕہ تانی تہٕند پوٚترٕ ماریادگارا

تِکیاُ اکھ کنڈٕ سورگہٕ پوٚترٕ مرگن اُنی تھہٕ کربلاپوٗ ونس تیت پوٚترٕ واو

بیٚیس گُری تھہٕ وَتہٕ لاج وَستھ تاج دُنیأ کرٕ ژھلنے

پوٚترٕ ماجہِ مأری تھہٕ گبرتہٕ خاندار، غارحصّہٕ آسو

اماپوٚز شأعرچھُ یتھ نتیجس واتان زِ کربلاس منزٕ لیس ییٚہٕ سارِ ے کھوتہٕ

ژٕری کنڈٕ ری تہٕ کرٕ تھی غم وبترٕ اوٗنی پےٚ سوچھےٚ ام المصایب حضرت زینب کبراؑ، جواد

صأب چھُ ونان۔

اماپوٚوچھن انٛدٕ ونٛد سہٕ گٹہٕ کارتہٕ دارمارا

شاہٕ سنزٕ کوٗرِبیب زینبسؑ ییٚلہٕ موٚرہس بأ ے سردارا

تٔمی وُچھہٕ ماران پنٕنی ٹاٹھی گبر سوٚرٕ س بأ ے تھرپیوٚس واو

گٔیس بأے دوکھہٕ زندگی وہال تس ژنجر نال ولنے کاٗتیا ستم پیہم پیش آسو

تِہندی ستم پھران بوٗتہٕ مر کویتاہ بیان کرٕمے وأنجہٕ زٕلنے تم ظلم یم تس حصہٕ آسو

بۄزۄ زِأ کِس پوترٕ ماجہٕ فأطمہ زہرأ س کیا پیش آوو

کِتھہٕ پأٹھی اُچھگاہ کربلاتس مارنہٕ آوو

سو اُس ماتمہٕ گرِ ییٚلہٕ گرِشاہ حسینؑ ترٛاونہٕ آوو تس تِھیہٕ ماذبح تس کرنہٕ آوو

وُچھتمی بیب زینبؑ پتمن گبرن کیتھہٕ پأٹھی سر ژٹنہٕ آوو

آبچِہ ہاژِ بأے قد اوارس فرات پیٹھ خوٗن ہارنہٕ آوو

حضرت زینبؑ ہندی غم تہٕ الم وُچھتھ چھُ شأعر تِتھہٕ کٔنی باکہٕ ژھٹان۔

یم ظلم نۄ رِ زہراسؑ ہاوِیہٕ دُنی یُوٗک دارا ییہٕ نہٕ تمن زانتھہٕ ذأ کرن شمارا

اکثر ذأ کرن ونان تہٕ وچھان دوہے تی بوزنہٕ آو

توٚے ذأ کر حبیبس حواس ڈلنے تہٕ بنہٕ پیٚوس جگرس سم تِتھی بیب زینبؑ ستم نظرِ آسو

چھم گواہ خدا میٚتہٕ نیٚز زن جگرس آوو آم دل بُسہٕ یہٕ قصہٕ کمہٕ زیٚو باوو

جواد صأب چھُ اَتہٕ نِس ییٚمہٕ کتھہٕ ہُند تہٕ نٔنبر کران زِ مشہوٗر مرثیہ نگار حکیم

حبیب اللہ ہس چھِ حضرت زینبؑ ہندی غم بۄزی تھٕے حواس ڈٔلی متی۔ اَمہٕ پتہٕ چھِ

حضرت زینبؑ ہندی دوکھ تہٕ دأدی پھرنہٕ آمتی تہٕ تمی ہندِ ن جذباتن ہنٛز چھےٚ

زبردس عکأسی کرنہٕ آمژ۔

بہرحال مضموٗن ''دارا'' چھُ جذبات نگأری ہنٛدِ حوالہٕ اکھ مقبوٗل تہٕ اہم

ترین مرثیہٕ۔ اتھ چھُ ذأ کر علی محمد فقیر مرحوٗمن تیٚتھ دلاویز وزن کۄرمت زِ ییٚلہٕ

یہٕ مرثی معرکن تہٕ مجلسن منٛز پرنہٕ چھےٚ یوان اکھ بدلے کیفیت تہٕ رقت چھےٚ در ییٚتھی

گوھان۔ ژۄپاسے چھُ صدائے واویلا بلند آسان۔ یہٕ چھےٚ حکیم جواد صأبنی

طویل ترین مرثیہِ۔ اتھ منز چھِ واریاہ قصہٕ نظماونہٕ تہٕ واقعات باونہٕ آمتی۔

جوادصابن چھِ مضمون ''حزن'' یا ''محبس''، ''عفو'' تہٕ ''ریاست''، جیلس منز وُنی متی۔ جیلس منز پانس درپیش سختی تہٕ شامہٕ کہِ قاُدخانک وأناک منظر تحت الشعورس منز آسنہٕ کنی چھُ یمن مضمونن منز زبردس کرٕ تیکھر تہٕ تلواس نظرِ گوھان۔ ''محبس''، مضمونس منز چھِ گوڈٕ پیٹھہٕ اندس تام زندان تہٕ تتھ ستی منسلک واقعات نظمأوِتھ مختلف المناک تہٕ دردناک منظر وو تلاونہٕ آمتی۔

ڈسلابس منز چھُ جوادصاب تہٕ تتھہٕ کنی بارگاہ خداوندی منز اعترافِ تقصیر کرتھ عاجزی سان حمد کہِ توسلہٕ پننہٕ رہأیی باپتھ دست بدعا سپدان۔

یا مخلص المذنبین کڈتم مدعا ۔ چھم بیہہٕ چأنی شنارقم کرٕنی درنظر

یُتھ سپنم دل قوی زانہٕ یہٕ جنسِ بے جا دُنیا عبث تہٕ بے بقا

ژلم بیم زندان تہٕ غمو

تمے ستی لبہٕ رہأیی از قرینِ سنگین شب دیجور چھم ادّعا

چھس تے فریبِ دنیان کو رمُت أسیر تہٕ حقیر یکسر

چھس یمہٕ دربارُک مفتون بنا مرہون اہلِ دنیا

چھم رجا لطف چون یکقلم سأری الم کاسمو

اَمہِ پتہٕ چھُ معجزس منز حضرت امیر مختارؑ سندِ أسیری ہُند مفصل احوال نظماونہٕ آمُت تہٕ وردس منز چھُ شامہٕ کہِ قاُدخانک کربناک حال باونہٕ آمُت، یتھ منز حضرت امام زین العابدینؑ بیکس بیہہٕ تہٕ خوردسال ہیتھ أسیر اوس۔ اتھ دوران چھُ حضرت سکینہؑ سُند واقعہٕ سبٹھٕ ہے وبستارٕ سان باونہٕ آمُت۔

اِدِ منز بأندی وان تمن تھاونے چھنے میو پیٹھ اَنہٕ گٹہٕ دؤ ردؤر

آسہٕ نہٕ کران راتس ساتس ذولو دِیہ ہیکھنہٕ پھیرنہٕ لرٕ نجرن ہُنٛد بارتہٕ دوکھہٕ تاو
دِوان نہٕ کھارنہٕ شاہ بانٛد راُچھ سنگدلو اوٕ ژھیٹہٕ ہن تمن ژوٕ رِژوٕ رے دلگ بخارو
ودِ ہے بیٖب سکینہؑ میانہِ بابو کتہِ ژھایہِ روٕ ہم بیکسہِ وتہِ پیٹھ جدا ٲے گرتھم
یِتم خوا بٕی ہاوے مے کوٗ تاہ لویہ ہم چھم خوٗن وسان کنن گنہٕ دوٗ رنیہِ ہم
چھے خبر سینس پیٹھ گرٕ مو ہٲل اُستم از چھم ژھینٛیٚمتی جامہٕ تنہِ میٚو سنان چھم
بلاے یتھ دُنیاس پانسے نشہِ نتم گوڑ چھی التماس یِیتی بُتھاہ ہاوتم
مضمون عفوس منٛزتہِ چھُ عنوانک پوٚت منظرتہٕ پنن حال احوال برونٛہہ گنہِ
تھاوِتھ یتھہٕ کنٛی توبہ تقصیر کرتھ قادخانکہِ ظلماتہٕ رہاسپد نہٕ باپتھ دست بدعاسپدان۔
تِتھے گرِتھ عفوٗ کڈٕ تہٕ میٚنہِ سختیہِ نشے تازیست رچھتم ہمیشے چھم رجاسوے
وُنن چاٲنی ثنا چھم ازمدت پیشے کریکھ اعداٲن ہنٛدی طعنہٕ نیشے
تم چھم ازتہِ درپے
عفو چون ییمے محبس خانے موکلاوہم یِمہِ کے بہانے کرٕہم کرمو
بلکہ مضموٗن ریاستس منٛزتہِ چھُ اَمے قسمُک کرِتھ دژِ ینٛٹھی گوٗھان۔
مرثیو علاوٕ چھِ حکیم جوادن کینٛہہ کاشرِ تہٕ فارسی نوحہ تہِ لیکھی متی۔ یِمو منٛزٕ
دستیاب نوحہ شامل کتاب چھِ۔ مے چھُ اندرکوٹ کس مرحوم سید حیدر رضوی
صابس نشہِ بوٗزمت زِ جواد صابن اُسی حضرت علیؑ تہٕ باقی اہلبیتؑ پیٹھ واریاہ
مدح، معجزات تہٕ منقبت تہٕ لیچھمٕتیم اُکس بجہِ بیاضہِ منٛز درج اُسی۔ اماپوٚز ۱۹۴۷ء
کہِ قبائلی ریڈ وزِ آے تم لوٗٹ مارتہٕ دزٕنہٕ نشہِ بجنہٕ باپت اُکس پیٹہِ منٛز برتھ زمینس
تل تھاونہٕ بدقسمتی کھوٚت تم نے دوٕہن آب ییمہِ کنٛی سہ سورُے کلامہٕ ضایہ گو۔



# تاج

یا اللہ ژےٚ تاج بخشِ سلاطینہٕ ہٕندی ثنا کرنس مرقوٗم

ازتانٔی زجاج حیران گے

اِدمےٚ ہیوٗ لجلاج حمد چون رقم کٔرِتھ ہیکیٚا

اما لطف چون ہاوِ مے منہاج نیرٕ ازا احتیاج لبہٕ مرادو =

کرہنے سراجِ معرفتہٕ وہاج دل میٚون، کرٕ منظوٗم

تژاوَن داج دجاج حیرت کڈٕ نے

لَبہِ میٚون کلام رِواج اِد کاثہہ عُجاج ادّعا کٔرِتھ ہیکیٚا

سپنہِم استدراج، بے اثر گوٚھہِ مےٚ پٹھ تمیٖک عنادو =

ہٕمن تاجدارتہِ ہوا خواہ تاجہِ کنہٕ تھاوَنو ییٚلہِ ابتہاج سپنیکھ دِلو ۔

دٔپن صاحب تاج دِتھہٕ خراج یہِ بوزناوَنو کرٕ ہن علامہٕ تثبیت یہِ کلام مقبولو۔

کرٕنس قدرِ تاج بالغ کلام دِیہِ شعاع سناج عوامن

سپنہٕ سرتاج پٔرتھ سخنورس کرِ ادّعا کرٕنس اِملاچاُنی ثنا کاثہہ اِدنو ۰

کڈٕہم وونی عمرٕ تمام سۂ علاّم غفلتہٕ اندرو ہُرہم طالع سپنہٕ تاجورو ÷

سپنہٕ ملکِ سخنس کشورستان بے گمان دنیاس اندرو ہیٚتھ سارٕی دوستدارر چھہم ازشرو ÷

سپنہِم بعدِ وفات وٗسیلہٕ نجات سارٕی لوٗ اُحق ہیٚتھے واتہٕ خرامان درجنان +



نوٹ:۔ یہِ مضموٗن چھ ذاُکر جعفر زوارس ماہ رمضان ۱۳۵۰ھ امنز وننہٕ آمُت ۔

ییلہِ قریشی نسب مقصوٗدِ رتاج منبعٔ علوٗم

اَنہِ تشریف شہر یارِ ہاشمی محمد عربیؐ تہٕ سرخم گئے

اِ دِ تھاوَن برسر تاجِ ایمان تاجدارِ دنیا

گومعدوٗم راجِ اصنام، سلطنتِ اسلام آبادو =

کرِ معراج ملاء اعلیٰ سٕہ ملکن تہٕ خلقن ہُنٛد مخدوٗم

کربس ذاتِ پاک تاج لولاک عطاتتے

ووتھ باحشمت ہیتھہٕ مُہرِ نبوت سرورِ انبیأ

سپُن سحروجورِ کافوٗر عالم معموٗر عدل ووادو =

رتہنٛد ے جوٗدِ آدمسٕ سجدٕ دیوٗ ونو ملکن اَتھہٕ کرنأ وِتھ ازِ گلو -

تاجِ شفاعت مخصوٗص تس تھوٗ ونو کوٗ رُن روزِ جزا اس مأ لکِ گُلو -

ابنِ عم تس خلیفہٕ تھوٗ ونو لیس ناوچھ علیؑ حلِ مشکلو -

تُمی اسلام دوّام زندٕ تھوٗ ونو دزا اس عہدِ غا ئُیلین باُ ذِلو -

رتہنٛدُ ے اُچھگاہ ترٛ سیم امام چھُس تو شان تَسُند بلنٛد شان وچھان ہرِیوم گاش چشمن

کوٗر کو یتاہ نوٗرعین حضرتس شاہ حسینؑ خدائے اوحدنو •

لکھان معتبر خبراہ بحرالدّرو ییلہِ آو بدنیاسہٕ امامتک دُرّو ÷

تھاوِ دوہے معموٗل ادِ شہپرٔو وٕسن بدولت سرائے شاہ حیدرٔو ÷

کران چشمہٕ دیدارِ شاہ حسینؑ نہِ منوّرو تس رِگندان وِسان ہیکہ تہٕ روبرو ÷

کھُسی تھہٕ برفلک ملکن اندرو اوس یو ہے کران فخرو ÷

دوہہٕ اکہِ شاہزادِ پھرِ نہٕ تس کُن روئے انورو روح الامینسؑ گیہِ فکرو ÷

سپُنس معلوٗم چھِ زلعل منزٕ لس اندرو اُئی متیٔ اُ کی شہر یارُ ری بخدمتِ آنسرورؐو ÷

تتھے کِنۍ ٚنی جگر پارس دِیہِ نبوتک صدرو توٚے جبرئیلس٘ التفات کرِنہٕ امامتک بدرو÷
اِدملوٚل کھوٚت پھیرِ تھ برساواتے اوس غم کھوان وٚنتھ نہٕ ہبکان +

## علی

تانۍ زبانِ قدرتہٕ کربس ندا دافع الغموٚم
یا جبرائیلؑ زِ از کیا پیٚو فکر چھے
عرض کرِ چھکھ ژٕ آگاہ یارِ با پانئے ژٕ واقفِ اسرار کرِ کیا اظہار حقیر عبادو=
کربس ندا خالق الکلام خوش آم سپٚن چون مغموٚم
وونۍ اَمہِ بدل تی عطا کرے
یُتھ بر جملہ ملائکۂ سماوات چون فخر و مباہات ہُرِ بے حساباہ
سپٚن شہرٔ شاد بوٚزی تھہِ یہِ ارشادو =
تانۍ برسرتس پیدا سپٚنو مرّصع تاجاہ زن لوٚلوٚ ۔
کرِ ربّ الجلیل تمیک عدیلِ محال آسُنو تمیک نوٚر کران مقہوٚر لعلو ۔
دوٚپ جبرئیلنؑ تھبکان ملکن نِیہِ ہاوٗنو
بدولتِ فرزندِ صاحبِ معراج سپٚنم یہِ تاج حاصلو ۔
تمکۍ وصف لبھن پیوان طوٚل کلامس دیٚنو توٚے خلاصہٕ کوٚرم نقلو ۔
ژٕ اوہنہٕ از سرٕ تہ تاج شہرٔ توٚ تام یِوٚ تام کوٚر کربلا مقام امامؑ
اِدیٚلہِ وَلن اشقیأ تس پیشوائے دپنس مارِنس انصارن یارن سرِ قدنو •
موٗر ہس لبِ دریا سقائے لشکرو علمدار بوٚے شیر دِلو ÷
گرِ تھ قلم شانہٕ تس ژٕ اُوِہس پھرو سپنس تہٕ چشمن آس کانہٕ پھلو ÷
تس گرِ پیوان وٗچھِ امام گیٚس خم تھرو آو لاران توٚتے باٗے جلو ÷

تس یوٗان گژایہِ کران بابہِ بابہِ مضطرو دِپان کتہِ پیٖو ہم بابہِ دردلو ÷
تہِ ڈیشتہٕ ہیٚیہِ ٹُلن تاج شہپرؑ ازسرو ژھیوٗنس جگریوٗ زِتھ امامہٕؑ سٕندی لبلو ÷
گوس ندا یا جبرئیلؑ مہٕ کر تعجیل یہِ تاج ٹُلنس ژٕتے
قریب سپنہٕ سُہ زمان کرکھ سر عُریان +

علیؑ

اِدِ ییلہِ وُچھِ ماران شاہؑ قاسمؑ بأے سُند زِدان شاہ حسینؑ مظلوٗم
اوس روح الامینؑ وچھان تس کتی زخمِ سِنان پہے
سپنُس جگرس چاک تژاوِ باکاہ
ییلہِ وُچھن گُرِ یوٗان چھوکہٕ لدسُہ صاجزادو =
وُچھِ امامسؑ لاران أش ہاران سپُن یُوٗ مغموٗم
وُچھن پیوٗ مُت سُہ مہر اِز تس مأنز تازے
آمُت متھنہٕ سبہرِ سرس خوٗن تہٕ خاکاہ
سپنُس جگرس تاراج، تژوٗن دوٚیمہِ پھِرِ سُہ تاج کریٚان اِرادو =
آس ندا چھنہٕ وُنہٕ وقت یہِ تژاوُنو یا جبرئیلؑ ہیٚیہِ گرا کر ژٕے دِلو -
نزدیک چھُ ییٚی سرنُن تھاوُنو سپنی سُہ وقت ییٚمہِ کھوتہٕ مشکلو -
اِدِ سُہ تاج ہیٚیہِ تتھے کنی تھوٚوُنو چھاوان اوس کنین کلو -
تس پتہٕ اِدِ نیران وُچھنو امامہٕؑ سُند جانِ جگر علی اکبرؑ مقبولو -
تُسُند دہان ترِیشہِ دادِ خشک ڈیوٗ ٹھنو گیس جگرس زن چھلو -
سپنُس لرزِ پأدِ تام ییٚلہِ وُچھن مُنقذ بن مُرہ ظالمن
دیٚت ضرب تس شاہزادس بے عار بدکارن مورتدنو •

سُہ گُرِ پھوان شبیہٕ پیغمبرو دِیہِ صداباہٕ ووٚنٛد مے کلو ÷

یُوٗ زی تھہٕ یہِ صدا شاہ حسینؑ سرورو دِیہِ ودٕنکی صدا دَدِمتہِ دِلو ÷

دڑاوڈٕ کی ڈٕ کی پکان بیکس تہٕ بے پرو ودان پیوٗ ہم کتہِ نوگُلو ÷

تڑاوِ امام عمامہٕ ازسرو تہٕ وُچھتہٕ کرِ اراِد جبرئیلؑو ÷

ہہوان تُلُن تاج تڑ یٚیمہِ پھرِ، زِ تڑاو پتھرو گوس نداز یا جبرئیلوؑ ÷

وُنہِ فرصت چھے یہِ تاج تڑ اوِنس ژنے تے ووٚنی بَنہِ طوٗفان ژ گوٚھ وُچھان +

## علیٰ

اِدٕ وُچھِ شمرؑ دڑاو امام کو چھِ ہتھہٕ علی اصغرؑ معصوٗم

۱

..................................................

کران ظاٗلمن التماس گری توم جدٕ سُند پاس دہتوم تڑ یشاہ

یہِ دوتوٚ ہی تہِ چھوٗ صاحب اولادو =

وُ چھتو یہِ اڈٕ کوٚل آبہٕ پُڑی برٕ گوٚم

اَ ہٕشدِ مو کھہٕ جگرس مےٚ چاک گے

مربم تتھے پاٗٹھی یہِ اُچھگاہ چھس نہٕ پھوران شاہ

نیر بو کیا مراد تیمس معصوٗمس ہوٗرن عنادو =

اَتھن پیٹھ تُلی تھہٕ ظاٗلمن ہوٗ وُنو تس نوٗرٕ حلقس کان لاٗیس حرملو ۔

کو چھِ پیٹھ امامس ژھرٗ ٹھ دیوٗ وُنو کھور تچھنوٗ وُن اڈٕ پھوٚل گُلو ۔

تمہِ زہرٕ کانچ شربتِ مرگ چوٗ وُنو ہے ہے سُہ امامُو گُلو۔

۱ مےٚ برٗ ونٹھہٕ گنہِ چھُ خود بخطِ شاعُر نسخہٕ موجود، یتھ پیٹھ اَمہِ مصرک دوہیم حصہٕ پانہٕ شاعُرس یُوٗمُت چھُ، چونکہِ یٚیمہِ مرثی ہُنٛد بیٚیہِ کانٛہہ نسخہ سپدم نہٕ بہم لہٰذا اچھس یتہ سوٗ ہن نقل کرنہٕ نشہِ معذور (ساجدؔ)

امامن کانہ سانےٚ سۆرنو وُڑرورن میٚوتلو ۔

رۆدنا چارتنہا امام کۆرن پانہٕ عزم میدان مظلوٗمن

کئی فی تہٕ شامی ژھوپاری ولنس کرِنس تیرِ اندازتہٕ نیزٕ بازچھو کہٕ لد بدنوٕ

ہیوٚتنس زخمن دَگہِ خوٗن نیرُن یکسرو تئیت ضرب دِنس سنگدلو ÷

اِدلوٚت لوٚت ذوالجناحہٕ وُسی تھہٕ پھرتھوٗرن سرو سُجدس پیٹھ روبقبلو ÷

ییٚلہِ گرِ پہوان دوٗ رِڈیشس کافرو آولاران تِتھے شمرِ قاٗتلو ÷

ہے ہے وُنہٕ پاوِ عالمس ستمگرو لاگہِ از قفا خنجرس کرتلو ÷

تمہِ ساتہٕ جبرئیلؑ ژھرٹھ دِیہِ میٚوٗ پیٹھ پھرو سُہ تاج تژاوِنالہٕ دِیہِ دَدِمَتہٕ دِلوٚ÷

سُہ کافرامامس ژٹہِ سرو دژایہِ برملا بیہٕ کران لبلو ÷

شہپرٕ تہٕ تژاوِ باک کرِ خاک برسرو دوپُن قیاٗمو تام یہِ تاج ووٗنی دِما بلکلو ÷

گووو ڈُنن لاران دَپہِ حضرتسؑ تہٕ پوترِ ماجہِ خبرو موٚرِ ہو حسینؑ پھری وِ قاٗتلو÷

آیہِ دبد فاطمہؑ ہتھ بابہٕ پیغمبروؐ سورگہٕ نیرتھ کران لبلو ÷

پتہٕ پتہٕ شاہ کران پوترو پوترو ودان ہوٗرہَیہِ کینہٕ حسینہٕؑ ونَدے کلو ÷

پوترِ ماجہِ شاہ حسنؑ رُٹی تھہٕ تھرو سومو پریشان چھاوان دَتن کلو ÷

پانہٕ ودان تس تسلی دِوان حضرتےؐ

واتی پان ماران وُچھکھ سئری روہس زُودان +



منقول از مسودہ بقلم خود حکیم محمد جواد فراہم کردہ حکیم شیرعلی صاحب خانیار

# دافع الغم (حزن)

یا کاشف الہم تھاوِتم دِل ناشاد غمہٕ نِشہِ آزاد دما

تِکیا چھُ دردامِ نفسِ سرکش آمُت گرفتارو ہواوہوسن دُنیاہٕ کراوٗن زیر بارو

ہبکا گٔرِتھ چاۓنی ثنارقم چھُس کھوژان، موژان ازغم پگاہ آسم نامۂ اعمال

تِکیا گٔرم برباد زندگی دُنیاہٕ کہِ امارو نمیُوس نہٕ بند رِگیہِ چانہِ زانٔہہ غفارو =

حزنک مخزن سپنیُوم دِلو چھُم نہٕ قرارو -

سپنِن ییلہِ پگاہ میانہِ عملو آشکارو -

گوھم حزن افزوٗن سپنہٕ سرنگوں تہٕ طعنن نشانے کڈ انفعال پننیٚ اعمال

کریم نے رحمت چاۓنی رستگارستا

یااللہ گٔری زبم عفوٗک فرمانو عطا محشرکہِ میدانو ÷

دیزبم عذابو نِشہِ امانو ییٚہِ عبوٗرِ صراط آسانو ÷

یاۓنی دفترِ احسانہِ یہٕ ارشاد نیرے ژلیم غم سپنیم جِنان ماوا +

علی

ییٚہِ سپنیم باعث کشف ہم کرِحوالہٕ قلم نعتِ خاتمِ انبیاءؐ

تمہِ کے فیضہٕ ژلنم یکبار سارٕی افکارو ہُربم منزلت تہٕ لبہِ اعتبارو =

سُہ مالکِ لوح وقلم شافعِ اُمم دیہِ سُنٛد اُمینا

آوِ پژتھ ذیکیالس مہمس سِٕے درکارو تہندے ناوِ روٗد عرش برقرارو =

نوٹ:۔ یتھ مرثی چھُ حزن تہٕ محشرتہٕ ناو ییٚہِ چھے فرٲکرجعفر زوارس ۱۳۴۶ھ منز ونہٕ آمُت۔

# دافع الغم (حزن)

یا کاشف الہم تھاوٕتم دِل ناشاد غمہٕ نِشہٕ آزاد دما
تِلکیا چھُ در دامِ نفسِ سرکش آمُت گرفتارو ہواو ہوسن دُنیاۓ کراوٕن زیر بارو =
ہبکا گٕرتھ چانٕی ثنا رقم چھُس کھوژان، موژان از غم پگاہ آسم نامۂ اعمال سیاہ
تِلکیا گٕرم برباد زندگی دُنیاۓ کہِ امارو نمیٚوس نہٕ بند رِگیہ چانہِ زانہہ غفارو =
حزنٕک مخزن سپٕنیوم دِلو چھُم نہٕ قرارو -
سپٕنن ییلہِ پگاہ میانہِ عملو آشکارو -
گوٚھسم حزن افزوٗن سپنہٕ سرنگوں تہٕ طعنن نشانے کڈٕ انفعال پنٕنی اعمال بوزانے
کربم نٔے رحمت چانٕی رستگار ستارو ۰
یا اللہ کٔری زبم عفوٕک فرمانو عطا محشر کہِ میدانو ÷
دِیزبم عذابو نِشہِ امانو ییٚیہِ عبوٗرِ صراط آسانو ÷
یانٕی دفترِ احسانہٕ یہ ارشاد نیرے ژلبم غم سپنِم جِنان ماوا +

علی

ییٚیہِ سپنِم باعث کشف ہم کرِحوالہٕ قلم نعتِ خاتمِ انبیاؐ
تمہِ کے فیضہٕ ژلنم یکبار ساٗری افکارو ہُربم منٔزِلت تہٕ لبہٕ اعتبارو =
سُہ مالکِ لوح و قلم شافعِ اُمم دَیہِ سُند امینا
آوپژتھ ذیچیالِس مہمس سُے درکارو تھندے ناو رٕوٗد عرش برقرارو =
نوٹ:- یتھ مرثی چھُ حزن تہٕ مخشرتہٕ ناو۔ یہ چھےٚ ذاُکر جعفر زوارس ۱۳۴۶ھ منٕزونہٕ آمُت۔

اوٚن شفیع ئمی یوتہٕ پڑتھ غاٗیلو سردارو ÷

کربکھ مدّ عا تِتھے حاٗصلو کردِگارو ÷

اُسی غموٗ نشہِ نیران توشانے امان لبان تہٕنٛد ناوہوانے

کرِ نسخ ادیان سُے رسول مختاروٗ =

تہٕنٛد ے پنہٕ ژٕج گٹہٕ کفرٕ چ ازجہانو نٗورحق تِنے سپُن عیانو -

مےٗ بدست چھُ تہٕنٛدُ ے دامانو لگہٕ اَتھہِ حسابس یٚیمہِ آنو -

مٚیون نامہٕ اعمال پانےٗ سُہ شیرے کاسم غم ئہے چھُم واثق رجا +

علیؑ

چھُ حمدٕ نعتہٕ پتہٕ مسلّم کرُن رقم مدح شاہ لافتیٰؑ

تِکیٚا بوسُے شاہ (محسن) نجاتُک مدارو کران پڑتھ کاٗنسہِ مہمس چارو =

نیرِ سُے ازغم یس آسہِ محکم نقشِ دلس وِلائے شاہؑ

گوٚھن تس عاٗصی یس ساٗری گناہ عفو یکبارو سپنہٕ جنتس حقدار سُے بختوارو =

پیش یس دُنیاس آو مشکلو سُے آس بکارو -

گوٚنہٕ محرُوٗم کانٛہہ ساٗیلو تٚمہِ دربارو -

ئُری تن مٚیتہِ تِتھے حل مشکلو چھس امیدوارو -

منگی توس سپنتھ ساٗری یکدلو دوستدارو -

رٗوزی تن محبت تہٕنٛد نارس حاٗیلو روزِ شمارو -

یٗوزی تو محبو چھُ واٗعظاہ لبھانے بہوش رٗوزی تو کرٕ مو بیانے

در کتاب بحرالمصائب کران اظہارو •

لبھان لگہِ حشر محشر یٚیمہِ آنو[1] تٚمہِ دوہہٕ زن ناروسان آسہِ آسمانو ÷

[1] لبھان لگہِ یٚیلہِ محشرُک میدانو (نسخہٕ جعفر زوار)

اہلِ محشرن تَمہِ طۆ فانو ہو کھن رگ وپے تہٕ زبانو ÷

گوھنکھ غش العطش العطش کرانو آسکھنہٕ تتہِ آب امکانو ÷

ووتھہِ ژو پور شور تَمہِ عنوانو گوھن محزۏن ملک سہ حال وُچھانو ÷

پیہ دریائے رحمت بجوش تَمے آنو سپنہِ فرمانِ یزدانو ÷

نیرِ نۍ یین ہُنٛد سلطانو کرِن شفاعت اُمتین چھس درمانو ÷

اِدٕ آنسرورشافع محشرؐ یتی ہتھہٕ نیرے ساقی کوثر علی مرتضیٰؑ +



تھاوِ محشرس منٛز قدم سہ فخر آدم رسالت پناہؐ

وچھتہٕ سہ عاٰلی جناب کرن اضطراب دِن بارو

زاٰلی بخارن تہٕ تریشہِ داٰ دی کرسون چارو =

تورٕ فرماوِکھ سرور عالمؐ برٕ ومہٕ کیٛنھہ غم کر بوسیر آب مہر آبِ کوثر شاہؑ

بۆ زِتھ یہ فرمان قاٰسمِ جنت ونارو لارن بخدمتِ حیدر کرارؑ =

اِدٕ نٹان نٹان تم خستہٕ دِلو کرن گفتارو ۔

یاشاہؑ چاو (تہٕ) تریشاہ اَسہِ ڈۆدی دِلو رۆدنہٕ اختیارو ۔

فرماوِکھ تۄے جواب اِدٕ باٰ زلو ہیٚو قرارو ۔

چاوبو (تریش) شاہ حسینؑ دَیہ سُنٛد مقبولو میۆن جگر پارو ۔

یُس موُرکھ رٔٹی تھہٕ آب ہتھہٕ تو گلو کوفکو دہندارو ۔

یُس لیٛجہِ تاپس کربلا وتہٕ پتھ ڈُلو ہتھہٕ غم خوارو ۔

یُس دِوان ژھرٕ ٹھ سیکہٕ پتھ ترٛاوٕن زولو مددگارو ۔

بہٕ تھنڈٕ ے تریشہِ دود پھران از تانی میٚو تلو اوسُس بار بارو[۱]۔

تس اُچھ تہٕ ہو نٹ وَٹہٕ ہن یم دردلو تم شوٚنگس مزارو[۲]۔

کفن کرنہٕ گنہٕ ژٕٹی تھہٕ جامہٕ، کڈی تھہٕ نالہٕ نٕنس سنگدلو ظالم ستمگارو[۳]۔

تس اُسی سرژٹان تہٕ نالہٕ ژھٹان وأژس ئرس تلو دبد ناچارو -

سو آسمانہٕ پیٚمژ لٔدی تھہٕ میٚو للہل کرانے اُسس میٚو پٔٹھہٕ تلی تھہٕ چھو کہٕ لدگلی للوائے[۴]

دپان حسینؑ میانہٕ کٔمی دیُتے یُتھ آزار لگے ثارو[۵]۔

ہبا سرلٔدی تھہٕ نیزس چھے سِنانے چھے ماچھو کہٕ لدتنہٕ سکھ تہٕ گنہٕ سَنانے

مأری ہے بأے، گبر تہٕ یار کوٚڈ ہے ژٕٹی تھہٕ بیمار تہٕ بیٚنہٕ ناچارو[۶]۔

وٕتس تو تے پوترو پوترو کرانو ووڈُن تہٕ ننہٕ وور رسول سبحانو ÷

ژٕنی دِوان شہیدن مٔژ تثیت وِدانو[۷] ژٕری روٚس موٚر تہٕنڈ نہٕ پرِ نانو ÷

وٕچھن تانی سیٚکہِ پٔٹھ ڈولانو روٚٹہٕ نالہٕ مَتہٕ نالہٕ دِوانو[۸]÷

تانی کفن ژٕٹی تھہٕ بایہٕ کرانو وٕتس امام حسنؑ تہٕ ودانو ÷

اوس حضرتؐ ے ستہٕ ستی ودانو پوترٕ ماج تہٕنڈ خوٗن بتھس متھانو ÷

تتے پٔٹھہٕ اِدٕ پوترٕ موج کوربن ستی شام نیرے

یوتہٕ حضرت شاہ حسنؑ اُسس پتہٕ پتہٕ پکان ہمراہ +

حاشیے

۱ ......لرِ لرِ پھیران میٚو تلو کران تہٕنڈ بن ظلمن شمارو (ج۔ز) ۲ وٕچھن تس ہونٹ وٹن یم دردلو شوٚنگس تم قطارو (ایضاً) ۳ کفن ولنہٕ گنہٕ ........ ژٕری تھہٕ پارٕ پارو (ایضاً) ۴ سو آسمانہٕ مٔژی تھہٕ میٚو اُسس للہل کرانے شانٔدٕ کھور پھیران، پھران ظلمِ ساربانے (ایضاً) ۵ ودان کٔمی گلی ژٕٹی میانہٕ پوترو آس ناعارو (ایضاً) ۶ ...... چھے ماسکھ تہٕ گنہٕ چھو کہٕ لدتنہٕ سنانے سر چھے نہٕ رٕتھہٕ باٹھی جگر وکرے دپدارو (ایضاً) ۷ اوس شہیدن مٔژ وٕنی دِوانو (ایضاً) ۸ ودان ودانو (ایضاً)

اِڈ تم مبتلائے ہم وغم یۄزی تھہِ یم سِتم  کرن واویلا

دِن چاک لدن خاک کرن پانس مسمارو  وَدن تڑیشہِ ہتہٕ گھنڈی خنجرن کۆ رنکھ مارو=

گرٕ ھسکھ درہم وبرہم  ووتھان پھوان کڈان قدم  کران جزع وفزع

واتن نِشہِ مسافرِ کربلاس تم ناچارو  کرن عرض پٹن حال ودان زارزارو=

دَپہٕ نس آغہٕ سانہِ کربلادِڑ ے نہٕ تڑلیش قاتِلو  آ کھنہٕ عارو -

تڑیشہِ دادِ برٕ گری ہے اِڈ پھٹلی گلو  شیرِ خوارو -

مۄدُے وأج ژ ہاتیت مقبولو اکبرؑ جگر پارو -

کربے سکینہؑ تڑیشہِ دأ دی جگرس چھلو بٹیوے گٹہٕ کارو -

کۆ رُتھ تاب منگان آب برۆ نہہ گنہِ دِیی جان اصغرؑ جانے

تھنڈ ے ناوٕ اَسہِ تڑلیش چاودڑ اوجانے

یتھ گرمس بے آب رۆ دنہٕ تاب تہٕ طاقتِ رفتارو ۰

دپکھ جواب شاہؑ سُند زۆ دانو  یوچھس عباس علیہؑ پڑ ارانو ÷

چاویو آب سُے کڈیو ارمانو  لیس پانس رٔ ٹ تڑلیش مسلمانو ÷

اِڈ تم تڑیشہِ ہتہٕ تھے ژ ھانڈ انو  ییٚن نِشہِ آبدارس لارانو ÷

دِوان فریادرٹہٕ نس دامانو  اَسہِ رۆدنہٕ تاب تڑیشہِ دادِ دڑ او جانو ÷

دپکھ نۆ ے جواب سقائے کربلا ودانو  یمہٕ ہااما یو چھس منڈ چھانو ÷

پٹھ حوضِ کوثرس ماتشنہٕ دہانو  سکینہؑ وُنہٕ مے تڑیشہِ آسہ پڑ ارانو ÷

آسہِ ماژھینہٕ مۆ مشکہِ میانہِ ؤلی تھہٕ پانو  نتہٕ آسہِ میأنی ژٔ ٹی ہتی گلہ للوانو ÷

ژٔ ٹی ہم شانہٕ مشکہِ سان تھٔزے ویرے (اما) تو تہِ گو منہٕ تس وعدس وفا +

علی

(یہِ) ہۄزی تھہٕ پیٚکھ غم لارن یک قلم کرن شاہ حسینؑ عرض یہِ ماجرا
تہٕ ہۄزی تھہٕ دِپہ بیٚب سکینہؑ باب نامدارو[1] گوہ اُنٛ پٔتُن چِھ بابہٕ مئیون غم خوارو =
لیس (بیٚب) سکینہؑ پیے تتی ستم دُنیاس پیٚہم ژھس نہٕ پانس ترٛیشاہ
پیٚہ لاران نِشہِ عباسِ علیہؑ بے اختیارو انبس پٔتھ کوٗرس ستی یکبارو[2] =
(خلقو) وہہ پیٚوم جگرس زن آیم کرتلو ہیٚو تمم نارو -
کو چھہ ہتھ سکینہؑ ژھو متو گلو وَدِزارزارو -
تہِ بنا پیٚیس یاد سہٕ اڈٕ پھوٚل گلو شیر خوارو -
دپہ نیرِ ہم تمنا پھولہِ ہم دِلو پیٚہ ہم قرارو -
چاوٕ ہن ترٛیشاہ اصغرؑ لیس پھوٚر حرملو جفا کارو -
یی پھران چاوِ گوڈٕ سکینہؑ اِد ساری سأیلو کرِ سیر آبدارو -
تمن چاوی تھہٕ آب سپُن نہٕ پانہٕ مأیلو تتھ آبس علمدارو -
وَنہٕ کیاہو کھُم آہ گوس پریشانے لتس کوٗرس پٔتھ آب بأ گرانے
پیٚہ مایا دشاہ اکبرؑ شبیہٕ رسول مختارو •
چیٚہ رکتھہٕ پانس ترٛیش آسبس ویش ہوانے
تُسند ترٛیشہِ دود آسبس نیش زن یوانے
تہُنذ ےلو کچار پھران آسہِ ودان زارزارو •
نتہٕ مایا دپیٚس تمہٕ آنو شاہ قاسمؑ بأ ےسُند الال خانو ÷

[1] بابہٕ شہیدن ہُند سردارو (ج۔ز) [2] پیٚہ لاران نِشہِ عباسِ علیہؑ امام حسینؑ جگر پارو حضرت عباسؑ اڈٕ کجہ ژھتہٕ میٹھی دِیس لول بربس رٹبس درکنارو (ایضاً)۔

نوٹ:۔ یتھ چھیرِ چھُ ذُکر جعفرزوارنس نسخس پٔتھ واریاہ ہیرِ پھیر کرنہٕ آمت۔ اماپوٚز مے گُر تھے کنی نقل یتھہٕ کنی پانہٕ شاعرن چھے دون نسخن پٔتھ گرمو۔

یُس ترٛیشہِ ہوٚت مأنزِ اتھہٕ ہاوانو موربأے ہتھ کربلا مسلمانو ÷

نتہٕ آسہٕ نس پِنٛزٕ ژٕڈی ہتی شانہٕ مشانو ییلہِ آسہِ ہبس یاد پیوانو ÷

مرُن اصغرنؑ وُتھ پھیشانو بابس کوچھِ پیٹھ کھور تچھانو ÷

آسہِ ہبس وہہ زن پھیرانو تس بابن پانےٚ کوٚڈُن کان لمانو ÷

نتہٕ ییلہِ پانہٕ نیزٕ پیٹھہٕ اوس وُچھانو گوٚنڈ مُت رزِ بیمار نیم جانو ÷

پیٖیس یاد بینٛین ہُنٛد سُہ قید خانو زٕنجر وسان سکینہؑ دیٖن جانو ÷

نتہٕ مایاد پیٖیس کھسُن بیب زینبؑ یُزِ دِنہِ ہیرے

ہتھہٕ سأری معصوم تہٕ عابدؑ ین شاہ +

نتہٕ بأیس شاہ حسینؑ تس ما پھیرے پیٖیس ویش تس روٚس چیٖاہ ترٛیشاہ +



(خلقو) بوزان کربلاہکی ستم جگرس پیوان سم بنان تئیت حالا

چھُم پرٛتھ رگہِ نشتر زن لگان ہوان نارو

چھُس ہلال زن گلان پھِران سُہ گٹہٕ کارو =

چھُ درکتاب نوٗرالعین رقم ییلہِ امام عالمؑ شاہ حسینؑ ووت کربلا

سُہ عرشُک گوشوارٕ مہرنبوتُک سوارو کرنا وِ برپا خیمہٕ نامدارو =

گوڈٕ آب رٹہٕ نس کوٚفلکی سنگدلو بے عارو -

دِنس نہٕ اُستھ بُری بُری کولو چنبس واگذارو -

ییلہِ تشنہٕ تربن دوہن روٗدُس کأملو شیرِ خوارو -

گأس بَرٕ آیہ پوٗری اڈٕ پھٔلی گلو جگر پارو -

اُنہٕ نوٗدُن ناد دِتھہٕ بأے دردلو آبدارو -

دوہپس اصغرٕنی ترٛیشہِ دأدی زولنم دِلو میأنہِ غمخوارو ۔
سکینہؑ عطشن تہِ کرِنم چھلو کرتکھ چارو ۔
اِدٕ گنڈی تھٕہ ہۆل ہتھٕہ کرتلو سُہ زوروارو ۔
منزٕ خمس ہتھٕہ شاہ اکبرؑ اوس چاہ کھنانے وَنہٕ کیا گأم چاہ دوڈم آہ دزام جانے
راتس پیھم گھٕنی تھٕہ زٕ چاہ دزاس نہٕ قطراہ چھنا گٹہٕ کارو •
آیس دوہشٕونی چھن بُتھِ گنہِ مےٗ تنہٕ زن آم کانے فرماوبس اِدٕ امام زمانےؑ
کرباہمت گوہ فرات پتھ لاگ آبدارو •
یۆزی تھٕہ بأے سُند یہِ فرمانو سپُن فرات گن تتھے روانو ÷
کرنس ظأٔلم تیر بارانو لۆگ اَتھہِ ساسن گُنٕے جانو ÷
تتی حملہٕ کرِ ذیشانو مأرِن پانژہ ہتھ تہٕ ترٛہ ہہ درآنو ÷
تانی آو زِرارہ بن محارب سخت جانو تمی کۆر عالمس طۆفانو ÷
زأگی تھٕہ ژوٹنس ؤچھن شانو مُرِتھ ژھرٕٹھ دیۆوُن شاہمردانوؑ ÷
اِدٕ تتھے پأٹھی ہرکرانو مأرِن بیٚیہِ پنژاہ پہلوانو ÷
ژٹبس عبداللہ شہاب بیا کھ شانو رنجہِ نۆوُن رسول سجانوؐ ÷
أستھ بے دست شاہؑ سُند زٕودانو کرِ بیٚیہِ پنژ ترٛہ ہہٕ نارس روانو ÷
تانی نۆرٕ چشمن گری تھٕہ انمانو بیا کھ ظأٔلماہ لایس کانو ÷
اِدٕ ییلہِ سینہٕ مبارکس آس کانو گرِ ہو گوگوٹ جہانو ÷
اوس سیکہِ پتھ ژھرٕٹھ دِوانو سوے دگ للوان دِیہِ جانو ÷
وُچھتہٕ یہِ حال شاہ حسینؑ یی ونان لارے
اَلاٰنَ ان کَسَرَ ظَھرِی وَقِلتَ حَیلتِی عباساہؑ +

علی

بأے دوکھہٕ پئیوس غم گوس تھٲرخم آوتوٗ تےٚ کران واوٚیلا
یئیتہٕ اوُسس پیومُت لرِ نرٕ ژوٚٹ زوروارو
اوُسس نہٕ کیٚنْہہ دژ ینٛٹھ یِوان وٗنی دِوان اوس وِدان زارزارو=
دِیَس ناد گتہِ پئیوہم وُنہٕ پأوتھم بابہٕ وتم بٔنیوے کیٛا
چھہمہٕ باہر کران کِنہٕ ژھایہِ روٗدِ ہم جانثارو وتم کتھ جایہِ ہیوٚ تتھم قرارو=
تانی پرزٕ نیٚ پتھر مشک تہٕنزٕ گری تھہٕ پارٕ پارو یئیہِ پھُٹو علم تہٕ رتہٕ بوٚ ڈ دستارو=
اِدِ دِیس صدا[1] دَ دِمَتہِ دِلو سردارو -
کتھ جایہِ بابہِ ترٛ اُوتھم زولو وفادارو -
سوریم ترٛان ووٚنی دژاس مُلو گوس ازکارو -
وُچھن تانی سیٚکہِ پٹھ پئیومُت دردلو قداوارو -
ژوٗٹی ٔمتی تس شانہٕ کوٚرمُت کانہٕ پھَلو سینٛس گذارو -
نیران ڈیکس تہٕ چشمن خوٗن کولو کولو زن فوٚارو -
اِدِ ٹکی تھہِ مشک، علم تہٕ شانہٕ شانْد پٹھ لبلو کربس ناچارو -
للوان کو چھِ ہبتھ چھوکہٕ لدکلو وارٕ وارو -
دیان گوس بیکس بایو وولو وولو وَتہِ پٹھ آوارو -
یہے لبل کران بٔنیوس بیٛا کھطوٗ فانے گوس پھٹوٗ نہٕ دارِ شاہ اکبرؑ تہٕ نیرانے
چھتیوس ریش انبس کیٛا پیش پُر جفایہِ سمسارو ۰
چھم یی پھِران حالابنان مارٕ ناپانے کوتاہ کرِ دِل چھُ صاحب کتاب لِکھانے
کرِ ناجامن پارٕ ییٚلہِ دژاو میدان سٕہ رسولہٕ سُنْد یادگارو ۰

[1] اِدِ دِیَس ناد (نسخۂ جعفرزوار)

أسِس پڑتھ طرفہٕ تیر یوانو ماریتھے پانٔو ہتھ سوار تشنہٕ دہانو ÷
ییٚلہِ گوس یٔوتر یشہِ دادِ خشک دہانو آوزِشہِ بابس لارانو ÷
تھاوبس دردہان امامٕ پننٕ زبانو گوس تسکین ذراسپُن بیٚیہِ روانو ÷
مأرِن بیٚیہِ اَکہٕ شیتھ تمہِ آنو اِدزخموٕ ستی رٔدس نہٕ جانو ÷
گرِ پیوٚ نادلایہِ بابہٕ جانو یٔری ولہٕ اکبرؑ ووتھ دے جانو ÷
یٔزی تھہٕ یہِ صدا ووتھان پیوٚانو کھوٚت ذوالجناحس امام فریاد دِوانو ÷
ودان پیٚو ہم گتہِ میانہِ زٕ ودانو تانٔی وچھن میٚو پیٹھ ژھرٕ ٹھ دِوانو ÷
ژاہٕرٕ سکھ چھوکن دزٕاہٕرٕ نبر زبانو وٕنہٕ لتس شاہ اوس کھسانو ÷
مٔزرتس عمامہٕ تس پیرانو ہنہٕ ہنہٕ خٔون تنہِ نیرانو ÷
پیٹھ ہام دنٛدن تس بنٛد الانو بنٛیوس حالاہ سٕہ حال وٕچھانو ÷
رٔدس نہٕ اختیار تمہِ آنو کوٚڈنہٕ پایۂ مبارک از رکاب اوس ودانو ÷
بے تاب ووٚتھ لایہِ تمے سانو حال بنٛیوس گوس گوٚٹ جہانو ÷
بُتھہِ کِنٛی پیوٚ پتھر کونہٕ پیوٚ آسمانو رِتھہٕ رٔد بحال یہِ دورانو ÷
پیٹھ نہٕ بیب زینبہؑ تی أس وٕچھان دٔرے دزایہِ برملا کران الوداع +

علی

ییٚلہِ باغِ امامت گوٚ وبرہم کوٚرہس قلم ظألمو کربلا پھرا
رٔدتنہا شاہ حسینؑ شہیدن ہُنٛد سردارو رسولہٕ سُنٛد جگر پارہ دَیہِ گرک خانہٕ دارو =
اوسُس بینین ہُنٛد غم یمہٕ کیا کرٕنم گوٚھن مے پتہٕ بے پناہ
اوس دٔچھن تہٕ کھوٚور وچھان ناچارو
پانے پانس وان ترٛاوان ودان زار زارو =

دِوان صدا عباسہؑ یِکھنا، ہیٚنِن ہنٛدِ غم خوارو

نیرِ نٔے یمہٕ باُنٛدی شام تہٕ تام ہتی گو ھتکھ شرمدارو =

یہ ہبا اکبرؑ نی مرنن وولہٕ نس مولو گوس لاچارو -

اڈٕ کوٚل اصغرؑ (تہٕ) گری تھہٕ گوم ژھلو تمہٕ لوکہٕ چارو -

شوٗبیا شونٛگن چون میوٗ تلو چھاوارو -

ووتھ باکرون مہراز قاسمؑ دردلو چھُ ازوارو -

ژِ گنٛڈتس خلعت یہ شیرس منٛدِلو کرون خانہٕ دارو -

بأیس شاہ حسنسؑ[1] اڈکرنس رِگلو روزبس نہٕ وارو -

دِمہٕ کوٗ ژھہٕ ہتی فاطمسؑ مأری ہس دردلو بأے نامدارو -

اوٗسس عابدؑ ہن شاہؑ یہٕ چھُم عأیلو چھس نہٕ وارو -

یہ پانس ووا رِکنہٕ توہہٕ کرِ مولبلو[2] جانثارو -

ترأووس تنہا کڈٕ ووس مُلو روٗٹووم مزارو -

زندٕ چھمنہٕ کانہہ کرِ کس رِگلو یہ ناچارو -

تانٛ یہٕ یوٗ زی تھہٕ خمہٕ مژٕ یہ نہٕ ترٲوِ ودان لہراپب شہر بانےؑ

یتم شبیہٕ پیغمبرؐ علی اکبرؑ لگے قربانے

ہبا لگے اُتھ تھزِ کارِتہٕ پھٹوٗ نہٕ دارِ میانہٕ دل قرارو •

یہ اأسس از تانٛ امید برانے ووٗنی شیرِ ژےٚ رِکتی ییٚنہٕ وأ لی سامانے

کرتھ وار کار ژِتہٕ خانہٕ دارو •

ووٗنی رٹہٕ غار ژےٚ بروٗنٛٹھے روٗٹھم مزارو •

[1] ابابس شاہ حسنسؑ (ایضاً) [2] توہہٕ کرولبلو (ایضاً)

ماجن چھِ امید روزانو مُرِ تھ ہٕن گبر قبرستانو ÷

یوٗ اُسس ژٕ ے ژھاین آے وٕنٛدانو دپان مُرِ تھ دِہم ژٕ ے سڑانو ÷

کفن ڈٲلِتھ نکھ دِہم سیٖنہٕ پانو لگ ِمنز والہٕ ہم زٕ ودانو ÷

گبرز بتھ گیس حیرانو گوٚ ووم اکہٕ اکہٕ نیرانو ÷

پتم ژٕ ے اصغرؑ لگے قربانو گرِس مرنن چانٛی یُو پریشانو ÷

وُچھِ ہے کتھ جایہ اوے کانو کرے مرہم تہٕ دگ للوٗ ے پانو ÷

منزٕ ل اُلرٕ ے کڈٕ ے کانو چاوتھ ترٕ یش وٕنٛدٕ ے جانو ÷

نٔتے سپنٕم آب امکانو چھلے رتھ دِمے پانہٕ سڑانو ÷

خبر چھا کٔنے ووٚنی کانٛہہ ہُنہٕ رانو تیم حصہٕ نیر بم جان ژٕ ے ودانو ÷

لگیم اڈٕ کج سکینہؑ کتھ بانٛدی وانو ہو کھہٕ نس شاہ رگہٕ بابس ودانو ÷

زٕ نجرِ للوان نیر بس جانو ترٕ بن دوہن ڈولہٕ منز قید خانو ÷

لتس نہٕ کانٛہہ تُلہٕ، دِیہٕ سڑان، کفن شیرے

مُرِ تھ تہٕ جیل روزٕ نس نالٕ ڈٲلِتھ بنا +



ماخذات:-

نسخۂ ڈاکٹر صفدر صوفی بخطِ شاعر حکیم محمد جواد مملوکہ ڈاکٹر غلام مصطفیٰ صوفی ماگام

نسخۂ بخطِ شاعر حکیم محمد جواد فراہم کردہ حکیم شیر علی اصل مملوکہ مرحوم حکیم صادق علی اندرکوٹ سمبل سوناواری

نسخۂ ڈاکٹر جعفر زوار مرحوم مملوکہ ڈاکٹر شبیر حسین زڈی بل

# دارا

بخشتم یا خالقِ دارا مے مبتدیٔ خموٗلسِ طالعٔ دارا
یُتھ سپنم بخت اعتلا پیٖم دارائے سخنورناو
لبم اِشراق واحراٗزی مقال اَلنے سخندان اختراع شناسو =

گٲری تھۄ اِتکا برتختِ استیلا زن دارا سپنۍ حاٗمدن ستی دربار دارا
گرٛ ھِ ثمین تۄ احلیٰ مٔیونِ کلام، عرٗوج لبم ناو
حذّاق تۄ حاٗفظ پھولنے جمجمۍ حاٗسدن کھٔین تژ اسو =

دادرسِ دارا چھُ چونے ناوو ارادِ چانہِ آدمؑ عدمہٕ دژاوو -
بخشُتھ مُشتِ خاکس دارا ناوو لوٗبُن ہمسرن مژ رتباہ علاوو -
باختصاص چاٗنی درگاہ چھِ تاجورن اسعاف عاٗدلا
شاہ وگدا ساٗری چھی امیدوارو پروردگارو •

درددارائے نفسن یو پتھ کوٗرنس کوٗرمۍ اعراض حکم آفریدگارسو ÷
راقیٖن راوِرُم ریعان رام کوٗرنس گٲرمۍ کجروی امرِ کردگارسو ÷
گٲری تن متۍ پگاہ اَسِہ تتہِ درمانو اٗنی توس شفیع دارائے ابنیاٗ +
•
علیؑ
بوسُے حضرتؐ نٔبیین سردارا اُمتین شفاعتک مدارا
تسند ے ناوِ یوسفؑ چھۍ مژ دژاو
سپنۍ مقرّبِ بارگاہ ملک یٖلہِ وَلنے تہندِ اخلاصک لباسو =

نوٹ:۔ یہ مرثیہ چھےٚ ذاکر علی محمد (دوم) فقیرس ۱۳۴۹ ھ مژ ونہ آمُت۔

بوقدرتُک رازدارا داغِ ہر جہاندارا دارِ دامگاہس منز ییلہٕ آو
سپُن دارالنّعیم دنیاتہٕ ژلنے شرک و بدعت ویاسو =
آدمس کَڈ غمہٕ تھۆنڈ ے ناوو مہمہٕ وِزِ موٗ ساس بکارآوو -
نوحؑ ییلہِ گردابہٕ ولنہٕ آوو تھۆنڈ ے ناولاگبس بوٗٹھ ناوو -
دارِ پیٹھہٕ عیسیٰؑ تہٕ والنہٕ آوو پھولان خلیلؑ نارِ منزٕ دژاوو -
بوسُے جنابؑ سرتاجِ انبیأ سبحان الذّی اسرٰی ک حاُ صلا
کربس قضاوقدرس مختارو خلّاقِ داورو ٠
تس تختِ رفرف اُسی تھہٕ تاجدارس میل (مأل) کوٗرنہٕ زانھہٕ فرشِ زرکارسو ÷
دِژِن تن دوہے قوتِ لایموٗتس پھوٗر بوٗ رُن نہٕ زانھہٕ یتھ سمسارسو ÷
کوٗرنہٕ سیرِ افلاک اُکی ہے راتس پیٹھ ملکوٗتس ییلہِ کھاربسو ÷
تس خلعتِ رسالت پانہٕ یزدانو کربس عطا وزیر تھوٗ ونس شاہ +

علیؑ

ووٗنی سپنہٕ شاہؑ سُند مدح آرا سپنہٕ مے خضرِ توفیق یارا
تس دارائے دپنہٕ ہندِ ناوِ یونسؑ از بطنِ ماُہی دژاو
ایوبسؑ آلام بکنے لبہٕ حیاتِ ابدی خضرؑ والیاسؑو =
سُہ دَیہِ گرُک خانہٕ دارا دپن ووٗنی یوٗک دارا مشکلن عدوَن تہٕ بکارآو
تُہند غبارِ نعلین عینَن ییلہِ مَلنے حوٗرِ لَبن قصوٗرِ جنان خاصو =
تس نشہِ انزِعُ البطین مراددژاوو فارتُو بسُورَۃ مِن مّثلِہٖ لکھنہٕ آوو-
بلّغ مَا اُنزلَ اِلیکَ شہپر ہتھہٕ آوو بجق علیؑ یا نبی خلقن باوو-
تتھے اَلیَومَ اَکملتُ فرمان دژاوو من کُنتُ مولاہُ فعلیٌ مّولا وَننہٕ آوو-

پرٕنی صلوات توٚے خاص ارشاد دژاوو تس یُس اکھاہیٚہِ شاہٰ سُند ناوو -
تس شاہٰ سُند مدح ونان چھُم انان فرحتاہ چھُ کتابِ اربعینس منٛز اکھ فاضلا
روح افزا معجزاکران اظہارو بۆزی تو وارو ۰

درعہدِ خلافتِ بنی عباس منٛز شہرِ موصلس اوس مرد ابخیل مشہوٗر رتتھ دیار سو÷
بغضِ اہلبیتؑ اوس تس بخیلس زنانہٕ کوٗر اٲسس بدکارسو -
سو کوٗر دوستدار بیہِ اٗس تس پٔنٕزِ دبدٔمری تھہٕ لٔج اَتھہِ تس جفا کارسو -
گوغلہٕ گیران (گران) تتہِ اٗکس سالس بار گوس رچھٕن تٔسند ستمگارسو-
تھاوِ ونس دوہہٕ مقررٕز قرصِ نانو اٗس تمے کھوان کران قناعتاہ +

علی

دوہہٕ اکِہ برٕ پیٹھٕ اکھ دپند ارا فقیر اشاہٰ سُند دوستدارا
دِیَس صدا شاہٰ سُند ہتھہٕ ناو
وٲتم تزٕ ے دوہ فاقہٕ شُربن اولس تہنٛدی جلنے دِتم کینٛہہ آغہٕ ہندِ اخلاصو=
بۆزی تھہٕ یہِ صداسو نیک کردارا دِیَس پٔنٕزِ زٕ قرصِ نان کرِنہٕ تٲرا
دپس میوٗن ساس زٕ فداتس یُسند ہیوٚ تُت ناو
کرٕ کیا چھُنہٕ کینٛہہ تھوٚ مُت بیٚتہِ سنگد لنے نتہٕ دِمہٕ ہے بے ہراسو =
رٕنٹی تھہٕ تم قرصِ نان سُہ فقیر دژاوو یۆہ کال گوٚھی تھہٕ کو رِیو چھِ ستی ضعف آوو-
تمہِ بخیلہٕ ہندِ حُک اوڈ قرص (نان) کھیاوو ییلہِ اِدِ سُہ بخیل گرٕ آوو -
دپس کُمِ کھوٚبیہِ میوٗن حصہٕ مے بۆزباوو پھیرٕ تھ دپس بابہٕ سٲیلا آوو -
دیتمس پٔنٕن حصہٕ شاہٰ ہندِ ناوو چانہِ منٛزٕ مے نصف کھوٚ ییلہِ آم تاوو -
دوہپس چھکھہٕ ژٕ بۆ ترٲبٔی مے سُہ اَتھہٕ ہاوو ییمہِ اَتھہِ دیتھ نان تہنٛدِ ناوو-

یوٗ ژٔنے سُے اَتھہٕ چھیپے ہرگاہ تس شاہؑ سُند محبت ژٔے دِلس کاٗملا
تَمے ستیٖ سپنہٕ منیٖتہٕ آشکارو چھبس دوستدارو •
چھُ کیٚا اَتھہٕ یوٗ جان ونِدٕ ہاتس دِیس، ژٹ دپبس بے عارسو ÷
امابا یہٕ مَتہٕ کرتم ناقص تہٕ محتاج خلقس سبٹھاہ زارٕ پار کرِیان سیاہ مارسو ÷
اِدٕ سہٕ اَتھہٕ ژٔ ڈی تھہٕ نٔرِ تھپھ گرنس کڈبس نبر دِیہٕ آزارتسو ÷
اُس پکان ودان وأ ژأ کس طرفس منز صحرا تل کُلِس سایہٕ دارسو ÷
گیہٕ بے حال تِتھے گوٚش تس کوٚرزخمن تہٕ پکنن گٹہٕ کارتسو ÷
تتھ شہرِ موصلس اوس پادشاہا تَمہِ زمانو دوستدارِ اہلبیتؑ عاٗدل تہٕ عاقل سبٹھاہ +

علی

اَمے دوہہٕ شکارس دژاوزن دارا ہیتھہٕ لشکرتہٕ پژتھ سردارا
تس پانس دٔ رِا کھ آہو نظرِ آو
ژھاٗنڈِن کمند زِ تتھ منز ولنے تانٔ اَکھ ؤزیر ہیتھہٕ آسو =
اوس سُہ آہو خوش دپدارا دورٕ وبس گرپتہٕ پانہٕ دلدارا
سُہ آہو تس وُچھتہٕ ژوٚل زن واو
ژ اولاران منز تمن گُلبنے پادشہس نظرِ نٔ آسو =
تانٔ کُلِس تل تس بوزنہٕ آوو اکھ نٔوراہ تہٕ تتھ کُن آوو -
وُچھِ ژٔ ڈی تھہٕ گل حوٚرزن کوٚرا پیٚو مُت تس واوو
سا سہٕ بُدی جانور پکھو ستیٖ کران تس واوو -
تِہنٕز صوٗرت وُچھتہٕ خاتونِ یغما شرمہٕ آوو مفصّل وُنِ مطوّل مے ذریٚتھ آوو-
گرِ ؤسی تہٕ پادشاہ تس نکھہٕ آوو تِتھے تس کوٚرِ پیلہٕ ہوش آوو

وَنہِ پادشہس احوال تہٕ تس عار آوو ژٕڈٕ تھہِ دستار گنڈ بس زخمس شاہٕ ہِندِ ناوو۔
گٕرِن بر پشت سوار پانس تہٕ دژاوو یوٚ تانی فوج پٔنن تس اَتھہِ آوو ۔
منگہٕ نوٚوُن زانپانہٕ گٕرِن سوار سو بے پناہ ہِیَس قصرِ شاہِیَس منز اِدسہ عاٗدلا
اَنہٕ نوٚوُن سُہ بخیل بد کردار و کرٕ نوٚوُن سنگسار و ۰
دِیہِ تس کورِ ہُند نوٗر روشنی چترِ عنبر ہِنس رشک کرِ ہلال وُچھتہٕ ابروے خمدار سو÷
اوس کُنُے جگر پاراتس پادشہس کربس عقدٕ ستی تس یادگار سو ÷
تمیک حال وُنن دِیہِ ہے طوٗل مقالس توٗے اوٗنم منز اختصار سو ÷
شبِ عروٗسی ژٕ تژ یِش شاہزادس کرِ طلب تہٕ مہرِ نی انبس بختوار سو ÷
وُچھس کھوٗ وِرِس اَتھس گلاس ملال اوٗننس دوٚپُن چھنہٕ لائق یہِ کُنہِ کار سو÷
چُھسنہٕ تمیز ژٕ چھنِس تہٕ کھوٗ وِرِس اَتھس لوگس بابن کَتھس کار سو÷
مہرِ نہٕ تہٕ بوٗزی تھہِ حال اوٗننس گژ اوٗ کرِ وُدان فلکِ ناہنجار سو ÷
مہر اِژ تخس پیٹھ کھٕسی تہٕ شوٗنگ ییٖلہِ وُچھِن وُدانو مہرِ نی ژٕ ژھ کرِ وضوا پرٕ نماز ا+



گٔیہِ بے ہوش سٔجدس پیٹھ وُدان ناچارا وُچھِ خوابس منز بر تخت وسان سردارا
تس ستی ترٕ نے صاحب تہٕ اکھ خاتوٗن، تخت اُمی سے نکھہٕ آو
شاہانہٕ تاج تِمن صاحبن پیٹھ کلنے خاتوٗنہِ ہُند لباس تہٕ نوٗرِ خاص و=
کوٗرِ تِہِنٛدی نوٗرن روشن سُہ دارا زن دژ او خاتوٗنِ فلک ژٕ نہٕ تارا
تختہٕ پیٹھہٕ وٗسی تھہِ تس کورِ، لگی تم کرنہِ واو
میٹھی دِنس ڈٕکس تہٕ گُلِنے ساری تم دَیہِ خاص و =
دپیس سو خاتوٗن مہ برغم مے چھم فاطمہؓ ناوو ہُم چھم بابہ محمد مصطفیٰؐ مے ستی آوو۔

یہ خاندار چھُم علیؑ دیتھ اَتھہٕ یَسْندِ ناوو یم گامؑ زِ نۆ رعین حسنؑ تہٕ حسینؑ ناوو۔
تانٕ دِپہ فاطمہ زہراؑ امامس ہیتہٕ یا علیؑ ناوو تِہنْدے موکھہٕ یمس گُل ژٹنہٕ آوو۔
گریٖوس اَتھ علاج اُمس کھرآوو بیکسہِ چھسہٕ پیوٗ مُت واوو ۔
ادِ بلند گری تھہ برہوا ید اللہ اَتھہٕ ہیتھہٕ آوو سہٕ گُل لاگبس تہٕ تس انگ آوو۔
تِتھے تختس پیٹھہٕ گُھسی تھہ سپٕنی تم روانہٕ برسمأ ہُریوٗ وتس کورِ خوابہٕ منٛزِ منٛزِ لاہ
گیہِ بیدار تہٕ وُچھِ گُل وارو ژوٗلمُت آزارو ۔

یہ معجزٕ پھِران پارٕ گئے جگرس ژٕ ڈی تھہٕ جامہٕ لدٕ ناسوٗر روخسار سو ÷
سو فاطمہؑ زہرا پننہٕ نس جگر پارس کونہٕ آیہ ہیتھ ستی حیدر کرارسوؑ ÷
ییٚلہِ ساربان شاہ حسینسؑ نۆرِ بدنس گُل ژٕ ڈی تھہٕ دیا وِژھرٕ ٹھ ناچار سو ÷
کونہٕ آو سہٕ ابوترابؑ کبتھہٕ آوتاب تس شرٛاکھ رٹہٕ ہے تس ستمگار سو ÷
نتہٕ تمے ژٕ ڈی متی گُل بیٚیہِ لاگہِ ہبس قرار دِو بیٚیہِ ہبس آزار سو ÷
اوسُس کیا تنہِ خوٗن ہنہِ ہنہِ نیرانو زخمو روس خالی اُسس نہٕ مویا +

علی

چھُ پوترٕ دودوأ لنجہِ کرنج دارا زن یِوان پوترٕ ماجہِ دِوان مارا
ییٚلہِ تس فاطمہ زہراسؑ کربلا پوترٕ دوکھ پیش آو
وزا یہِ سور گہٕ لیل کران گُلنے گری تھہٕ موپریشان لُدی تھہٕ ساسو =
وزاس ستی شاہ حسنؑ تہٕ حضرت تعزیدارا بیٚیہٕ دوکھہٕ لدٕ شاہؑ لیس پھوٗرشامُک دارا
دِپان حسینہؑ پوترو یہٕ کیا بنٛی تھہٕ آو
لگوے یمن نۆرِ گلبنے یم ژٕ ڈی نے ماری متس نزِ عار آسو =
تانٕ پوترٕ ماجہِ سُری روس مۆردٕ ژ ینٹھ آوو گوس تازٕ دوکھ دیبس نے موکھ ہاوو۔

لولہٕ گلہِ میٲنہٕ یم چأنؠ گلؠ یوللہٕ ناوو وتم گتہٕ چھی یو بابس ہاوو ۔
دپس بابہٕ اُمتبن مےٚ کیٲرچاوو رٔدِم نہٕ پتھ مُرِ تھہ تہٕ گرہم پرٕناوو ۔
نتہٕ چأنِس بابس دَپہ اعجاز ہاوو حسینسؑ مےٚ یم گُلؠ بیٚنہٕ لاٗ رِگتھ تھاوو ۔
نتہٕ یہِ اصغرؑ یو یمن ہاٗوو دَپھ حسینسؑ ژٔڑی ہم گُلؠ، تیمس کان آوو ۔
گتہِ چھےٚ دبد اصغرِ نؠ یوتس یہِ پُشراوو سوأمِس سُلہٕ وی یو دگ ژٔےٚ للناوو۔
سوأمِس کرِ ہو ہو چھس دوٗدُک تاوو یو کڈٔ ے ژٔےٚ یم کان ،تن تلہٕ ناوو۔
یو تروژِ وُچھتہٕ گیٚم سئد رِتھاہ رأوِم وتھاہ کس ماجہِ دُنیاس پیش آس یتھ غأیلا
چھےٚ بٔری تھہٕ رتہٕ دأ راکوٚ رمُت پارٕ پارو نیٚؤمُت سرژٔڑی تھہٕ دستارو۔
یو کیتھہٕ باپأٹھی اژِ جنتس آسن بند چأنؠ سیکہٕ پیٹھ پٔزاران مزارسو ÷
بأے گبرہتھ سرنٔےٚ شام لٔدی تھہٕ نیزس کیتھہٕ پأٹھی بیٚنہٕ تہٕ بیمار تُلنے زٔنجرٕ بارسو÷
یو تہٕ نوأ ریٚمے ٚ ستی شامس گژِ ایہِ مَتہٕ دِتس دَپہ نیز دارسو ÷
کوچھِ ہمتھ وٗسی تہٕ منزٕ خولی سِندِس تنٔورس وتھرے تمیٚک سٔورنٔورِ روخسارسو÷
کرِ نٔے ییٚلہِ جاے اِدِ منز صندوٗقس کرِ زارِ پارِ ظاٗلمس بے عارسو ÷
دپس اوُسم تنہٕ پیٹھ نیزس بیٚنہٕ پیٹھ راتس لگبس حلقس زخمس ناچارسو ÷
یہِ دولؤسم پیٹھ اَتھ تختس دِتم تہٕ یہِ رٹن گرامنز کنارسو ÷
وَتہٕ اُس تھوٚپ دِمہٕ زینبسؑ تہٕ کلثومسؑ تژ اوٗنے ییٚلہِ وان بأ ے نامدارسو÷
پکہٕ تھپھ گٔری تھہٕ زٔنجرس ستی سکینہؑ وَتہٕ تھرٔ رٔےٚ تیمس بیمارسو ÷
کریہِ عذر خوأہی مہراز قاُسمسؑ رِنہٕ شانہٕ للوٗ ے چأنِس آبدارسو ÷
یو ترومےٚ آونہٕ وُنہٕ اٹگ ضربِ دروازس کیتھہٕ پأٹھی ہٕول گٔنڈی تھہٕ وَدے ناچارسو÷
ہمہٕ ہنےسکینہؑ یوٚ ے نگھہِ پانس اما کرِ کیاپنہٕ نٔس آزارسو ÷

دِمہٕ نے بابہٕ چون ستیٚ کورِفائطمسؑ سوے کوچھِ اصغرسؑ ہیٚی شیر خوار سو ÷

ٹُلہِ اَکہِ نکھہِ سرشاہ اکبرسؑ بیٚیس نکھس ہیٚیہِ سرعلمدار سو ÷

ژٔے چھے پانہٕ ہاٗل ستیٚ بڈی بابس پیٹھ موہرِ نبوتس کھاٗری سردار سو ÷

تِتھے پاٗٹھی یمہٕ وَے ستیٚ ستیٚ سرورس اَژوٕیُژوٕدِنس دربار سو[1] ÷

تھاوِنے تتہِ ییٚلہِ سربرس اویزانو یوٗمُرداٗری تھہٕ روزَے چھُہم اُچھ گاہ +



تِتھے بیٚیس پوترٕ ماجہٕ بیب شہر بانسؑ ییٚلہِ لوٚگ کربلاپوترٕ مارا

گوس گرس لُرٕ پارتژ اوبس لرخاندارا

لیس پادشاہ بابہٕ آسہٕ ہوٚرداین ہنٔز جایہٕ تس کیا کیا پیش آو

کربس چھلہٕ واٗلنجہٕ پوترٕ جلنے تس تہٕ سےُ نینوا پھرِ کرِاٗ کی ہے گرِڈاسو =

مورٕ ہس اکھ جگر پارو وتمت خانہٕ دارا بیا کھڈایہٕ ووہرٕ ے شیر خوارا

گوس اُچھن اَنہٕ گوٚٹ اِدِتس ژھوٚٹ دژ ییٚنٹھ آو

کران ارٕسرٕ دژایہِ تنہا گرتیت زخم کھیوٚس دِلنے رٔ دِس نہٕ حواس پکان کوہاتھہٕ آسو =

اُس بیکس بخشس کران گژ اوو کھسان تتھ کوہس تس غار ادریٚنٹھ آوو -

دَپہٕ ناچار گرِس ووَنی مے ییٚتی تژ اوو اماگری زِ کاٗماہ تس آغہٕ ہندِ ناوو -

اَنی زبم یٔ ری جانِ جگر چھُ اصغرؑ تیمس ناوو

یوٗ ییٚتہٕ شہلس تھاوَن لگبس یتھنہٕ سیکہٕ ہُند تاوو[2] -

یَتے مے زن ییٚتہٕ دوٚدآوو چاوَن دیوٚ نہٕ ہیٚیہٕ تژیشہ ہُند تاوو -

تِہندے ستیٚ اکبرنؑ دوکھ ماٗ شراوو روزٔے زندٕ کانہہ دوہ ییٚتی گٔذراوو -

۱ اَژوٕیُژوٕدس مژ دربارسو (اصل) ۲ یوٗ ییٚتی شہلس تھاوَن لگبس نہٕ ییٚتہٕ سیکہٕ ہُند تاوو (ایضاً)

نَتہٕ یتھ ہُنہِ رانس منزٕ کھٕنز براٗنت تھاوو
چھنہِ ییٚتہٕ کانٛہہ سوائے دیوارتہٕ خدایہِ سُند ناوو -
سۆے برۆ نہہ گنہِ آسمہ ساٗری غم غوصہٕ تژ اوو
زن نہٕ گبر ماٗری ہم تہٕ مےٚ کانٛہہ ستم بٔزِتھٕ آوو -
خبر چھابیکسہِ ووٗنی ڈیشُن پیٚیم کیا کیا آلیس سوران کتھ جایہِ نیربہٕ جان گیس دربلا
آسہٕ نم ژوپاٗری وقتِ احتضارو ییٚے غارٕ کی دیوارو ۰
کۆنٛہہ کربہٕ دفن یتھےٚ پاٗٹھی ڈولہٕ بنا تِکیاےٚ مسافر ییٚتہِ کۆنٛہہ ورِکتہٕ پاٗدٕ گژھہم دردلا
گرِ میانہِ ٹُلنگ سےٚ چارو واتناوہٕ مزارو ۰
گٔری تھٕ روخصت ذوالجناحس دَپہِ اِدٕ واوس پیٚوٚئے نجفہِ چہٕ وَتہِ گذرچاٗنس رفتارسو ÷
وَنتہٕ میٚون حال یتہِ شاہمردانسؑ دپتس نوش چھےٚ تنہا منزٕ اَکس غارسو ÷
دِپی زبس دٛیتھس تیر حلقس تریشہِ گنہِ اصغرسؑ مورٕ ہس کوچھِ پیٹھ بابہٕ سردارسو ÷
کۆرہس لولہٕ گۆ برس سرجداا کبرسؑ تژووٕ ہس نبدرن بدن تس جگر پارسو ÷
ظاٗلمِ پارٕ پارٕ کرنس نۆرٕ بدنس اِدٕ لدٕ نس نیزس سرخاندارسو ÷
اڈٕ کچ ڈٔلی تھٕ ژٕ نجرس باٗنڈی شام کڈٕ ہس ژٕ تھِ جامہٕ نیٛوکھ عمامہٕ بیمارسو ÷
سومسافرکس مَرِ منز غارس ہاژتھٕنز واٗتی ژےنامدارسو ÷
یتہٕ کرتنس زندٕ اَکوے زٕودانو سےٚ روزبس مرنس تانی ہمراہ +

علی

یمن دون پوترِ ماجن گۆ برن بنٛیوٗیس ماردارا رٕودقیاٗموتانی تھٕنٛد پوترِ ماریادگارا
تِکیا اکھ کڈٕ سورگہٕ پوترِ مرگن اُنی تھٕ کربلاپوٗ ونس تیٚیت پوترِ واو
بنٛیس گٔری تھٕ وَتہٕ لاٗج وَستھ تاٗج دُنیاٗ کرٕ ژھلنے
پوترِ ماجہِ ماٗری تھٕ گبرتہٕ خاندار، غارحصہٕ آسو =

امامہو وُچھن انڈٕ وٚندسہٕ گٹہٕ کارتہٕ دار مارا
شاہٕ سنٛز کور بیب زینبسؑ ییٚلہِ مورٕ ہس بأے سردارا
تٔمۍ وُچھِ ماران پٔنٕزٕ ٹأٹھۍ گبر سۄرٕس بأے تھر پیٚوٚس واو
گیس بأے دوکھہٕ زندگی وبال تس زٔنجرٕ نال ولنے کأتیا ستم پیہم پیش آسو =
رتھنڈی ستم پھران بوتہٕ مرکویتاہ بیان کرٕمے وألنٛجہٕ زٕلنے[1] تم ظلم یم تس حصہٕ آسو =
بۄ زۄ زِاٗ رکس پوترٕ ماجہِ فأطمہ زہراؑ اس کیا پیش آوو
رکتھہٕ پأٹھۍ اٗچھگاہ کربلاتس مارنہٕ آوو -
سواٗس ماتمہٕ گرٕ ییٚلہِ گرٕ شاہ حسینؑ ترٛاونہٕ آوو تس تھِیہ ماذبح تس کرنہٕ آوو-
وُچھ تٔمۍ بیب زینبؑ پننٮ گبرن کیتھہٕ پأٹھۍ سر ژٹنہٕ آوو
آبچہِ ہاژِ بأے قداوارس فرات پیٹھ خۄن ہارنہٕ آوو-
ژأٹھ تھہِ شانہٕ سہٕ گرٕ ترٛاونہٕ آوو چھوکہٕ لدتا پس بے سایہ تھاونہٕ آوو -
تٔمۍ وُچھ تس بأیس رکتھہٕ پأٹھۍ چشمن تیرٕ تارنہٕ آوو مشک ژٔٹھ تھہٕ نالہٕ کمہِ حالہٕ مارنہٕ آوو-
وُچھن مران بأے سُند اٗچھ گاشر شبیہٕ پیغمبر اکبر شاہؑ
بیٚیس بأے سُند نۆ ربھر مأژٕ نمہٕ وٕ ے تاژ مہراز ہیتھہٕ بأے قافلا
گۄھان بأے سردارس غم خوار یارتہٕ انصارو اٗکہِ اٗکہِ سأری مارو •
وولنِ چاک جامن ییٚلہٕ تس روبرو امامن پأرتھ پانس سلاح کجان ستۍ اصغر شاہؑ
منجین ظألمن ترٕ لیش اونہس روزِ سیاہ پیش مارٕنس دِتھ کانہٕ پھلا
سہٕ معصوٗم شیر خوارو کۄفی بے عارو •
اَنہِ تس بیب زینبسؑ تھِیہٕ نِشہٕ بیب شہربانسؑ امام ودان کانہٕ سان تس شیر خوار سوٗ

[1] وألنٛجہِ دبل تُلنے (نسخۂ حکیم صادق)

وُچھن اِدٕ سے بأے جان گُنے منٛز میدانس لوٚ گمُت اتھہِ نشانہٕ پڑتھ کماندارسو÷
تران ساسہٕ بُدی کان تس نازک بدنس کران ہیم جان سَنان سردارسو ÷
سپنس قیامت گرِ پہوان یامت تس وُچھِ سپنس پتھ کھسان شمر بدکارسو ÷
اوسُس حال بنان وُچھان پڑتھ ظلمس کجان نہٕ آہ اماگاس چاہ وُچھتہٕ تتھ گٹہٕ کارسو÷
وُچھن ییلہِ سُہ بے حیا ژٹان سراز قفا امامس پیٚیس تھپہٕ تھارلدِ یکبارسوٚ ررخسارسو÷
گری تھہِ چاک جامن دژا یہٕ خمہٕ دفعتن بیکس اتھہٕ موٗران لیل کران بأے نامدارسو÷
أسس تتھ بدنس أندی أندی پھیرانو دیان بایوگیس بے پرژنہٕ تہِ لرتژ اَو تھمہٕ با+
علی
ہو بایہِ روٗ دُے نہٕ اَسہِ بیٚنین کُنہِ تھر دِنس وارا
ژےٚ روٗس کیا بکار زندگی تہٕ یہِ دُنی یوٗک دارا
ژٗے لَسہٕ ہکھ تہٕ زن نہٕ اَسہِ کوٚ ژھ ھامو یاو
دِیہِ ہے چونے دیدارتسلی وونی سانین دِلنے مشہٕ ہن گبر قاسمؑ تہٕ اکبرؑ بیٚیہِ اصغرؑ عباسوٗ=
أس ہتھ سکینہؑ تہٕ ام کلثومہؑ ناچارا تل نیزس بأے سرورس ییٚے لیل کران وودان زارزارا
گأم جگرس پارِ گوٗھی تہٕ تیٚیت بوے مارٕ اِدس کیا پیٚش آو
ہوٗری تھہٕ عناد ظألم امام گرس بنیاد ژٹلنے
آو بے دیٚنن وارلوٗٹنہِ خمن ژاے یکبار ساسن ہنٛدی ساسو =
سپٗن تیٚیت گیٚر ووارا چھم نہٕ یارا زِکرِ اظہارا
کیٚشہہ تنگھ زروزیور کیٚشہہ بیمارس بستر بیٚیہِ لیس یہِ اُتھہِ آو
وُچھتہٕ خمہٕ نارپأوبیکسہِ تھار بیمارٕ ہندی جلنے تکیاسُہ ناچار تتھ منٛز یکبار رہنہٕ آسو=
تمہِ لارِ سرتس خمہٕ تھمس چھاوٕ نہٕ آوو
بأے سُنٛد مِراشہ حصہ آس خوٗن ووشاس چھوک تس آوو -

ہیوٗ تنم جگرس نار وٲتتھ تیت آزار تس ماتاب آوو

اُس اُژی تھٕہ منز تتھ نارس بٲے ہٕندِس یادگارس کران واوو -

دپان اُمی سے نارٕ چ بزاہ واتناوِ المآہ یٖیم واوو بٲے صاحبس منز دُنیاس اِد ماروزبم ناوو-

یکطرف وُچھِ سکینہؑ س جامس ہیوٗ تمُت الاوو اُس اِرسرِ کران تس نار مؤران تمہِ ظلمہٕ واوو-

تِتھے بیٚاکھ کڈُ رظلماہ تس پیش آوو ییٚلہِ تہٕند بٲندی شام نیرُن حکم دژاوو -

دژا یہِ ام کلثومہؑ تہِ بٲے ہٕندی یتیم ہتھٕہ بے پناہ

اُسس بٲے مٲری تھٕہ ییٚتہِ پتھ وَتہِ اَنبھ تمے وَتہِ شمر جٲ ہلا

گوس تاز دوکھ کھٔیوس جگرن چھوکھ وارو ییٚلہِ وُچھن ئری روس بٲے سردارو۰

وتھرِ تتھ سکھ شاہؑ سُند زوِ دان وُری تھٕہ ساسہٕ بٔدی کان پادشاہ

دیٚت نہٕ دٲرِتھ وٗنتہٕ پتھٕہ پان آیہِ پان ماران کران واٚ یلا

یوٚرُن بٲے ہٕندِ رَتہٕ نوٗرِ روخسارو کوٚ رُنہٕ بُتھہِ بُتھہِ دِوان داغدارو ۰

اِد ییٚلہِ وٲژشامس سوٚ بیکس پتھ وٗنتس منز بازارسو ÷

اُسس سکینہؑ پانس ہتی منز کجاوس بٔیس وٗنتس گنڈی ہتی دست و پا بیمارسو÷

اُس تسلی دِوان سکینہؑ س ،گرِ گرِ وچھان بیمارس کھوژان ییٚیہِ مامنز یتھ بر وبارسو÷

تژاوان اکھ نظر کلثومسؑ بیٚاکھ مہر نی فاطمسؑ دپان پکتہٕ وارِ وارِ سنانس بدکارسو÷

یہِ دوگژ ایہِ چھم لگان سرس بٲے صاحبس چھس پننہٕ کھوتہٕ آزار لگان شیرِ خوارسو÷

اُس اَکہِ اَتھہِ للوان زٔنجرِ تس سکینہؑ س ییٚیہِ اَتھہِ نوٗر ٹان ٹھرِ روخسارسو÷

واتناوِ کھ تِتھے ہتھٕہ پژتھ باندس اُکی ہے رَزِ گنڈتھ نِشہِ یزیدس جفا کارسو÷

گوس گوٚٹ جہان ییٚلہِ وُچھن سہٕ دیوانو استادِ سپاہ پتھ تختس یزید روسیاہ +

اُندی اُندی کُرسین پتھ ہتھ ارکانو غلام واراہ یزیدس کران مروَحہ +

چھُ میانہِ وأنسہِ وُنی کنِن ژتجھن پٹھ مدارا یُہ زُم سِنِ تمیزٕ پیٹھہٕ ازتانی کربلُک ماردارا

ذأ کرن ہُنڈ بوزٕنس تہٕ وُچھنس مے سبٹھاہ وقت حصہ آو

ہیرٕوم ہمت رات دوہ وُچھنس أچھن تہٕ لبکھان گلبنے أخیر چھُ میوٗن یلی قیاسو=

یم ظُلم نوٗ رِز ہرائل ہاوِیہ دُنی یُوٗک دارا یِیہِ نہٕ تمن زانٛہہ ذأ کرن شمارا

اکثر ذأ کرن ونان تہٕ وچھان دوہے تی بوزنہٕ آو

توٗے ذأ کرحبیبس حواس ڈلنے تہِ بنہٕ پیٛوس جگرس سم تِتھی بیب زینبٛ ستم نظرِ آسو=

چھُم گواہ خدامیٛتہِ نیزٕ زن جگرس آوو آم دل بُسہٕ یہِ قصہٕ کمہِ زیوٗ باوو۔

لبکھان گوڈٕ منز دربارس بیمار اِستاد تھاونہٕ آوو شاہ حسینٛ أچھگاہ عابد ہن شاہٛ ناوو۔

سُہ بیمار زن موردازندٕ ناوو اومُت زیرٕ زٕ نجرن کھیوٗ مُت بیٛیہِ دوکھہٕ تاوو۔

تس علیلس غش اِستاد روزنہٕ آوو پہو پیٹھ فرشس زن موردا بوزنہٕ آوو۔

تُل شور بپوٗ تہٕ معصوٗم وزونگھ پہوٗ واوو افسوٗس یِتہِ موٗد ہوٗنی روٗدنہٕ کینٛہہ مردٕ ناوو۔

ووتھ تیت غوغا گو یزید بے حیا ہیولا تُل بیکسہِ بیب زینبٛ سماع کرِام کلثومہٕ واوٕ یلا

کرن پانس سأری مسمارو ودان سانہ اَتھہٕ والہِ بیمارو ٭

پیٛیہِ تانی یزیدس رِوسیہِ ہس بیب سکینٛس گُن نظرا

وُچھن ودان بتھی ہَنہِ دِتھ زٔری ہن تس بابہٕ مرگن نیوٗ مُت حوصلا

سٔنیمتی تمن معصوٗم نوزک گُلبن زٔنجرٕ تہٕ آرو گرٕمژ بیمار ہندی غشن یژٕ بے قرارو٭

پُرژھ تانی یزِدن أکس ظالمس یہِ کورِ ہن واتہِ کیا حسینٛس نامدارسو ÷

یہِ ٹاٹھ کوٗر واتبس گرٕموٗ ہال اُسنس امامٛ ستی پانس دوٗپہس بدکارسو÷

چھنہٕ أکس سالس ژھوپہ ہوان دوہس تہٕ راتس چھِ آسان ودان بابس تاجدارسو÷

پُرژھنکھ تانی ہو بیب کیاوات شاہ حسینٛس یہِ چھِلیل کران ہوٗمس بیمارسو÷

دوٚپہس یہِ بیکس زِٹھ بیٚنہٕ واتبس چھسہٕ خوٗن بأے سُنٛد موٗ تھمُت روخسارسو÷
اوس نہٕ أمِس کُن وُچھن حکم آفتابس اَسہِ بےنقاب ہٕزی عامس پھِرٕ وبازارسو÷
دیُٛ ونگھ سرخوانس ہٕنِس بأے جانس گُرسوار وٕنٹس لٲج زٕنجر بارسو ÷
گُریہٕے سردارپزٕتھ أکِس باندس پکناوُس بروٗنہہ بروٗنہہ بأے سُنٛد سردوٚپ نیزٕ دارسو÷
کھأرِس یہٕے اڑٕ گج وٕنٹس ہٕتی کجاوس تھوٗوُس نگھہٕ وٕنٹس سرآبدارسو ÷
پکنوٗوُس ہٕتی ہٕتی سراکبرؑ لٲدی تھہٕ نیزس بیٚیہٕ مہرازٕ قاسمسؑ دوٚپہس نیزٕدارسو÷
أسِس ہاوان وَتہٕ وَتہٕ پزٕتھ سرس یُتھ دوکھ تازٕ گژھِبس وُچھِتھ اُتھ قطارسو÷
اڈٕ دِیہٕ حکم یزیدٕ نیٚوکھ بأندی وانو مقفّل تھأوِیوٗن پزٕتھ سر جدا جدا +

## علی

چھُ کیا دنیا ناپائیدارا چھُم ژٹان جگر زن تیغ زہر دارا
ونان تس کورِ ہُنٛد حال گوس بے حال مےٚ لرزٕ ژاو
کھیوٗم سخت ضرب تاہ دِلنے اوٚن نم تیت تلواسو =
پھِران کربلٕہٕک ماردارا اَنِیا تاب کانٛہہ دوستدارا
کُری تھہٕ جامہٕ چاک، لٲدی تھہٕ خاک، ؤدی تو ہوٗ آغہٕ واو
دأدی لدن کریم چھوکھ بلنے کرن بس آغس بُکاسو =
ؤدی توس تمہِ ساتہٕ سُے شاہؑ کونہٕ آوو یُمی تیتی کألی تس کورِ گل لاجاوو -
زٕرٕ وُن نہٕ (تس) دوستداربایہِ ہُنٛد واوو اماتمہِ ساتہٕ تس تاب کیٛتھہٕ آوو-
بیٚلہِ تِہنٛد قداوارفرات پٔتھ مارنہٕ آوو ژٕڈی تھہٕ پھٔکیٚ تس سینس کانٛ تارنہٕ آوو-
اُسِس جگر گوشس سیکہِ پٔٹھ گُلی کھوان تاوو تس کونہٕ پوترٕ مایہِ سُہ یادآوو-
یوٗزن ناژُرارہ بن حاجب نہٕ اُگرتھہٕ آو عبدالله شاہ بیٚیا کھ بدکاردِژاوو-

أکی ژوٗ ٹسہٕ اکھ شانہٕ ہیٚپس وار آوو ژوٗ ہنٛس ییا کھ شانہٕ ییٚلہٕ از کمین دژاوو۔
تانٛ اکھ کماندار فوجہٕ منٛز دژاوو کبتھٕ وَنہٕ ہے ہے تمی پٔو وواوو ۔
تَسُند دُشاخ کان آبدارس چشمن آوو گیہِ گٹہٕ عالمس گرٕوسی تھٕ آوو ۔
ظالمو علمدار مور معصوٗ موتُل شور منٛز خمہٕ گاہ
دژا یہِ دِتھ چاک برملا زینبہؑ کبریٰؑ کران واٰ ویلا
ونتہٕ باگتہِ لرتژ اُوتھم پتھر زوروارو کمی کوٗ ریہِ مشکہِ پارٕ پارو ٠
یوٗ زی تھٕ یہِ صدا ام کلثومہؑ تہٕ کرِ حالاہ
پان ماران دژا یہِ واٗ ژنتھ جایہِ اوسُس ییٚتہِ بأے دردلا
وُچھِ پیٚوٗمُت لَرِ ژٕڈی تھٕ نَرِسہ قداوارو فوجُک جمعدارو ٠
ژلن تہُندرتھ میٚوٗ سان پانس متھن موکھن رٹن نالہٕ آبدارسو ÷
وُچھِس آمُت کان مشکہِ سان سینس پُشتہٕ کنٛی گذار کوٗ رمُت زوروارسو ÷
ژھینٛز موٗ مشک وُنہِ ستی سینس دندٕ وٕستی رٕڈی تھٕ تمہِ کس کنارسو ÷
ببنہِ یِژٕ وَدَن ژھانڈن میدانس شانہٕ کتہِ پے بأے غمخوارسو ÷
تانٛ آو نظرِ دوٗ رِ بیبِ زینبسؑ پرٕزناوِ اُ کس علمہِ پارسو ÷
واٗ ژنزدیک ییٚلہِ تتھ پارس اوس منٛز ژٕڈی متِس اَتھس وُنہِ وفادارسو ÷
گوس بیدادِ یہِ نادام کلثومسؑ وولہٕ ییٚنٛز لوٗب مے نشانہٕ بأے جانثارسو ÷
ژُل بیب زینبنؑ ژوٗ مُت شانہٕ پتھ پننس شانس ولبس ام کلثومہؑ تتھ علم ہِ پارسو ÷
تانٛ آو امام حسینؑ رٕڈی تھٕ ستی سینس کوچھِ کاُرینٛہِ بأے آبدارسو ÷
واٗ ژتوٗ تے لٔدتھ میٚوٗ تریشہِ ہوٗ سکینہؑ وو دانو دِپان چھِ بابہٕ گوم تسلاوونٛ منٛگے نہٕ ترٛیشاہ +

أسس گردِ پھیران چیران رَتہٕ دأرا میٚو پیٹھٕ تلی تھہٕ کوچھ ہوان سوتہٕ تھزٕ کأرا
دیان چچہِ بابہٕ گراسیٚو دوتھہٕ تم کرے نہٕ آنٛچ گزاو

چھے مادگ نٛورٕ گلبنے　　کمی ظألمن کۄرمہٕ یتھ ڈاسو =

گونا بڈی بابہٕ میوٚن خبردارا　　وُنی کمن پیہِ ہے سُہ نامدارا

یوٗ ترٕ مایہٕ یم گٔلی لاگہٕ ہی، تس کبتھٕ تاب آو

نَتہٕ کتہِ یم چھو کھژے بلنے　　گری نَے مرہم سے امامِ ناسو =

چچہِ بابہٕ بیکسہِ مےٚ یوٗ وُتھ واوو　　دپتہٕ تریشہِ دود پٔن یوکس باوو -

وَتم زِووُنی یہِ کھزا امید تھاوو　　سۄرُم ستھ آنچ ووُنی بزانت ترٛاوو -

چانہِ مرنہٕ مےٚ بابس تھٔر خم گیاوو　　چشمن تہٕ تس گاش تھکان آوو -

اصغرؑ چھس دپان چچہِ بابہٕ کونہٕ آوو　　پھیرِ تھسے اَسہِ آبس گیاوو -

دوہیس اَنہِ نَے چچہِ بابہٕ تہٕ خمہٕ دزاوو　　چھُ یوان وُنی دِوان یورکُن آوو-

دپیام یم گٔلی چانی ژھایہِ تھاوو　　تکیا مرہم بابہٕ تس کبتھٕ ہاوو -

سُہ مارِ پان وُچھے ہرگاہ　　ژےٚ مشک ژٔٹی تھہٕ سینس تو رُمت کانہٕ پھلا

ہن ہن تن نیزو ستی داغدارو　　گرٕ ہو خوٗن خوارو ۰

یٚیہٕ خوٗن موکھس نیران پھژ کان سپناہ سُہ کتہ دَرِ ییلہِ وُچھی لرِ پیوٗمُت زن رأہلا

ژٔڈی متی بند کھوان سیکہِ ہُند بخارو　　گومت کان چشمن دُوتارو ۰

ییلہِ وُچھی آمُت چھو کھڈبکس تاب پیاتس　　یٚیہٕ میٚو پیٹھ پترٕ وُچھی دستارسو ÷

پییس ییلہِ نظر چانس نٛورٕ حلقس　　آمُت کان تہٕ چھو کھروخسارسو ÷

دپوٗ دِیہ نادسے بڈی بابس　　دپس بابہٕ وولہٕ وُچھ جگر پارسو ÷

کۄرہس پارٕ پارٕ نٛورٕ بدنس　　نرٕ ژٔٹی تھہٕ ترٛاوِ ہس میانس آبدارسو ÷

دوستدار بابہِ ہُنْد آیوٚ نہٕ تاب سالتس یُٛزتھ ناکوٚ رہم کیاٛ بأیس وفادار سو ÷
پتہٕ کرتہٕ مرہماہ پنٕنس نوٗرعینس پھیٚکی لاگتس میاٗنس جانثارسو ÷
نتہٕ مأنی پٔتر یکوٹہٕ سزانس والون پیٹھ فرات کس کنارسو ÷
وَلوٗہس کفن چھوکہٕ لد پانس ساوون تیتھ مسافر مزار سو ÷
چانہٕ ستی ظأنم دِن تلہٕ نس امانو نگھ دِنس تو بدس پیٚہِ وارا +

## علی

چھُ یہِ دارِفنا عبرتُک دارا بأزی گار تہٕ تیٚت مکارا
کمن کمن خاصہٕ خداین پیٹھ وَتَن پۆ وُن واو
اُکِن مسند نشین دکن تہٕ ڈُلنے دیٚن تمن اِذا خوش سبٹھاہ آسو =
آس یُس اَتھہِ وطن دارا کوٗ رُن آوارِ سہ خاندارا
تس پیٹھ وَتہِ گری تھہٕ پرناو تھوٗوُن نہٕ کُنہِ ناو
تراوِمیٚو پیٹھ تاجپوش کلنے کرِنأوِتھ تاراج تخت واسا سو =
لِکھان اکھ عأنماہ مے نظرِ آوو ییٚلہِ انجیل ہتھہٕ عیسا ؑ جبرئیلؑ آوو -
تمِچ عبارت ژٕون لُغتن منز بوزنہٕ آوو سُریأنی، یوٗنأنی، عبری ناوو -
بیٚیہِ لاطینی ژٕورم ناوو زبانِ نصارٰی ییٚمہِ منز دژاوو -
تتھ انجیلہِ منز عیسا ؑ از خدا فرمان آوو میأنی رحمت محفوٗف ژٕوٕہن چیزن پیٹھ یاد تھاوو-
ستھ چھِ تمہِ منز روٗحأنی باقی ستن جسمأنی ناوو جسمأنی ستن ہُند تفصیل یی باونہٕ آوو-
گوٚھن وَنٕنی تنی[1]، کرِنی سیر یوٚ چھِ ہتی[2]، تریشہِ ہتی آب چاوو[3] -
دِنی جاے مسافرن[4]، پرِژھن ہمساین حال[5] خیال تھاوو -
کرِنی اُسیر رہا[6]، تتھ ستی آوو ییٚہِ مودِ دفن کرنک تأکید دژاوو[7]-

یُہو ے حکم آو درزبوٗر، توراۃ تہٕ کلام اللہ
سپُن پڑتھ فرقاہ پننہِ پننہِ وقتہٕ اَتھ حکمِ خداس قائلا
کوٗرنہٕ کانٛسہِ اُکی منز دُنیاس اَتھ انکارو اما مسلمانن ییلہِ آووارو •
اُسی نہٕ پیروِ انجیل، توراۃ، زبوٗر تہِ اصلا
اُسی مانان تہٕ زانان قرآن، پڑتھ اکھاہ تِمہِ کُے عاملا
کرن تتھ صاف خلاف دِپنداربرن نہٕ ہیم کردگارو •
کرن انحراف قرآنس تہٕ پننس پیغمبرس ہورَن کلمک حقاہ رسوٗل مختارسوٚ ÷
گوڈٕ شاہ حسینسؑ مہمان کرِنس نوٗن دوہن رٹن ترٛلیش سردارسو ÷
ترٛاوِ ناوِتھ پنُن وطن ہمسایس کیوٗ نہہ حال پرِژھنس نالوٗلی تھہٕ روزِنس نامدارسو÷
تھاوِنس فاقہٕ پھکرِ ترٛبن دوہن ستی ہتھہٕ عیالس اِدِ مارِنس اکہِ اکہِ پڑتھ غمخوارسو÷
جاے دِنہٕ گنہِ مسافرس وَتھ رٛٹتھ روزِنس رأچھ تھاوِنس دِپنہٕ کَس تاجدارسو÷
تن وَلنہٕ گنہِ تَس دارائے دِپنس جامہٕ کَڈی تھہٕ نالہٕ نِنَس مأری تھہٕ ناچارسو÷
لوٗٹنس اہلبیتنٛ خیمن نارِ دِنس کوچھِ ہیٚتھ تیر حلقس تارِنس شیر خوارسو ÷
رہا اُسیر کرنہٕ گنہِ ہیٚنین تہٕ کوربن زنجیر کرِنس ننٛگھ بأنڈی شام ستی بیمارسو ÷
حال پژ ژھنہٕ گنہِ تہنڈی ہے نازنینس وونٛٹس کھالن عمامہٕ والن بیمارسو ÷
کرِنس زنجر خار داروآہ تِتھس علیلس تعزیہ دارس تانٛ زِیانہِ لاپنس بیمارسو÷
کرِبس ورم کھورن گرِبن برو نہہ لاگنس ترِنس زنجرِ خار حلقس واہ بیمارسو÷
ہیکہِ نہٕ کڈِتھ قدم سرخم سپنبس آسہٕ نس لایان پکوان واہ بیمارسو ÷
آسن بدنن ظالم گری پیٹھی دورِ وانو ترٛاوِ نکھ دفن کرنہٕ گنہِ ژتجھن دوہن سرراہ+

کران محقق مجلسیؒ عالمن ہُنْد دارا در بحار الانوار عالی تبارا

لکھان ییلہِ دِپنگ دارا شاہؑ نہروانہٕ پھیری تھہٕ آو

ترٲونظر کنارِ فرات باذلنے دوٗرے سَرا، سرِ راہ معاینہٕ آسو =

ترٲوادِشاہؑ قدم بمدارا اَنہٕ ناوِ سہ سرعالی مقدارا

دِتھ حرکت تازِیانہٕ ستی دوٚہس چھکھ کوٗنہہ تہٕ بسخن آو

کوٚریہو ے گفتگو تمی کلنے بوزن عام وخاصو =

کرِ بزبانِ فصیح سلام تہٕ بوزنہٕ آوو دپہِ یا امیر المومنینؑ مےٚ چھم ذویز بن ہرمز ناوو۔

دارائے دُنیان منزاوس بلند میوٗ نے ناوو شرق وغرب سِکہٕ اوس میٲنے ناوو۔

اُسم زیرِ قبضہٕ کوہ صحرا خوشکی دریاوو مأرِم ساس پادشاہ تہنْد حکومت مے اتھہِ آوو۔

پانژون ہتن نِسوان بأ کرن ستی مےٚ عقد کریاوو

آسم حرمہٕ ستتھ پادشاہ کورِتمن علاوو -

گرم بناپنژواہ شہر مےٚ پننہِ ناوو رٹم عملس علاوٕ ژورساس غلام مےٚ ییلہِ خیال آوو۔

اکھ ساس ترکی، بیٲ کھ ساس ارمنہ اَنہٕ آوو بیٲ کھ ساس زنجی تہٕ بیٲ کھ روٗمی آوو۔

گرِم ییلہِ ظلم سبٹھاہ تہٕ مےٚ قضا آوو ستتھ ساس شہزادِ میانہِ قاڈ منزٕ دزاوو -

چھم کران ستتھ ساس موٚکل عذاب بو کیٲ کیٲ باوو چھنہٕ نظیر تتھ عذابس بو کیٲ ہاوو۔

یہ قصہٕ بھران آیم زن جگرس شژاکاہ کونہٕ ووت سہ شاہ روزِ عاشوٗرا فرات سأ حلا

ییتہِ اوس شُربن ژٔتی تھہٕ سرن کوٚرمُت قطارو کوفہٕ کیوٚ تہٕ شامہٕ کیوٚ دپنداروٕ

گوٗھہِ ہبس ہول وُچھِ ہے اِدسہ کورِ مول شاہؑ

گنڈی تھہٕ مژھہٕ اُکی ہے رَزِ گنجہِ مٕہ کورِ ہتھہٕ معصوٗم قافلا

کوٚڈمُت ووڈُنن تہٕ ننہٕ وور بیمارو گرتھ رز حلقس تہٕ زٔنجرٕ خاردارو •

پٕژ ژھاوشاہی حال زٕ پرٕ دِتھ سرس ذُوٕیزس یٖیلہِ اوس پیٛومُت سُہ پٔتھ فرات کنارسوٚ ÷
کونہٕ پوٚترٕ مول ووت پٔتھ تتھ فراتس پٕژ ژھہِ ہے کوچھِ ہیتھ حال سرس حسینؑس دلقرارسوٚ ÷
دِپہِ ہیس کمی ژٕٹی گٔلی تہٕ شانہٕ آبدارس کمی دِیتے ترٕ حلقس شیٖر خوارسوٚ ÷
کمی سیٖمہٕ سرس شٔرٕ اکھ لٔاے قٲسمسؑ کمی سر جدا اکبرؑ کوٚرے یادگارسوٚ ÷
کمی یاریاورمٲری نازپرورس گرہے ییٛنَین رزٕ نجرٕ بیمارسو ÷
اَدے وُچھِ ہے شاہؑ سے سرامام حسینؑس منٛزٕ توبرس اَکس بدکارسو ÷
یٖیلہِ اوس کلام کران توبرٕ منٛزٕ ستی ستمگارس بوزِ ہلال بن معاوی تتھ گفتارسوٚ ÷
کڈٕ ہیس توبرٕ منٛزٕ رٹہِ ہیس ستی سینٛس دوٚہ تہٕ اَتھہِ لگہِ ہے سنانس خونخوارسو ÷
تھاوِ ہیس نہٕ صندوٗقس ہے ہےسوٗرٕ تنوٗرس بیٛیہٕ روبروطشتہِ پٔتھ یزیدس بدکارسوٚ ÷
اوس یٖیلہِ کاکلو گنٛڈِ تھ گُلِس اویزانو تتہِ والنگ پوٚترٕ مایہ کرٕ ہیس سعیاہ +



ذُوٕیزٕ سٕندی پٲٹھی کرناوِ شاہؑ قدرتک رازدارا کلام سَرٕ کسریٰ دارائے نامدارا
اما ذُوٕیزٕ سُند قصہٕ پران مے حد پتاہ نظرِ آو
چھُس دپان مارٕ پان سینہٕ زٕ لنے پران پریشانؑ گاَم حواسو =
خدا گواہ بنہِ ہے کانہہ دوستدارا لاگہٕ ہائسے ہیتھہٕ رات دوہ ماتم دارا
پیوٗم جگرس زن سم تیتھے ستم مے دریٹھ آو
ذٕپی توم کیتھہٕ بَلہٕ ذُوٕیزٕ سٕندی کلنے پوٚوم یاد سرامام ناسوٗ =
لیکھان شاہؑ سٕندِ وَننہٕ سَرٕ کسریٰ تہٕ ذوٕیزٕ بکلام آوو وَنیا کھ سورا حوال تہٕ پٔنُن ناوو-
تِتھے بیٛیہٕ ترٕ بن سرن یٖیلہِ بٔنی تھہٕ آوو پٕژ تھا اَکھاہ بیوٗن بیوٗن بکلام آوو -
اکھ مظلوٗم یحییٰؑ یٖیلہِ مارنہٕ آوو بروٗنہہ کُن پادشہس تھٔند لَنہٕ آوو -

تس بدکارس برۆنہہ کنہٕ سہٕ سر بسخن آوو یٚیہٕ سعید بن جُبیرس ییٚلہٕ خٔون ہارَنہٕ آوو۔
مارِ ناوبس حجاج تہٕ تس نشہٕ اَنہٕ آوو پرٕ ترٛیٚیہ پھرِ لا الٰہ اِلا اللہ بوزنہٕ آوو۔
ونان درمناقب ترٛیٚیمہٕ سرُک حال ہلال گوم حالاہ

دپان سہٕ اوس سَرِ امام یتھ فوجس گرِتھ تمام کربلا کرِ جدا شمر قاتِلا

کوٚر تمی سرن کلام اکثر بارو یٔ زظٲلموتہٕ خلقو وارو ۰

اکھ تمہٕ وِزِ سہٕ فرزند شاہ لافتیٰ ییٚلہٕ تھاوبس توبرس منز بد بخت سنگدلا

فرموٗہس میانہٕ سرِ کی پٲٹھی سپنہٕ نے بدنس دُپارو یتھ روزِ یادگارو ۰

یٔ زی تھہٕ ژکھ آیہ تس شرپرس اوس تأزیانہٕ دردست تس ستمگارسو ÷

ہے ہے کبتھہٕ وَنہٕ ہیوٚ تم نارپانس تیتھ سرس لایہٕ سردارسو ÷

چھنہٕ شمار لایہٕ نس سرِ امام حسینؑ صدمہٕ ستی ژھوپہٕ گیہٕ سرس گفتارسو ÷

یٚیہٕ ییٚلہٕ شام نیٚو کھسُے سر لٔدی تھہٕ نیزس اوس قرآن پران تسلی کران بیمارسو÷

وَتہٕ رأ ژاکہٕ تھۆو کھ منز دیرس حوالہٕ یہوٚ دِس اُرکس نامدارسو ÷

کرِ تتہٕ دوہہ پھرِ کلام تس رأہبس ستی راتس مشرّف باسلام کربس بختوارسو÷

دوہپس وَنے کیا گوڈ منع کربلا کوٚر رہم آبس آونہٕ عار ابن سعدس بے عارسو÷

مارِ نم منز صحرا اکبرؑ تہٕ قاسمؑ کو چھِ پیٹھ اصغرؑ، کولہٕ پیٹھ آبدارسو ÷

کڈنم زینبسؑ تہٕ کلثومسؑ اڈ کجہٕ سکینہؑ زنجرِ گرِی تھہٕ فاطمسؑ ستی بیمارسو ÷

تراوِن سأنی بدن وَتہٕ پیٹھ تاپس چھنہٕ واگذار ٹلہٕ نس تہٕ ساوِنس مزارسو÷
چھم دبدتہٕ بابہٕ یٚیہ رسول سبحانوٚ تتہٕ خبر ہیتھ یوان پکان ہمراہ +

علی

چھُ بے وفا کوتاہ یہِ دُنی یُک دارا سربسر دغا امیک دار ومدارا
چھُ کمن کمن دوستِ خدا ین لُگ تھہٕ نیایَن پاوان واو
انان زیریہِ لاعِب شیر دِلنے کران پادشاہ گرن بےنبر اسو =
لوگن تیت غدارا دیُوُن نالہِ شاہؑ وُلِین ہُند تا جدارا
وُچھم لیُو کھمُت ییلہِ جنگہٕ اُکہِ شاہؑ کوفس پھیری تھہٕ آیاو
تھوُ ویلہِ قدم منز نینوا اُقفِ گُلنے اُسکھ ستی ہمراہ اصحاب تہٕ عبداللہ عباسؓ =
فرموُ ن عبداللہ ہسؓ چھُیہِ خبر یتھ زمینس چھُ کیا ناوو
کرِ عرض چھُس بے خبر دوہس ونوے کن تھاوو -
تیتھ وَدِ شاہؑ ہبوا کھ ییلہِ وَنن ناوو اَشہِ ستی ریشِ مبارک تہٕ تمن برنہٕ آوو-
اصحابن تہٕ وُچھتہٕ اوش وُسی تہٕ آوو تیوُت وَدَن زِلباس تمن تر کرنہٕ آوو-
ودان وَنن عبداللہ ہسؓ چھُ یتھ زمینس کربلا ناوو ییتی کوٗفی یوٗمُری تھہٕ حسینؑ پاوِنم واوو-
چاون گُربن ترٚ لیش دِن نہٕ قطرا تھندِ ناوو دپنس یا حسینؑ تریشہِ ہُند خیال ترٚاوو-
تیت تریشہِ دادِ معصوٗمن وَتھبس تاوو ہو کھہٕ نگھ شاہ رگہٕ زانن یمن شاہ دزاوو-
کران العطش العطش گوھنکھ غش ووتھہِ شورِ محشر زنانہٕ خیمہٕ گاہ
یی ونان سپُن شاہؑ بےحال یُو کال چھُ ابن عباسؓ نا قلا
اِد ییلہِ سپُن بیدارو فرموٗ ہم ودان زارزارو •
دوہم وُنی کٔین منز خوابس وُچھم حسینؑ ہتھہٕ عباسؑ جانثارسو ÷
ستی یار یاور، گبرتہٕ انصارتس ترٚاُوی ستی ماٗری ماٗری سردارسو ÷
کاکلوٗ ستی گنڈ ہتھ پرٚتھ سرس تھاُوی ستی اویزان نوکِ نیزن پرٚتھ نیزٚ دارسو ÷
جدا جدا پرٚتھ سرا اما شاہ حسینؑ گنڈمُت ستی سرِ شیرِ خوارسو ÷

گرٕہوا کے رزز ینبسؑ تہٕ کلثومسؑ زٔنجرٕ گری تھہٕ معصوٗم ہتی بیمارسو ÷

وُچھم رتھ وسان کنہٕ ہنن اڈ کجہِ سکینسؑ تم ژٕڈی ہتی تھچھ دِتھٕ تس گوشوارسو ÷

ٹکوہتی گری پیٹھی پڑتھ نوٗرٕ بدنس ژٕڈی ہتی گلو حسینسؑ شانہٕ آبدارسو ÷

چھو کہٕ لد بدن نبدرن ڈولانو اہلبیتؑ لوٗڈی ہتی زالی تھہٕ خمہٕ گاہ +

علی

اِدِ سہٕ پوترٕ داد ٹیک دارا ہاران اوش دارِ دارِ ووت منز صحرا

أکس جایہِ رٕوٗزِتھ پوترٕ مول یٔژ باکہِ ژاو

دوٚیکھ عبداللہؓ ہس یتھ جایہِ حسینسؑ مارٕنم دردِ لنے کنارِ فرات دَیہِ خاص عباسؑو =

ہوٗزی تھہٕ عبداللہؓ کوٚرس حضرتن خبر دارا دوٚپنم دوہہٕ اکہِ حضرت عیسیٰؑ ہیتھٕ رفیق وارا

یتھ مقامس وأتتھ سبٹھاہ بگریہ آو[1]

سپنُس تغیر رنگ تس بنْد اَلنے رفیقن تہِ وُچھتہٕ ودُن آسو =

دپنس یا روح اللہؑ ودِ ٹنک سبب چھُ کیا اَسہِ باوو دوٚپنکھ وَنہٕ کیا ظلماہ مے یاد آوو-

پیٚیہِ یتھ جایہِ مارنہٕ صاحباہ یو کیا باوو آسبس بڈی بابہٕ محمدؐ، بابس علیؑ ناوو -

شبیہ میانہِ دیدِ تہٕنز دبد فاطمہؑ ناوو پانس تس صاحبس آسہِ حسینؑ ناوو -

تانٔ آہو فوجاہ ودان آوو کرن حضرت عیساؑ ستی کلاماہ یُس نہٕ بوزنہٕ آوو-

دپن عیساؑ اصحاب اَسہِ باوو یم آہو کیا چھِ ونان تہٕ یمن کیا بنٔ تھہٕ آوو-

دوٚہنکھ چھِ دپان یہِ زمین چھِ جائے امن کربلا ناوو چھنہٕ ییتہٕ آزار تہٕ شکار کرنکھ ناوو[2]-

سپنہِ ییتہِ دفن صاحباہ توٚے جائے امن پیوس ناوو چھِ أسی تہِ ودان تہنْدے ناوو-

دپان عبداللہؓ تتھے پیٚیہِ اَسہِ تہِ نظرا آو برنہٕ تمہِ وِے آہو ہتی سہٕ صحرائے کربلا

تمن شکل تہٕ رنگ سٕے وارو یُس فرماوان اوس حیدر کرارؑو •

[1] وأتتھ یتھ مقامس (نسخہ حکیم صادق) [2] چھنہٕ ییتہٕ آزار تہٕ شکار ک ناوو (نسخہٕ صفدر صوفی)

وأ تیتھ منز میدان کرن ودان پانس حالا

أسکھ زن مأری متی پنٕنی دردل تیت ودن ہارن دِل وُچھتہٕ شاہؑ حلِ مشکلا

کرن پانس ودان مسمارتم جانوارو أسی تہٕ سپنٕی بے قرارو ٠

تم آہو ودان پھیران میدانس تہٕ وُچھتہٕ غش گو ودان حیدر کرارسؑ ÷

ونان صاحب کتاب یتھ جایہ غش آو شہسؑ پادشہس

گیاو حضرت عیسائؑ تہٕ غش تتی نامدارسو ÷

اِدییلہِ امام حسینؑ اتھہِ لوٚگ تتھ واوس تس تہٕ ہیتھ مہراز قاسمسؑ تتی غش گو شرمدارسو ÷

تہٕ بنا پھیوٚرُس زِیمس مہرازس گرِ کنہٕ کھارَن سرنیز دارسو ÷

ہوٚرمس سب نے تہٕ مرنٕی ترٚلیش دِمہٕ ہس توَے غش گو تس تاجدارسو ÷

نتہ بَنہٕ دوٚپُن دَپہِ کیا پگاہ شاہ حسنسؑ مارٕنم حربگاہ تہندی ہے یادگارسو ÷

سُہ دَپہِ ماکوٚرتھہِ یینہٕ وول کربلا قاسمسؑ دپہِ کیا جواب تس بأے غمخوارسو ÷

سُے وُچھِ گہنہٕ گنہٕ ژنجرٕ میانہِ فاطمسؑ بَنہِ گٹہٕ کارتس شرمدارسو ÷

ہاوَس کیا ییٚنہِ وألی سامانو شرمہِ ہنٕز جایہِ چھم یِوان شرماہ +

علیؑ

وُچھتو سُے کربلا صحرا کرِ خداوحشی جانورن ہنٕدِ امنگ دارا

توَے تمن آہون تتہِ زانہہ لوٚگ نہٕ واو

چھاون ناگنہِ محبّ کلنے گرِتھ یادییلہِ منز تتھ نینواسو =

آیاو نہروانہٕ پتھہٕ ولایتک دارا وُچھتہٕ سُہ صحرا پیوٚس یاد بَنہِ ییتہِ کیوٚنہہ ماردارا

تی پھران ودان تس غش گیاو

بڑوٚنٹھُ بیاِ سُہ پیدا دیاد آسو = ..................

اَمہِ کھوتہٕ سخت کیا مُحسن بو یاد پاوو مےٚ یی پھِران نیرِ جان پہٕ کرمأ شراوو۔
یتھ صحرائے کربلاس اٮ۪نج جاے پیٚاوناوو ہے ہے سون آغہٕ تتھ منز مارنہٕ آوو۔
اُسس یم یاریاوردرد لہٕ ناوو سُہ صحراتھنڈُ ے قتل گاہ کرنہٕ آوو -
پانہٕ ابن سعد سرتہٕ پیپہٕ ہتھ شام وزاوو اُسی سرٕ سی بدن کھوٚان سیکہِ ہُندتاوو۔
بیلہِ عابدین شاہؑ تہِ بأنٛدی ینہٕ آوو شہیدن ہنٛدِ خوٗنہٕ سُہ صحرا برنہٕ آوو -
آوسُے شاہؑ بیٚلہِ تس یہِ دوکھ پیش آوو تمے دوہہٕ حضرت عیسیٰؑ تس سمکھنہِ آوو۔
سمٕیو تمن برو نہہ گنہِ بیٚیہٕ سُہ آہوفوجا

پھیران رگرِ بدنن زن تمن پتٮ۪ن مدنن پھوٚ رمُت اوس قأتِلا
گے ودان ودان بے اختیارو کوٚ رُکھ پانس مسمارو ٠

اُسی چلس تام بدنِ شہدأ تتھے بے سر منز صحرا
سپُن نہٕ تہنٛدس تتہِ تُلہٕ نس، چھلنس تہٕ وَلنس کانٛہہ مأئلا
اُسی دپان تلوٚ کھے گوٚھو مارو اُسکھہِ ابن زیادِنی تھارو ٠

ادِ اوس شیرلأ گیٚتھہٕ شاہؑ دوہس تہٕ راتس گرا بنا شانٛد پٮ۪ٹھ ودان حسینؑ جگر پارسو÷
گرالرِ پھِران عباسؑ نوٗرِ عینس سکھ وَتھران چھوکن زوروارسو ÷
گرا بو ے ہوٚان بدنس شاہ اکبرؑ پان ٹھرِرٹان تاپہٕ کس بخارسو ÷
گرامأنزو چھان تمن شاہ قاسمؑ خوٗن وتھران بدنس ناچارسو ÷
گرائرِ پٮ۪ٹھ تُلان تس شاہ اصغرؑ تھاران ساران پھوٚ رشیر خوارسو ÷
پھیران أندی أندی شاہ حسینؑ شہیدس تتہِ مُوران کڈان کان دلفِگارسو÷
گراٹلان نرِ پھِران لرِ حُرؑس غریبس دپان نیوٚتھ ایمان ووتُھ جان پٮ۪تس سردارسو÷

لہ دُنبالُک یہِ گوڈنیک حصہٕ چھُنہٕ شاعرٕ سنٛدین دوٚنوٚنی حصن منز بوٗدُے۔ (م۔س)

تیتھے پأٹھی پژتھ أکس مظلوٗمس اَتھن پیٹھ رٹان، ہوٗنڈ وٹان ناچار سو ÷
کٔڈان کنڈٕ تہٕ گنہٕ بدنوتلہٕ أکس أکس شہیدس وتھران ییٚون ییٚون رتھ رخسار سو ÷
آسہِ ہے منٛزٕ منٛزٕ شامس گرٛہان شیر یز دائو بُتھ وُچھتہٕ سرن، ہوان کور بن خبرا +

## علی

ییٚہ نہٕ کربلاکین ستمن تاروزِ شمار اشمارا تھاوٕنے ذأ کررات دوہ وَنہٕ نٔیسے پیٹھ مدارا
لگہِ نہٕ اَتھ دوکھہٕ سمندرس دأدی کتھن ہنٛزٕ یوٗ ٹھ زانہہ ناو
لکھہٕ نَے گری تھہٕ میل دریان، قلم کلینے سوٗ ثبرن دُنیاس قرطاس سو =
بعضے خبرن ذأ کروزون نہٕ ونس وارا ژھیوٚ نٹھ جگر، رٛوٗ دُکھنہٕ یارائے اظہارا
زانن بس پاوٗن (تیٚوٗتے) یاد کربلاوٗک بیداد یہ برٛونہہ گٔن وَننہٕ آو
کینٛہہ پژأنی ہے کلامس نوٚ لباس وَلنے کأنسہِ کوٚرتھ ایزاد یہٕ نوٚویاد آسو =
تیتھے قصّاہ اکھ میٚتہٕ دژ ییٹھ آوو پران اعھأن مے لرزٕ ژاوو -
لکھان صاحبِ بحار یو کمہِ زیٚوٗ باوو ییلہِ کوٗفیو کربلاہٕ واَسہِ آغہٕ واوو -
ابن سعد سرتہٕ ییٚہ ہیتھہٕ شام گٔن دژاوو أسی سیکہِ پیٹھ شہیدن بدن بے سر کھوان تاوو-
اکھ غراباہ تتے ٕکنٛی وپھان آوو تس گلنار سٔہ صحرا بوزنہٕ آوو -
ییٚوٗ مُت جایہِ جایہ خوٗن ییلہِ تس دژ ییٹھ آوو دوٚپُن یہِ خوٗنہٕ دریا پأری از کتھہٕ دژاوو-
تہٕ وُچھتہٕ دِیہ نہٕ تأرائسہ طیراہ ووتھ منٛزٕ صحرا وُچھِ پیٚمتی شہید تمہِ حالہ یٔسپُن ہیٔلا
گوس روزِ روشن زن شب تارو ڈٕہنشتھ سٔہ گٹہٕ کارو •
دوٚپُن پانو یہِ حقیقت چھےٚ کیا سنا[1] کریم کوٗنہہ اکھاہ آگاہ یتھ سپنم حل یہ مرحلا
چھُ مور مُت یہ کوٗنہہ تاجدارو کموظاٗلمو بے عارو •

[1] حقیقت چھِ کیا (نسخہٕ)

اوس پھیران أنٛدی أنٛدی پڑتھ شہیدس لبہٕ نا نِشانا ہٕ کأنٛسہِ نامدارسو ÷
ووت یێلہِ نِشہِ شاہ حسینؑ نِس بدنس وٕ چھنس لرِ پھرِ تل پیٹھ زِ شیر خوارسو[1] ÷
ییٚہ سبٹھاہ جانورأسی کران ہواتتھ بدنس پرٕ ژھنکھ چھٕ ناو کیا یمس سردارسو ÷
دوپہس ژے یوٚ زٕتھ ناسأنس پادشہس شاہ حسینسؑ پیش کیا آود پنہٕ کس تاجدارسو ÷
از یار یا ورباے گبرمأری ہس ژٔڈی تھہ سر حوالہ کوٚ رہس نیزٕ دارسو ÷
یہ چھٕ رتھنٛدٕ ے بدن پیٚومُت تاپس چھِس پھوکھ کِتیاہ وٕ چھتہٕ ناچارسو ÷
سوال گری تھہ اَنہٕ نِس، تژلیش رٔڈی تھہ مارنس نیہِ ہس بأنٛدی ییٚنہِ کورِستی بیمارسو ÷
کوٚرہکھ منع ژٕلنس دِنس سرٕ انو دفن کرِنس تہِ تھوٗ وہکھنہٕ روٗ ھستھاہ +

علی

یہ یوٚ زی تھہٕ سہٕ جانور کرِ پانس مسمارا کرِ ژھرٕٹھ دِوان تمے خوٗنہٕ پان داغدارا
گرِتھ پرواز أ کس طرفس کُن ودان دڑاو
گو پریشان تس پشان اُستخوان گلنے اوس پکان ناگاہ بُتھہِ باغاہ نظرِ آسو =
تتھ منز وٕسی تہِ گِلِس أ کس پیٹھ ییٚہ قرارا اوس نالہ دِوان پھران سہٕ ماردارا
دِوان وبداغ آغہٕ داغس کران فلکس گژاو
تتھ آہِ دردناک کران چاک سنگین دِلنے سپنان زیروزبر تیت اثر تہنٛدِس صداسو =
اوس سہٕ باغ یہوٗدی أکی کوٚ رمُت، بیدادناوو بےنظیر تمۍ کیا یوٚ مثال ہاوو-
اوس نہٕ تس یہوٗ دِس أ کس کورِ سوائے کینٛہہ اولادِ ناوو
تس تہٕ اوسس جذامن پیٚومُت واوو-
رٕ دمُت نہٕ پیٚنأی ہنٛد کینٛہہ ھاناوو
تھوٚ وِمُت نہٕ پائے رفتن، مرضن یوٚ ڈراٚ وِموناوو-

[1] وٕ چھن لرِ تس تل پھٕر پیٹھ زِ شیر خوارو (نسخہ)

تہٕنٛدِ موکھہٕ ییٚلہِ سہٕ یہوٚ دی بگیر آوو ادِتس یہو ے خیال آوو ۔

ژ اوَن تتھ باغس منٛز زمرِ یتھ ازپگاہ

اوس پانہٕ یتھہٕ راتس تس رأچھ بہان، کران نہٕ اکھ ذولا

اَمہِ دوہہٕ تس کورِ جانور سُنٛد وُدن زار زارو کرِ جگرس پارٕ پارو ۔

اَنہِ تتھ کُلِس تل پان ڈولہِ وان سوناپنٛا اَس نٹان تس وأنٛج ژٹان جانورٕ سُنٛد پژتھ لبلا

گیہ بوٗزی تھہٕ سبٹھاہ بےقرارو دیٚتِن کن وارو ۔

پشپیا وخوٗنہٕ قطراہ پگھہِ تس جانورس پوکورِأ رکس أچھ پٹھ تہٕ گاش آوتسو ÷

پیس ییٚہِ کینٛہہ قطرات تتھے پأٹھی پٹھ بیٚیس أچھ تہٕ بدنس

ژلن فی لفور سارِنی اعضأن آلام تسو ÷

اِدِ ییٚلہِ آس مول اوس نہٕ پرزنان تس ژکتہِ آیگھ تہٕ یوٚت ژ ایکھ اوس پزژھان تسو ÷

أسم ییٚتہِ بیمار کوٗرا چھے ما خبر گوکیاتس دوہنٛس بوٚ ے چھس اوٚن حیرت تسو ÷

دوہنٛس وَتم وارٕ کیا دوا سپنٛے مرضس وَنبس سرتا پایہٕ گذریوٗ مُت اوس تسو ÷

یہٕ بوٗزی تھہٕ تس جانورس گن گو یہوٚ دی لارانو دیٚتنٛس قسم زِ وَتم پنٛن حالا +

## علے

اِدِ بقدرتِ خدابِڈ ژ أوی تھہٕ لہرا سہٕ جانور کرِ یہو ے گفتارا

دوہنٛس یہوٚ دیو اَنکھنہٕ تاب بوزٕ کھے زِمےٚ کیا پیش آو

مےٚ نبا قیائیوٗ تام تَم چھو کھ بلنے یم آغس کربلاو چھتہٕ آسو =

میانٛس پادشہس ہبتھ یار یاور، بأے گبر کربلا صحرا ہارٕ ناوِ خوٗن شامُک بدکار دارا

یہٕ سُے خوٗن مےٚ پانس تتہِ متھنہٕ آو

یٚیمہٕ ستی کورِ جانہِ سأری اَلم ژلنے زخم بحال یتھہٕ چشمن گاش آسو =

یہِ بوٗزی تھہٕ سہٕ یہوٗ دی باغہٕ منٛز دژاوو پننۍ پانٛژ ہتھ لوٗکہٕ قبیلہٕ ہتھ بیٚیہٕ آوو۔
تِمہٕ ہتھ کلمہٕ پوٚرُن تس اسلام اَتھہِ آوو دَپہٕ جانورس وتم رہتھہنٛدُ ے ناوو ۔
اوسے کیاناو آغس تہٕ تس کیا پیش آوو کو پٔژی تس یتھ کینہٕ ہورنہٕ آوو ۔
اَسی نا مسلمان تِمن کیا مراد دژاوو کوتاہ حکوٗمت سہٕ مارنہٕ تِمن اَتھہِ آوو۔
یہِ بوٗزی تھہٕ سہٕ جانورئو باکہِ ژاوو دوہپس یہوٗ دیو کمہِ زیوٚسہٕ احوال باوو۔
بوزتہٕ باوس تَہنٛدِس بڈی بابُن کلمہٕ پران پژتھ ظاٗلماہ

بوٗزُم سوٗزِہس سبٹھاہ نامہٕ اِدِپنہٕ مقامہٕ دژاو دَپہٕ سُنٛد مقبوٗلا
سوزاَن پانس برۏنہہٕ بوے جاںثارو مسلم شاہؑ غمخوارو ۰
سہٕ واَتتھ کوفس صجس بیعت کربس پژتھ اکھاہ
پتٔنس بُتھ پھِرِنس دژاس نہٕ وفا اکھاہ بلکلاہ
کھاَرِتھ پیٹھ بامس ناچارو مورکمہِ حالہٕ ستمگارو ۰
اِدِواَتتھ پانہٕ شاہ حسینؑ پادشاہ کوفس رٹہٕ نس وَتھ پژتھ طرفہٕ نامدارسو ÷
نوٚن دوہن آبس چنبس منع کرنس روزن راَچھ اَندی اَندی فراتس کنارسو ÷
ییلہِ تریشہِ تریشہِ کرن شیر خوارتس رۏدُس نہٕ تاب باَیس آبدارسو ÷
دژاو مشک ژھنٛز تہٕ ناٗلی ہتھہٕ علم پیٹھ شانس گیرن ژوپاَری تس علمدارسو ÷
ذیشانس تس دونوے شانہٕ ژٹنس تراوَن تیر وستی گُرزِ زورِ وارسو ÷
وُنہِ چھس مشک، علم تہٕ شانہٕ ڈولانو سرٕ ئس تن تِہنٛز پیمٕ سرراہ +

علے

گوس نیران پژتھ غم خوارا وَنےٕ کیا تیت شاہ قاسمؑ باَے سُنٛد یادگارا
سہٕ پاَرِتھ خلعت تاز مہراز کمہِ رنگہِ مارنہٕ آو
دیاوِنس ژھرٹ تہٕ سیکہٕ پیٹھ ماتِوِلیے تِہنٛدے مرن رۏد پھِرُن دنیاسو=

لتس پتہٕ پٔتن أچھ گاہ قد اوارا اکبرؑ شاہ ییس اُس پھٹہٕ وِنی دأرا
منگی تھہٕ منت ہیٚیہٕ رو خصت بابس تہٕ میدان دژاو

بابہٕ نِس ناز پرورس شبیہٕ پیغمبرس ظالم ژوپأری ولنے چھنہٕ شمار ہلہٕ گرِتھ یکبار آسو=
گری تھہٕ حملہٕ چپ وراست ییلہِ برۆنہہ دژاوو مأرِن پانٕو ہتھ بدکار تہٕ اِدِ تنگ آوو۔
ونہٕ کیٚا لتس زخمن خۆن کو ییتاہ دژاوو کران تژیشہٕ تژیشہِ بابس نِشہٕ پھیری تھہٕ آوو۔
تھاوبس پننی زبان دردہان امام تہٕ لتس تسکین آوو تتھے اِدِ ییلہِ میدان دژاوو۔
مأرِن ہیٚیہِ اکہٕ شیتھ مے زۆزن دژاوو کبتھہٕ ونہٕ لتس کیٚا اِدِ پیش آوو۔
تانی أکِس ظألمس ییلہِ وار آوو تہندی زخمن وبسروۆاسہٕ پیٚوواوو -

سپُن زہنہٕ نِشہِ جدا دِیہِ صدا بابہٕ سپنے اکبرؑ فدا
سپُن بے تاب امام گوس منِدنبن شام لارِکران واۆیلا
وُچھن تمہِ حالہٕ پیۆمُت جگر پارو تژوۆن دستارو •

اِدِ ییلہِ رۆدتنہا ہماسون پادشاہ دژاو پانہٕ میدان اوسس خۆنس منز ییران پژتھ دردلا
کۆرکانن تہٕ تیٖرن نشانہٕ بے عارو مظلۆم گُنے ناچارو •
کنۆ وِشتھ تہٕ پنٛزواہ زخمہٕ آس بدنس تَمے گرِتژ اوِنس سردارسو ÷
تژیشہِ ہُتی ہیے سرجدا کرنس لدن ڈالہِ یزٕ پدس بدکارسو ÷
روزاس گُنے أچھگاہ اِدِ نامدارس لتس عمامہٕ والن تہٕ کھالن ظلمہٕ دربارسو ÷
اُتھن کھورن تہٕ حلقس بیمارس زٔنجر کرنس کھارن بے پالان وۆنٹس واہ ناچارسو÷
لایہٕ نس تأزِیانہٕ نازک بدنس سوزِنس ستی پوفد بدن شام بیمارسو ÷
برقعہٕ رژھہٕ ہیٚنہٕ کورِ کرِہس پیش یزیدس أکی ہیے رزِ گٔنڈی تھہٕ ستی لتس بیمارسو÷
لتس پننہٕ نُے مرضن اوس کۆرمت ہلال پانس اَکِس زٔنجرِ خارزان حلقس بیمارسو÷

ڈوکرؤ مُت مرگن کوٚ رمت لرزٕ پانس دَرِنہٕ شام تام گوس تمام بیمار سو ÷
سُہ دَریا رزٕ وَرن چھُ ورم پادن تس تھکرؤ مُت شاہ عطشن چھسہٕ بیمار سو ÷
تھؤٕ ہس بابس دوکھ ہنبس ارمانو چھِس نہٕ دِوان کڈنہٕ آہ لایان بے حیا +

# دعا چھیر

یا اللہ چھے شفیع سُے نٔبین ہُند تاجدارا تیمی کوٚر دینِ حق دنیاس آشکارا
مہمن غیرن تہٕ پننہٕ نبن یُس بکار آو
تِکیا تہند ے پننہٕ دنیاس بدعت گلنے ژٕ جس کفرِ چ گٹہٕ گاش آسو =
بیٚیہٕ چھے شفیع تہُند وصی شاہ نامدارا یُس دینِ مُبینس دوہے سپُن مددگارا
کمن کمن جاین تہٕ احدٕ بدرٕ کبن نٔیاین سُے عہدٕ دژاو
دیٚت فیض دشمنن تہٕ بأذ لنے گرِن کم کم پادشاہ غمو نِشہٕ یکدفع خلاصو =
بیٚیہٕ تہُند نوٚر سریُس مسجدِ اندر زخمی کرنہٕ آوو چھے شفیع یہٕ سون دعا قبوٗل تھاوو۔
تسُند نور نظر یس زہر دِنہٕ آوو پھر بس اسمأئتس ماکینٛہہ مدعا دژاوو ۔
سُہ مسلم شاہؑ یُس بامس پٹھ کھارنہٕ آوو گری تھہٕ سنگباران کمہٕ رنگہٕ مارنہٕ آوو۔
بیٚیہٕ شاہ حسینؑ یُس دعوتس کوفس آیاوو وُچھس نہٕ نوٚن دوہن عیالن تریشہٕ ہُند ناوو۔
تِکیا پڑتھ طرفہٕ تمن آب رٹنہٕ آوو امامس برؤنہہ گنہٕ یارن تہٕ غمخوارن سر ژٹنہٕ آوو۔
تمے چھی شفیع مسافر بخیر گرن واتناوو موکلاوتن آسے قرضدار کانٛہہ مومنہٕ ناوو۔
بلایو نِشہٕ پڑتھ مومناہ محفوظ تھاوو چنگِ ظلمہٕ نِشہٕ بزؤدتم موکلاوو ۔
چھے شفیع شبیہٕ پیغمبر سُہ اکبر شاہؑ یُس پھٹونہٕ دارِ ارداہ ووہرُ ے رأہلا
بابس برؤنہہ کنہٕ بے عار ووٚ موٚ کوٚ فلکو خونخوارو •

دِتہٕ توفیق پزٕتھ مومن جوانس پابندِ روزٕ ہن پیٹھ دٕہن ابرارسو ÷
کرِتھ عمر دراز دِتکھ شفا پزٕتھ مرضس کرتکھ ترقی تہٕ برکت روزگارسو ÷
چھے شفیع حضرت عباسؑ یس پیٹھ فرائس ژٕ تِکھ شانہٕ مشکہِ سان آبدارسو ÷
بێیہٕ عابد ہن شاہؑ یس کھالتھ بے پالان وۄنٹس
پھِر وَن کوچہِ بازار کرِتھ زنجر خاردار بیمارسو ÷
آسے کانُہہ دوستدار گرفتار گنہ نیایس موکلاوتن یتھہٕ خلیلسؑ گلزار کوٗ رُتھ نارسو÷
چھے شفیع قاسم شاہؑ یس مہرازس دغاباز پننہٕ خۄتنہٕ سہر ساز برن نامدارسو ÷
کرتہٕ سبب کورِ مالبن کوٗ رنکھہٕ والنس بنٕزتن بخیر کوربن کارِ خیر کورِ ماٗلس شرمدارسو÷
دِتہٕ اُتھس وسیع وسعت پزٕتھ مومنس یُتھ حج تہٕ زیارتِ شہدأ اتھہِ ییہٕ ہبس بختوارسو÷
دِتہٕ رواج روز بروز وِدٕنس شاہ حسینسؑ بخش ہمت لۄکن شیرن معرکن پزٕتھ دیارسو÷
کاستہٕ غم تہٕ احتیاج پزٕتھ مصنفس ذاکرس
یُتھ مرثیہِ پرن، وَنن، وِدن آغس نامدارسو ÷
روزِ یُس اکھاہ یتھ اَتھ وِدٕنس سٕہ خوامخواہ نارس یگاہ دُنیاس گِیر آزارسو÷
تھاوتن پزٕتھ موموناہ باآبرو یُتھ جہانس آنِ اُخیر جان شیخ وشابس دہندارسو÷
کرتہٕ پزٕتھ مومن بایہِ دُنیاٗ کرتہٕ عقباٗ کی مشکل آسانو
چھکھ یگاہ موکلن پایاہ کرُن شاہ حسینؑ نہٕ وِدٕنک سعیاہ +



منقول از نسخۂ بخطِ شاعر حکیم محمد جواد نقل فراہم کردہ حکیم شیر علی خانیار
نسخۂ ذاکر صفدر صوفی بخطِ شاعر حکیم محمد جواد مملوکہ ذاکر غلام مصطفیٰ صوفی ماگام

# رفاقت

یا اللہ کرتم خضرِ توفیقِ رفیقِ قلب ولسان
لکھہِ چانہِ رفاقت وشفقتک ثنا سپنتھ بے غمو

تمہِ کے رفاقتہٕ بے ہراس اژِ جنتکہِ بابو شادان ہنتھہٕ رفیقِ شتابو =
رفاقتِ دُنیان ئے کوٚرنس پریشان

اما کوٚرم اُنس یتھ دربارس ستی نیوٚم اُتھی کُن پناہ ہیٚیم دل قرار یہو ے افکار کاسمو

سپنم عدو رفقائے دُنیا بے حسابو تہنٛدِ شرٕ نشہِ تہٕ رچھتم در ہر بابو =

چاٗنی کُنہِ ذات بندۂ پرور زبنہٕ پیٹھے رفاقت کران چھسے -

رفیق جانہٕ کھوتہٕ شفیق تر دنیاس بندس کانْہہ کرچھسے -

کران رفاقت منٛز تحمس مہمس ناوچونٔے تہٕ گذران سختی ہنٛز گرا

بے رفیق تہِ ژے دِوان نادشکستہٕ دِلو چون احسان چھس رفاقت کران تس دران دِلو۔

لاشریک تہٕ بے رفیق ژٕ ے احدیت چھے شوٗبان ژے کتھہٕ مشرک تہٕ منکر رستگار گوھنو ÷

چھِ عقل حیران فرعون موسیٰؑ آ بسے رکتھہٕ پاٗ ٹھی کرُستہٕ مہربان کوٚرتھسے ؟

اُسی تھہٕ دشمن زن جگر پارر وچھنو ÷

کوٚرتھن کاروان روان یوسفسؑ رفیق ذوالجلالے یوٚ تانی ووت مصرسے +

علی

نوٹ:- یہٕ مضموٗن چھُ ڈاکٹر سید مہدی (نژھو) مرحومس ۱۳۶۵ ھ منٛز وننہٕ آمت

کرِ عنایتِ خاص رفیق حضرتس حق سبحان
افضل ناس سپُن خاتمِ انبیأ گرتھس پیٹھ دوشن نبوتٕچ خاتمو
کرِ رفاقت مہمن انبیانؑ رسالت مآبو شافع محشر مالکِ رکابو =
شفیق خلقن سٕے رفیق مہربان
کاسہِ زنگِ ظلمت جہانس بوتیت مربیّاہ تس محکوٗم دُنیأ کرِ سأری حکمو
تہندِ عرق پاچ بوے رٕڈ تھہٕ گلابو سپُن گُلن منٛز مقبوٗل لوٗبُن آب وتابو =
تس رفیقِ راہ گرِی تھہٕ شہپرٕ بیٚیہِ عرشس ییٚلہِ کردگار کھار بسے -
اسرارِ رفاقت باوبس تتہِ از برادر شہپرٕ بروٗنٹھ گن خوان کھار بسے -
کرِ رفاقت پتٕھ ملکس سٕے شافع اُمم مألکِ دوسرا
تہنٛدے وجوٗدِ گوٗل شرک تہٕ بدعتِ گلو روٗدنہٕ سحر وافسوٗن دنیاس بالکلو •
روزِ جزا مختار سُے قسیم جنت ونار سُے
تہنٛدے طفیلہٕ پگاہ گناہگار رستگار گژھنو •
چھُ داد بن دواد پننگ مراد سُے بیکسن فریادِ دادرس سُے
غیرن تہِ رفاقت خیر بار بار یژھنو •
سُہ ہأدی اُنتھ وسیلے کرِیُس اکھاہ سأری کڈِ مدعا خداتس سأئلے +

علی

رٕٹِہِ یُس بے رفیق شاہ سُند دامان
چھس میٚون یقین کرُن تلقین کرِتے بے اعتنأیی
پتٕھ خویشاہ کربس بیٚیہِ پست مہو
تس کرِ رفاقت خوامخواہ سُے ولایت مآبو تاگاہ سپن آگاہ وُچھ زن خوابو =

گیا وِیِلہِ خضرؑ اَننہٕ آبِ حیوان
وأتِتھ ظلماتس کرِ رفاقت نام شاہؑ تأریکی منز تر اوِقدمو

کربس رفاقت راہِ ولاّئے ابوترابؑ لوٗبُن سو کھہٕ موکھہٕ حیاتُک آبو =
چیٖہِ سُے محبّ پگاہ آبِ کوثرٕس کرِ حرز شاہؑ ہٕندس ناوسے -
مےٚ چھُ یقین تہٕندِ آستانُک خاک کستر ناپناس پنا کرناوسے -
تہٕند غبارِ آستان یِیِلہِ ووت منز جنتس
سُے سوٗرسورمہٕ گنہٕ ہوٗرو چشمن لوگ ذرا لوٗبُکھ تیٖت قرب ہُریٖو کھ منزِ لو۔
گوشوقِ رفاقتِ شاہؑ ملکنے از خدا پنٕن مدعا مگنے
ہٕن قرار یِیِلہِ شبیہٕ شاہؑ تھاوِ کردگار تمنو ÷
سپُن حاصل مدعا تمنے تتھ زیارت کرنے صبح وشام تتھ کُن بختاوار وچھنو ÷
ناخن پائے رتہٕندٕ ے چھُ یہٕ ہلالے یمہٕ ستی نوٗر ہُریٖو ستارن تہٕ ماہسے +

## علی

گرِ رفاقت تُمی شاہی اہلِ دُنیان کرِ کیا بیان کو یتاہ راہِ خدا کوٗسن خلقن ہُند مہمو
موکلوٗوُن یہوٗ دمنز گردابو دژاس منز دریاس کرنہٕ رفاقت جنابو =
بازس نِشہِ کہوٗ تر موکلاویان شاہِ چینس کجان مدعا کاسیانس غمو
کرن کیاہ تہٕندی ہسے نوٗر عینس شاہ حسینؑس کوٗفی بے کتابو
کرنس رکش رفاقت کربلا رٹنس آبو =
تراوی ہس مأری مأری رفیق تہٕ یاور بأے گبرتہٕ لرِ لرِ ساوی ہسے -
کرنس نہٕ رفاقت اَکِہ آبہٕ پیاپچ تم کافر اڈٕ گلی تریشہِ تریشہِ کرِ ناوی ہسے -
کوٗر کھہٕ بے رفیق شاہؑ سُند ناز پرور ابن سعد تیر باران کرِ ناوسے -

کینٛہہ تُلن کمان، کینٛہہ لایہٕ نس خنجر کینٛہہ گنہٕ لُاینٛتھ کڈن ہاوسے -

زخموو بسر ڈ وگری یانی تڑ وو پتھر گری تھہٕ سرجدا شمر ژھرژھ دِیاوسے -

سپُن تمام ظلمس لتس مظلوٗمس بے ایمان رفیق ساربان ستمگرا

کرِ ظلماہ زمین کربلاس گوزلزلو جنتہٕ منزٕ نیری تھہٕ ییہٕ رسول مقبولوٗ •

ییلہِ گلی ژٹنی ہیہٕ اماسۓ لج نٹھ عرشسے تانی فراتہٕ گنہٕ گُل جوراپیدا گوھنو ÷

رفاقت تمہِ وقتہٕ کرن اماسے رٹن سوشرٛ اکھ تس ظالمسے

اِدٕ تمی بدکارن گلی ٹان یکبار ژٹنو ÷

تڑاوِیانی پتھر تم گلی ظالمے تیر گوسورعالمے اکہِ گنہٕ پوترو پوترو کریکہٕ یکبار گوھنو ÷

سُہ اوس محمد مصطفیٰؐ ہبتھہٕ شاہسۓ لتس پتہٕ حضرت فاطمہؓ ہبتھہٕ شاہ حسنسےؓ

وائتتھ نکھہٕ زارزار ودنو ÷

ووڈنس پوترو ظالمن یتھ ظلم کوٗ رُے ساربان رفیق پھوٗ رُے

یُس رچھاتھن انیاتھن ستی بدکار مُدِنو ÷

پوترومے کراوس یہٕ خیالے ماری تھہٕ مارِ نے میانہِ بیکسے +

## علی

نتہٕ گرر رفاقت مظلوم بائیس زینب کبرانؑ

یوسہ کربلا پیٹھہٕ اُس ہمراہ وُچھن پیہم ستمو

وائژکوفہٕ پیٹھہٕ ننوآرِ ے شام بے نقابو گرِتھہٕ زنجیر مُلتھ نوٗرِ موکھس سوٗ رآیہٕ حجابو=

لتس اوس دوہ گوھان بائے ہِند بن ییتمن للوان

شامس ہبتھہٕ ام کلثومہؓ ہمراہ ہوان بائیس ماتمو

راتس آسان پھِران دوٗکھہٕ بابو شین رٹتن بابہٕ بابہٕ کران بنیوس نہٕ آرام تہٕ خوابو=

دِتھہٕ بأنگی وان دوسہِ تھر مضطر دِیہِ ہے وبداغ بأے دادِ کس داغسے –

پیٖپہٕ ہس یادیٖلہِ شاہ اصغرؑ غش کرِ ہے ودان اِدِ بیکسے –

نتہٕ شاہ اکبرؑ بأے سُند جگر پر پھٹہٕ وِنہِ دارِیُس موٖرِ ہسے –

سوو اُج ژٕہان شبیہٕ پیغمبر نوجوان بڑونٹھہٕ گنہِ موٖرِ ہسے –

بأیِس شاہ حسنؑ نوٗرِ بصر شاہ قاسمؑ تہِ گرِییٖلہِ تڑووِہسے –

اَکہِ اَکہِ یادیہنس تہٕ بیکس دَدِمَتہِ دِلہٕ بیٚون بیٚون تڑ اوِ ہسکھ لہرا

وَ دِہسکھ ییٚتیو گنہِ ییتوم نوگلو کِنہٕ روے کھوٚٹوم روٹوم مزار مقبلو ۔

اُس اِدلوٗسی تہٕ پہوان بیکسے چھنے میٚوِ پیٚٹھ منز بأنگی وانسے اوسس بنان گٹہٕ کارودنو ÷

اُس وچھان منز خوابسے خوٗن موٚ تھمُت آفتابسے تڑوومُت ژٔٹی تھہٕ سر سرداربأے مدنو ÷

ماٗری مٔتی یارو یاورتسے تأری مٔتی نیزن تہٕ تیر بدنسے کوٚرمُت نیزس سوار بأے مدنو ÷

کوٚرمت سر اصغرسؑ گنڈٕستی بابسے چھکان نوٗرِ موکھس سوٗرجنابسے

سکینہؑ نہِ دادِ گومُت بےقرار بأے مدنو ÷

پھُٹرٕموٗ علم بأے زوروارسے شانہٕ ژٔٹی مٔتی آبدارسے آمٔتی سپنس کان بےشمار تارنو ÷

لٔدی مٔتی نیزن سر اکبرسؑ تہٕ قاسمسےؑ گرِ ژٕکوٕمٔتی پیٚٹھ پرٕتھ بدنسے

آمُت زٔنجیر گری تھہٕ رزِ بیمار گنڈنو ÷

مُہان پرٕتھ معصوٗمسے ہیمٔتی کنہٕ دوٗرسکینسےؑ ژورِطرفہٕ گوٚنڈمُت نارٕ خمنو ÷

گرٕ ھہِ ہے یہِ حال وُچھتہٕ یٔژ بےحالے ووتھہِ ہے اِدِ نِندرِہوٚت بیکسے +

علیؑ

چھہم جگر ژھنبان وہہ زن پھیران

چھُ کتیاہ سمسار بأزی گارا پھرِ کاتیاہ وأملی ستمو

کران دَماکم خانوادٕ خرابو تلٕہ ناوان رنگہٕ رنگہٕ عذابو =

کۄڈن تمے شاہی منزٕ بے رفیق بیب شہر بانؑ

ییلہِ شُری ہتھہٕ ماران ڈیوٗٹھن پادشاہ خاندار پاٗونس کربلاصحرامہو

کوٗرُس پوٗترٕ زخمو جگرس کبابو دزایہِ کران ارسرٕ تنہا گرِدو کھہٕ سیلابو =

کوٗہس پیٹھ واٗتتھ سو مضطر ژایہِ منزٕ اَکس غار سے -

دِیہِ ناد نادادٕ سو بے پر شاہ اصغرؑ شیرخوار سے -

گرادوسہِ غارچہ دِتھہٕ تھر لایہِ ہے نادا کبرؑ جگر پار سے -

دیان پیتوم ہیٚیہِ توم خبر ڈولائمری تھہٕ منزٕ یتھ غار سے -

کوٗنہہ تُکیم ، دِیم سرٛان کربم قبر زبتھہٕ گبرگیس بیکس گُنہِ گُنہِ پیتوم گراپھرا

یوٗ ہباٗتھنڈی مرگن کۄڈس مُلو چھس کھوژان دردلو •

نیٚہِ کوٗنہہ خبر بڈی بابسے دَپہِ ہبس ہیٚہِ دبد ساٗنی بیکسے

پھٹرٕس ظلمہٕ لارحصہٕ آس غار کۄڈنو ÷

ڈُلی توس چھِ مالنیٚ رٛژ بیکسے تیٚہنٛز ہاژ واتہِ بڈی بابہٕ کسے

مورٕہس خاندارتہٕ جگر پارمدنو ÷

کرنس زولانہٕ اڈٕ کچہِ سکینہؑ نواٗرشام ہیٚہِ ہسے تس ظاٗلم کنو گوشوارٕ کڈٕ نو ÷

زیٚورٕ ژھہِ گُلی گُنڈی ہسے اَتھودستولنہٕ کڈی ہسے بلیہٕ مُری تھہٕ سوٗرٕ ستی نوٗرٕ رخسار ٕبو رنو ÷

ترٛیشہِ ہوٕتاٗزیانہٕ لاٗے ہسے اتھن کھورن زٛنجرٕ گرِ ہسے گوس لاینہٕ ستی گلنار بدنو ÷

دیوٗ نیری تھہٕ جنتہٕ منزٕ گراو چھہے میون حالے کرِ ہم رفاقتاہ عار پیٚہِ ہسے +

کرنہٕ رفاقت نیر از جنان لعبان

حضرت زہراؑس یِیمہٕ دوہہٕ امام حسینؑ آو بدنیا ییٚہٕ کربس رفیق کیٖنہہ خالقِ عالمو

میجاس انعام جٔنتکی جواہر قابو قابو ہرٛوان کو چھِ یِیلہٕ عأ لی جنا بو =

اِد یِیمہٕ دوہہٕ سپٕن کربلٔک طوٗفان

کرن شہید ترٛیشہٕ ٹٔس ریشہٕ چھٔتس شاہ حسینسؑ بے حیا پوٚفاطمہ زہراسؑ ماتمو

ییٚنس کرنہٕ رفاقت آسیہؑ ، مریمؑ تہٕ حوؑا بے تابو ییٚہٕ آس تسلی دِنہٕ رسول خداؐپنن بابو=

نیٚہٕ مارِونہٕ انعام شمر کافر عمامہٕ رسول خداؐ وڈِپٹھہٕ وأ لِتھہٕ اماسے -

زبہٕ دوہہٕ لعبان نیاورٕ ڈتھہٕ بالاتر شہید کوٚرشمرن آس نارحِسے -

وأ ڑیِیلہٕ پوترٕ مأج نکھہٕ بدنس وُچھِ ڈٔتھہٕ سرپیوٗمت سروا قدا وارا ہ

مَتھِ کربلا ییٚح رتہٕ میوٚموکھس پوترٕ جلو رٹبس تھر مریمؑ کرنس نرٕتلو تلولبلو ۰

ودبس پوترو یوٚ وَدے کتھ ظلمسے کیا کیا اٗے پیش بیکسے چھی ہیرٕ یون داغدار بدنو ÷

چھے سبکھ ڑاہوٚ پرٕتھ زخمسے کڈٕر سہٕ رسے اما چھم نہٕ یوان وار مدنو ÷

پوترو آم کان جگرس وچھتہٕ چون حالے تیٚم نہٕ انگ قیأموٗتانٕی اَتھ داغسے +



ماخوذ از نسخہ بقلم ذأکر سید مہدی نژھو یوم شنبہ ۴/ جمید الاول ۱۳۷۸ھ

# ریاست

یا اللہ دِتہٕ توفیق میٲنِس قلبِ رئیٖسس چاۍنی ثناوَنہٕ نِس بیٚیہٕ چھُم خیال
کرہم نے لطف ژٕرے علامو ہیکیاہے ہیۆ حقیر عبادِنا کام حمدس منٛز گرِتھ کلامو=
ہُربم تمے ستی حاۍدن منٛزٕ منزلت رُتبس اَمہِ دربارٕ لٕیہٕ اقتدارِ بے زوال
آسہٕ نم بحیات زیرِ دربامیدِ ملاقات دنیاۍ کی حکامو
میلبم عہدہٕ جلیل درجِتانِ مماۂنکی ہنگامو=

لٕبہٕ میٲنی ریاست تیت باو اِدتا معاد پوشہٕ تمیک ناو -
سلیمانسؑ سُہ دستگاہ تیٚلی اَتھہِ آو یِیٚلہِ تس دیوانِ عدلہٕ چانہِ ناولکھنہٕ آو -
چانے امرِ تس تخت اوس ٹلان واو گردابہٕ نۆحسؑ ناوکھارِ چوۓ ناو -
چاۍنِس بحرِ حمدس لبہِ کنارٕ کرکاثہہ ذی ہوشاہ پکن نہٕ برۆنہہ حاشاہ
تمن بیابانِ بے پایان زن دژ ینٛٹھ آو
واۍ صلن تہِ اَسی نٹان مومویۆ تانی تمن زۆ دژاو ٭
کتھہٕ کلیمس گیہٕ گلہِ اَندرو خلیلسؑ نارس گُل پھٔلی تہٕ آس بوے عنبرو ÷
کۆرتھن جہاندار ژٕرے سکندرو کۆڈتھن بطنِ نۆنہٕ ذوالنوّن محیطہٕ اندرو ÷
ہاوِی اَمین چاۍنی اعجاز دُنیاس اندرو تہنٛد وٕصی مارِاژ درمنٛزلہِ اندرو ÷
چھا امکان کرِ بندٕ چاۍنی ثنا بیانو اما صدائے گدا چھُ چانے بابِ جۆدِ شۆبانے +

علی

نوٹ:- یہ مرثی چھےٚ مرحوم صفدر صٲبنِس ماہ شعبان ۱۳۵۴ھ منٛز جلیس منٛز وننہٕ آمُت

اَنہِ ییٚلہِ شہنشاہِ حقیقی بدنیا حضرتسٕ سپُن رشکِ اِرم یہِ عالم فی الحال

آیہِ کرنہٕ آرائشِ عرش وافلاک درہر مقامو

رضوانن تہِ مٔز جنتن کوٚرسے انتظام کمہِ احتشامو =

سُہ سردارِانبیاؑ کرنوٚوُن سیر ملکوٗتس باوبس اسرارِ خفی تٔتی ذوالجلال

کربس شاہپرٕ پیشکش خواناہ ازطعامو

سپُنس شریک پرٕدٕ تُلہٕ شبیہٕ ید بیضائے یداللہ تامو =

حوٗرن ہُند دستہٕ دستہٕ جلوٗس دڑاو غِلمانن تہِ وُچھتہٕ وجدآو -

پانہٕ خالقن تھوٗوُس ناو محموٗدٕ نشہِ محمدؐ دڑاو -

ربعِ مسکوٗنس مراددڑاو تختِ رفرف تس سوزنہٕ آو -

ژٕج گٹہٕ جہانس آس گاشاہ ظلمتِ کفرٕ نشہِ دڑاوآس ہوشاہ

رۄدنہٕ جوروجفاس دنیاس کُنہِ ناو سپُن قبلہٕ بیت اللہ ژولُس بتخانہٕ ناو ۰

شۄبہٕ ہسم قلم شاخ طوٗبیٰ میل آبِ سمندرو بیٚیہٕ عمرِ الیاسؑ دنیاس اندرو ÷

خزاینِ داراتہٕ طالعِ سکندرو بہہٕ ہائری تھہٕ اِتکا قصرس اُکس اندرو ÷

وَتھرِ تھہٕ شاہانہٕ فرشاہ اُندرٕ نبرو مروحہ کرنہٕ آسن غلام رزی کمرو ÷

کُرِتھ پانس لباس معطرازمشک وعنبرو سونہرٕ ہادفاترٕ نعتگ کتابہٕ انبرو ÷

وَنہٕ ہاکتھہٕ پاٗٹھی گُل کھولنہٕ کُنہِ اندرو گوناگوں تتھ تتھے دڑاے ثمرو ÷

تہنْدے ناوٕ تاجدار سپُن سکندرو بنیوٗ یوسفؑ واُلی مصرس اندرو ÷

سوزٕ ہس مژٕ ہین گری تھہٕ بہٕ طِلامُ سلہٕ تمے عنوانو گوٗھس مدہن ہتھ یو پانے +

علی

ژھنڈُ ے تختِ خلافت میٚؤل حضرت مولاعلیہؑ یُسنٛدِ ناخنِ پایک نشانہٕ چھُ یہٕ ہلال
سُے دَیہٕ سُنٛد خانہٕ زادتہٕ وٚلی عالی مقامو خلقن تہٕ ملکن ہُنٛد امامو =
سلیمانہٕؑ ہُنٛدِ کھوتہٕ چھُ علو ژھنٛدِس رتبس
کوٚرموز خینِ غیر مذہبوتہٕ مقال سوتہٕ چھِ اکھ مثال
سُہ بے نظیر حضرتہٕ سُنٛد وٚزیرِ صاحبِ نامو
ووت دادن سرپر آرائے دنیان سُے صبح وشامو =
کمن کمن مہمن مظلوٗمن بکار آو یوسفؑ مہرِ ژھنٛدے چَھہٕ مژٕ دژاو -
ژھنٛدے موکھہٕ لوٗ سمت آفتاب پھیرِ تھہٕ دومرتبہٕ کھارنہٕ آو
ژھنٛدُ ے بساط ہتھہٕ پوٚک واو -
ہیٚوت خضرؑ ظلماتہٕ ژھنٛدُ ے ناو اِدتس آب حیات تتہٕ اَتھہٕ آو -
سپٕنِ سرنگوں دُنیاٚ کِ شاہ وُچھتہٕ زورِ بازوے شاہؑ
ترٛاوِتھ ظلمتِ کفر حرزِ اسلام تمن اَتھہٕ آو توٚے کلمک جزو سپٕن شاہؑ سُنٛد ناو۔
تس اوس اکھ شہزاداہ غلام نام قنبرؓ یُسنٛد خاکِ کفش اٚچھن موٚتھ قلندرو ÷
گُنہٕ وِزِ سپٕنِ ہے سُہ شاہؑ تنٛدرو سپٕن ہن پناہ گزہن شہریار قلعن اندرو ÷
تٔمی موراکے ضربہٕ مرحب تہٕ تثیت عنترو قصہٕ قطعِ بالِ شہپرؑ چھُ کتابن اندرو ÷
منگنوٗن شاہِ ماہی تیٚلی از سمندرو ییلہِ باہ جہازٕ ہتھہٕ مہرازٕ کھارِ آبہٕ اندرو ÷
ژھنٛدُ ے سِکہٕ رُوٗ دوام دنیاس اندرو واتناوان ولائے راہدٲری ژھنٛد جنتس اندرو ÷
انشاء اللہ واتہٕ مرادس بوتہٕ پروانہٕ مہرِ ژھنٛدِ، چھم پرواہ نو
سوزِ فرمان چھُ میٚون داد بوزانے +

علی

لکھان دوہہ اکہِ وأتی منٛز مُدٕنس کینٛہہ روسائے یہوٗداز صعوٗدِ راہ سپنٛز متی خستہٕ حال
وأتتھ بخدمتِ حضرتِ خیرالانامؐ کرن جدا جدا بہٕ تعظیم تام سلامو =
فرماوکھ حضرتؐ چھ کیاہ باعث تہنٛدس ازراہِ دوٗر ینٛس
کرن عرض یا حضرتؐ اَسہِ ووت یہ خیال یُس کال
چُھ پنٛنین پنٛنین شہرن پژتھ اَکس بدست انتظامک زِمامو
توٗ ے آیہ نہٕ فرصت حاضر سپنہٕ نس ازتامو =
اَسہِ کتابو منٛز یِلی ڈرینٛٹھ آو چھ گنہٕ اَکس لِکھتھ شین مرسلن ہُنٛد ناو -
چھِ زیرِ زمین سوگنٛز چھنہٕ ژُتی تتہٕ دژاو چھکھِ وأقفِ اسرار سوگنٛز ہاو -
سپنہٕ چانے طفیلہٕ یہ عقد وابوزنہٕ آو اَتھ وہتھ رعایا ایمان یہِ سر باو -
بوٗزی تھ تہنٛد مدعا نبین ہُنٛد پادشاہ فرماوِ بلالسؓ اَنِن وٗلین ہُنٛد شاہ
بوٗزِ تو اِدیہلہِ دَیہِ سُندٕ وٗلی حضرت علیؑ آو روٗدی استادٕ روسأ بر پازن رعباہ تمن لرزِ ژاو۰
فرماوبس حضرتؐ تأنی سپنتھ خندہ رو یا علیؑ یم چھِ فرمانروا پنٛنین شہرن اندرو ÷
چھِ کنٛیاہ پأدٕ خالقن کرِ ہو دنیاس اندرو تمہِ کےٚ حالو چھکھ کتابن اندرو ÷
چُھ تتھ کنٛد اکہِ اَنٛدٕ حروٗفن اندرو شے مُرسل چھِ ہموار تہٕ بلنٛد رو ÷
ہأو وِیمن چھِ کتھ جایہ پنہان سپنکھ عیانو تژ اوَن پنٛن آئین اَنن ایمانے +

## علی

اِدٕ دژاو شاہِ لافتیٰ ہتھ تم روسأ اَکس طرفس
وأتی منٛز اَکس صحراس تہٕ وُچھکھ اکھ عظیم جبال
اوس سُہ کوہ سیکہِ ہُنٛدٕے تمامو نہایت بلنٛد، تمیُک طوٗل وعرض زانہٕ ہے علامو=
کرِ ادٕ حکم شاہؑ واوس کرٕن صاف یہِ میدان، یہِ سیکھ ژُلِ تہٕ فلحال

یُوٗ زی تھٕ فرمانِ شاہی تَج سکھ واون تامو

سپُن صاف میدان برۆ نہٕ قدم تژ اوِ ہتھٕ روسأ امامِ انامو =

وأتِتھ درمیان کوٗ رُکھ ٹھہراو ہوٗ وُکھ اِشارٕ ژٕ مینس مُورنہٕ آو -

دژ ایہِ نٔژ سوٗ گٔژ گویا تمن مراددژاو اماتتھ نہٕ گنڈٕ کانٔہہ ناوبوزنٕہ آو -

کرن عرض روسأ یا حضرتؑ یہِ اَسہِ ہاو سون مطلب ییٚتہِ کیا دژاو -

فرمووبکھ چھُس طرفِ زیرٕ ہِن سُہ نقشاہ یُس توہہِ وُچھنس چھُوِ منشأ

أنیوٗکھ گوٗ ھیکرتہٕ شہرس اندر مددگار زور آزماناو پھِرَن یتھ گنہِ توہہِ بوزنٕہ ہِن اِدناو٠

گٔے تِم روسائے یہٕوٗدی شہرس اندرو أنِکھ ژتجی پہلوان ژأرِتھ ساسہٕ اندرو÷

کریا وتِموزورزِ پھِرَ وأسی گنِہ ہُندرو گوکھنٕہ تتھ اَثراگے شرمندٕرو ÷

بیٚیہِ ہتھ پہلوانہٕ أنن روسأ اِدشہرِ اندرو آے تماشہِ بِہن تہِ سبٹھاہ تتھ اندرو÷

کریا وِیکوٹہٕ زورتِمو پِروجوانو سپنٕکھ نہٕ حأصل مدعا أسی حیرانے +

علی

لگو زبنا فدالتس آغس یُسنہٕ ہتی قوّت لبہٕ اسلام تہٕ روٗدبحال

اکھ انگشتِ مبارک لاگبس یامو

پھیر دفعتن گیہِ دوٗرکینٔوھن گزن وچھن خاص وعامو =

وُچھن لِکھِتھ شےٚ مُرسل تِمہِ کِس رویس بیٚیہِ علیؑ ولی اللہؓ وصی رسولؐ ذوالجلال

تراوَن پٔتُن آئین أنَن اسلامو پوٗرُکھ کلمہٕ سپنٕز حلقہٕ بگوش شاہؑ سندی غلامو=

اِدشاہ ہتھٕ تِم روسأ آو کرن عرض حضرتسؑ یہِ تِمن تتہٕ دژ ینٹھ آو -

کرن رخصت طلب زِ مطلب دژاو گوھوپتین پتین شہرن پگوزن واو-

وَنولوٗکن یہِ کیٚنژ ھا اَسہِ بُتھہٕ آو کروکھ کلمہِ تلقین ہِتھٕ شاہؑ سُند ناو -

میلیٖ تھہٕ رخصت مدینہٕ دڑاے اِدتم شاہ اُسی کران تیز پکنس تلاشاہ
واُتتھ پتنین پتنین شہرن سونبرن بیگانہٕ خویش اُشناو
وونہکھ قصہٕ سوُرے تمن تہٕ اسلام اِدٕ اَتھہِ آو ۰
یہٕ معجزٕ پھِران جگرس نارھیوٚ تم ازمرو پھیرٕ نائدی تھہ خاک جنگلن زن قلندرو ÷
رٕوٚدزاُ گی تھہٕ تس شہسؑ کوفہٕ مسجدِ اندرو نمک حرام غلام گرِتھ روماله ستی بنٗدرو ÷
دیٗتن زہرِ آب شمشیرِ کڈِتھ کنٛبہٕ اندرو لایہٕ سرس تس شہسؑ نمازِ اندرو ÷
تمہٕ وِزِ خلقن اُس بندرو گاُ گھکنن یِیے صداتمے اندرو ÷
موُرکھ شاہ دینؑ روزٕ دارنماز پرانو تہٕ بوٗزی تھہ گےلاران اَتھہٕ موٗرانے +



تیٚمی شاہیٔ کریاوحکم واوس تجان درآن سیکہِ ہُند تیت بلند بال
کڑیان مشکل حل روسأن کمہِ انتظامو اَنیاوبتھہٕ شہرن ہندی لوٗکھ تموٚ اسلامو =
تہنٛدٕ ے نوٗرعین شاہ حسینؑ لوٚگ کربلا اَتھہِ ظلمہٕ واوس
اُسی تھہٕ پادشاہِ دنیاودین سپُن زن مسکین رسوٗلہٕ سُند آل
دوٚڈم آہ وَنہٕ کیٚایہِ کیٚایادآمو پھربس یزِدِنی ریاست گوس فوج ہیتھ گراتمامو =
دعوت گری تھہٕ مدینہٕ اَنہٕ آو تس کربلاواُتتھ آب رٹنہٕ آو ۔
نوٗن دوہن نِزِ تمن آب اَتھہِ آو معصوٗمن تریشہِ دادِووٚتھس تاو ۔
اِدٕ ژھنی تھہٕ مشک نالی تہند بوے سقادڑاو واُتتھ فراتس فوج تس وَلنہٕ آو ۔
سٕہ زوروار ہرکران برونہہ ییلہِ دڑاو ظاُلماہ ازکمین زاُ گی تھہٕ آو ۔
ژٹہٕ نس دٕ چھن شانہٕ تس اِدوارآو تتھے پاُ ٹھی آبدارتوتہٕ برونہہ دڑاو ۔
بیٚاکھ ظاُلماہ تس پتے آو کھوٗورشانہٕ ژٗٹھ سٕہ پتھ دڑاو ۔

بَرِنہٕ پرواشاہٕ سُند شاہٕ سُند اُچھگاشاہ دئد وٕستی مشک رَٹِہ برٕ ونہہ پگہٕ کرِ تلاشاہ
لایہٕ نس ظالم کان اکھ مشکہٕ، بیاکھ تس سینس آو
بیاکھ سخت جان لایس دُشاخ کان سُہ تس نٕورِ چشمن آو •
تمے وٕستی علمدار پہو پتھرو دِیہٕ صدا سینسے فدامیانہٕ بأے سرورو ÷
شاہ حسینسؑ سُہ حال ڈیشتہٕ گیہٕ خم تھرو آو لاران اُش ہاران بے صبرو ÷
کران بابہٕ بابہٕ نادلایہٕ تانی مضطرو عباسہٕ بابہٕ کتھ جایہٕ تڑأو تھم لرو ÷
وئد ے آیہٕ سکِہ منز ژھایہٕ رٕوٕدِہم وتم سِرو سکینہٕ دڑ ایہٕ چانے مایہٕ خمہٕ نبرو ÷
آبچہٕ رایہٕ یور گن آیہٕ کھٹتس متہٕ رو چھ ترٕیشہٕ دادِ گاہٕ موضایہٕ پیٚیہٕ گنہ جایہٕ ووٚنی پتھرو ÷
سُہ نباڑ ے وُچھتہٕ لسِہ مارِ پان ودان ودانو زند ے یو وُچھِ کتیاہ طوٚفانے +



دڑ او ابن ملجم غلام نمک حرام تس شہسؑ موُرن نماز پران روزٕ دار آغہٕ پٔتن زوٚنن حلال
خلقن رٕو دپھرُ ن سُہ صیام قیامؑو تامو
ہاون پیٹھ زمینس خلق ماتم رٕودِی درغم فلکو پیٹھہٕ ملک تمامو =
تِتھے پأٹھی تُہندس نٕور عینس شاہ حسینسؑ بَن ییٚلہٕ کٔوفی کربلا گرِتھ سوال
وَنہٕ رِکتھہٕ چھم پہو ان چھٔنی تھہٕ ہن ہن گومنڈِ نن شامو
کربس حقِ غلامی ادا ابن سعد نمک حرامو =
تُمی مُلحدن محبن گریرِ ناو گنڈِ تھ کمرامامس سِٕے مارنہٕ دڑاو -
یٔو زی تو وَنہٕ کتیا حسرتاہ مےٚ یاد آو سُہ ملعوٚن کو یتاہ سنگدل دڑاو -
دوہہٕ اکہِ حکمہٕ شاہٕ سِندِ زندان سوزنہٕ آو یُو کالی شاہٕ تمے زندانہٕ کنی دڑایاو -
پتہٕ پتہٕ حسنینؑ تہٕ صحاب، شاہٕ برونہہ دڑاو زندان برس نزدیک شاہٕ ییٚلہٕ آو -

کرِ عرض ابن سعد زِیا شاہؑ مے اَتھہٕ تڑ او کرِیان ستبٹھاہ التجا شاہؑ برۄنہہ دڑاو۔
کرِیان امام حسنسٕؑ التماس تۄ ہی بوزنأوی تون شاہؑ

تمو ہیۆتس نہٕ ذِمہٕ اصلا، شاہ حسینؑ پادشاہ

تَسند عجز ڈیشِن تمن عار آو لگی زِ بس تتھ ہمۄ قربان بابہٕ صاحبس نشہِ لاران آو۔
دَپہِ بابہٕ صاحبہٕ کٔرِی تو ذرا صبرو کرِ مو عرضاہ ہرگاہ آسِم امرو ÷
فرموٗ ہس وَن با کیا غرض چھے جگرو دَپہِ کٔرتون آزاد ابن سعد کڈی تھہٕ زنجرو ÷
سپُن یہِ بۄزِ تھہٕ تغیر رنگ شہسٕؑ دِیہِ دیوارس تھرو دوپہس حسینہؑ میانہِ ژٔے نبا چھے خبرو ÷
چھُکھ کران سفارش از ژٔ ے یِسندِ خاطرو یگاہ کربلا صحرا یہُو ے مأ کرو ÷
رٹنأوی آب بے حجاب کٔرِی جبرو اُسی کران آبہٕ آبہٕ اڈ کوٗل شاہ اصغرؑ ÷
مأری اکہِ اکہٕ یارتہٕ بأے بیٚہ گبرو تڑأوی ژٔٹی تھہٕ شانہٕ بأے پہلوانس پتھرو ÷
کھارِنأوی ژٔ ے مأری تھہٕ نیزس سرو سوزِ ڈالہِ یِزِ دس سۓ شام شہرو ÷
کٔرِی بیٚنِن تہٕ کوربن اُسیر کٔرِی تھہٕ زٔنجرو پھِرِنا وِکھ کٔرِی تھہٕ رز شہرِ شہرو ÷
کرنا وِ منأ دی شہرس سمِن تماشہِ گیرو تھیکہِ سپُنس مشیر یِزِدس مورۄم پیرو ÷
دیُٔ وی نار ژمن نیأوی سوٗرے سامانو لدِی تھہٕ سرنیزن کرِ شام روانے +



گو مابدل شاہؑ سِندِس وَنہٕ نس

طمعِ ریاستِ رے ابن سعدس ژاود ماغس کرِ نۆون آغس غربال
زن شدادِ کرِ تیت بیداد اُستھ غلامو کوٗرن مبتلا مژ کربلا عالمک امامو =
زندانہٕ کڈِ نک حق ہوٗرِنس فوج ہتھ لبِ دریاو وِلنس نال
تھاوِ نا وِ حق ناشِناس رأچھ دریاس تامو کرِ نأوِن تریشہِ تریشہِ معصوٗم خامو =

تس ملعوٗنس نٮ۪زِ کاشہہ مراد دزاو یٔزی تو ہیتھ یار، گبرتہٕ بأے پیٚلہِ امام مارنہٕ آو۔
لوٗٹن اہلبیتؑ ، خٮ۪من ناردیاونہٕ آو بیمارس تہٕ غول کرنہٕ آو ۔

پتھ شہیدس سر ژٹنہٕ آو تمے نیزن لٔدی تھہٕ ابن سعدا شام دزاو ۔
گرِ کھ زٔنجیرِ اہلبیتؑ تمن بازری منزی کڈن ہیتھ عابدین شاہؑ
کھارِنک ؤنتن ہاوان لوٗکن تماشاہ
عامہٕ منزی سُہ ستمگار ہیتھہٕ تم ناچار کوفس آو
گرِتھ تاراج نبؐ زخانوادس ابن زیادس ہاوِنہٕ آو •
اہلبیتؑ اَسی اسیر گرِتھ زٔنجیرو بٔری بٔری اَسی درو بام تماشہِ گیرو ÷
اوس برۍ نہہ برۍ نہہ شاہ حسینؑ عالمک پیرو
تتھ (سرس) ستی کا کلوزٔ ٹی تھہٕ گوٚنڈ مُت اوس صغیرو ÷
تس پتہٕ علمدار شاہ حسینؑ وٚزیرو فرات پیٹھ پھیکہٕ ژٹی یس شیرو ÷
اَرِکتھ گنہِ قأسم شاہؑ بأے سُند دلپذیرو ہیتھ کنہِ نوجوان اکبرؑ جوانہٕ میرو ÷
گرِتھ قطار سأری یارتہٕ انصار جوان ویرو لٔدی تھہٕ تہٕنذی سر نیزن ہیتھ پکان بےپیرو ÷
اُس خلقن ہنز موٗرِ موٗرِتہٕ ترٛو ھ پیرو بران نہٕ والیہِ سرن ہُند، دِوان گزلیہ اَسی شیرو ÷
تمن تھبکان بےدین حسینؑ نمیرو مورے تریشہِ ہوٚت ہُہ صغیر دِتھہٕ تیرو ÷
شمر دیان زِبنہٕ یوٚے ووٚنی مشیرو کوٚرہٕم امام مارِنس تدبیرو ÷
واتناوِکھ تمے حالہٕ ابن زیادُن دیوانو اَسی کوٗفی پامہ دِوان وِسانے +



منقول از نسخۂ ذاکر صفدر صوفی ماگام بقلم خود شاعر مرحوم حکیم جواد
مملوکہ ذاکر الحاج غلام مصطفیٰ صوفی ماگام

# شرافت

اَزلے وأصبِ وأہبُ العطا کرِ حأمدن شرافت عطا

گرِی تھہٕ منتخب یہ منصب کربکھ سہ کریم کرم =

اَمہِ دربارٕ توَے سپنٕز مشرّف شُرفأ گٔے معرؤف شریف لوٚبگھ شَرفاہ

سپنٕز تیلہٕ متعَرَّف یِیلہِ مہذّب کرن شریفانہٕ تہندی ثنارقم =

گرُن مضموٗن مخلوٗط ومنوٗط سخنورن چھنہٕ أٹینو

گوٗھان توَے کلام نامربوٗ طتہٕ بےقدرو -

چھم رجابخشہِ شرف سہ علاّم میأنِس کلامس ہرأٹینو

کرِنس معترف مصحف مُعرِّ ف قدرو -

سپنہِ رٔفیف تہٕ محفوٗف گوٗھن مشغوٗف بأصر

کرِنس منصفِ شنف مجبکہِ اعتبارٕ سپنہِ مہلبہٕ ہنٛدِ کھوتہٕ مشہوٗ روارٕ ہرسوٗ •

سپنٕم رُتبہٕ مُنیف مُضاعف اجرا یِیلہِ خلطونٕشہٕ مُبّرا ابوزنہٕ پیٚے ÷

کرِنس اشراف قدرِ صدف تہٕ مُہرا ذی فہمن میوٗن شرف لبنہٕ پیٚے ÷

ژلہِ بالغ کلامن اَمِچ رُصافت وُچھتہٕ شفافس زنگ مدام کرن عمرِ تمام

اَمہِ رکس شرفس اقرار سپنن مےٚ ہم راۓ ہے +

علی

نوٹ:۔ یہ مرثی چھے ذأکر سید مہدی (نژھ) مرحوٗمس شعبان ۱۳۴۲ھ مژ وننہٕ آمُت

لوٗ بُن شرف دُنیان سپُن پرضیأ بنیو اشرف مخلوٗق انسان ییٚلہِ اشرف انبیأ
کرِ مشرّف یہِ عالم پیش از آدمؑ =
سپنِٕ معدوٗم شقاوت آفتِ سحرا ییٚلہِ اَنہِ زیرِ شرفِ پا یہِ فأنی سرا
گےٚ ادیانِ ماضی متلّف سپنِٕ مخوّف محفوٗظ تہٕ بےغم =
یہِ سنہٕ ہجری روشن تیٚنٛے سپُن زن آئینو ییٚلہِ کرِ ہجرت نٔبین ہُنٛد صدرو -
مکہِ دڑاے اوسُکھ تشریف مُد پنو اِدٕ قیامُک سٕے بنیو صدرو -
سپُن وسیع دایرٕۂ اسلام روٗ دنہٕ شِرکُک نام کلمُک شرف صاحبِ اصنام لبن یکسر
اوٚنکھ ایمان روٗ دِی درامان موکہِ لےجہنمکہِ نارِ کھمن نہٕ پگاہ صراطکہِ تارِ ترسو۔
سپُن شِعاف تہٕ شغوٗف پڑتھ سأحرا پڑأنی براہین وآئین باطل گیٚے ÷
تُمی زأنی بےثبات دُنیأچ پڑتھ گرا توٚے دارِ بقاس اَتھ پتھ شرف دِیے ÷
دَیہِ سُنٛد اُمین کرِ کفرٕ کی احکام کالعدم تمام سپُن گمنام شِرک ہر جایے ہے +



کوٚرن پٔنُن وٗلی تس وٗصی تہٕ اشرفِ اولیا شبِ ہجرتہٕ فرش حضرتسؐ پتھ سُہ شاہ لافتیٰ
مےٚ فخر چھا کم شوٚنگ مرٕنُن یوٚ رُن نہٕ غم =
تہنٛدے طفیلہِ ہُریو وکعبس تہِ رُتباہ تکیأ آوتتھ منز بدٕ نیا سُہ عأ لی جناباہ
لوٗ بُن تتیت شرف سپُن محترم =
خضرؑ آبِ حیات اَنہٕ نس ظلماتہٕ زمینو شرفِ وِلا تہنٛدے سپُن رہبرو -
شرفِ فرمانروأیی سلیمانسؑ نگینو اوس عطیۂ شاہِ اژدرو -
معراجہِ پرٕ دِتلہِ حضرتنؐ عرشِ بُر پنو پرٕ زنو ودستِ ساقی کوثرؑ -
تس نشہِ فرشِ زرّ پنہٕ کھوتہٕ شرف لیہِ زمینو مال دنیاس زأنِن نہٕ زانہہ قدرو-

سپُن توَے نجف تہِ اشرف لوٚبُن رتبہٕ بالاتر

اولیأتہِ فیضیاب سپنٕۍ تمے دربارٕ شعف نادِ علیؑ مرن مرن ظبیو شیافہٕ تمہِ صحیحہِ غبارٕ کرِ سوٚ

رٕ زی تو بہوش وَنہٕ موخبرا از ''تحفۃ الحسینیؑ'' مےٚ نظرِ پیے ÷

بخشہِ کویتاہ شرف زمینِ کربلاس خدائے قادرا وَنہٕ مختصر، مفصّل کلامس طوٗل دِیے ÷

یہٕ بے بہرٕ تمہِ کینہ فضیلتن تشریح کرا مےٚ عمرِ سارِیہِ بحراونہٕ کرپیے ÷

کرَوبیان تمہِ منزٕ داہ شرف تھاٗوی توکن گرا سپنو فیضیاب تہٕ رستگار توہہِ بکارپیے ÷

چُھ مخصوٗص اَمہِ کہِ برکتہٕ بالخصوٗص عمرِ تمام لٕبوٗ دُنیاس آرام

عقباس بے گمان درجنان آسو جائے ہے +

علی

اَکھ شرف چھُس زِکرِنس عابد سجدٕ گاہ ییٚہٕ اَچھ تسبیح بے ذکر پھِری زِ ہرگاہ

چھُ تتھ اَکس تسبیحہٕ وُہن ہُند ثواب سپنٕمت درکتاب رقم =

اَدَے پھِرِیہِ تسبیح باذکر کانٕہہ اَکھاہ لکھان تتھ ستتھ ثواب چھُس نہٕ شکاہ

ترٕ ییم طفلس ترٕ اوٗن ذرا درہان کران وِلاّتہٕ ایمان محکم =

ژوٗرِم مرے کانٕہہ صاحبِ دٕہنو تھاوِنس مو یاٚستی کفنس اندرو -

سُہ دٕہنداً رنجات ازفشارِ لٕبہِ بے کینو تُلہِ نیک بخت راحت درقبرو -

پاٗنٛژِم مرضن دواسوے خاک کران پاک ازمعاصی سوزمینو

شیٚیِم حرز وتعویذ کنہٕ رچھان ازخطرو -

سٔتم تھاوے کانٕہہ ذرا درمال یا درخزٕ ہنو کرِتھ مالس برکت خدائے برترو -

اٗٹھِم سپنے گُنہِ دریاس طلاطم وتھنس امواج کھین خوف مسافر

ترٕ اوَن سو خاکِ پاک تتھ آبس ذرا اِدِ تمے ٚستی ہٕیہِ قرار سُہ انتشار ژٕلہِ سوٚ

چھُ ئُوم لِکھان یوٚ ہے خاکِ طاہرا پٔرتھ مومنس مٔز جنتس روشنی دِیے ÷
بوزنہٕ ییہِ قیامُو دوہ زمینِ کربلاُچ قدرا ییلہِ بلنٛدأکس مقامس پیٹھ نصب کرنہٕ ییے ÷
تمہِ چہِ روشنی کُن ٹھہرِ نہٕ کأنسہِ نظرا آفتابہٕ کھوتہٕ تمیک نوٗرشعاع دِیے ÷
ڈٕہم شرف چھُس زِ سُے کربلا صحرا جائے امن قرار کرنہٕ ییے ÷
شرفِ خاک کربلا پھِران مے زن نیزٔ آم تتہِ زٔو دژام چھُم گواہ خدایے ہے +

علی

گوڈٕ کرِ یوتہٕ خاک برسرِ چھِ معتبر روایتھ آسن یتھ مجلسہِ پھِران کربلٔک مصیبتا
چھِ توٗت واتان پوترِ ماجِ فاطمہ زہرأتہٕ سرورِ عالمؐ =
بیٚیہِ دوٚ کھہِ لد پوتر مول ابوترابؑ ہیتھہٕ ستی زہر لد امام حسن مجتبیٰؑ
چھِ آسان حضرتسؐ ستی انبیأ پوترِ ماجہٕ ستی حضرت خدیجہؑ، حواؑ، آسیہؑ، مریمؑ =
دبد فاطمہؑ رسولہٕؐ سٕنز نازنینو ییلہِ نیران چھِ سورگہٕ اندرو -
سو کربلا ییچ رتہٕ میوٚ متھان برجینو نرِ تکی تھہٕ لبل کران پوترو پوترو -
تس پتہٕ پتہٕ ودان رِوان حضرت علیؑ دَیہِ سُندٕ اُمینو تسلی دِوان تا چھِ کورِ پیغمبرو-
بیٚیہِ کنہٕ یَس ہٕو رضأ لموکینو سوے میوٚ لدی تھہٕ شاہ حیدرؑو -
ودان حسینہٕؑ میانہٕ تژیش میجی نو مأری ہے روبروأے گبرو -
اُسی تھہِ پادشاہ زن مسکینو مورِ ہک ریشہِ چھوٚت پرو -
مارنَے کو چھِ پیٹھ شیرِ خوار خوٗنخوار جابر
نیہِ ہے اڈ کجہِ کنہٕ ہنہٕ ژٔٹی تھہٕ گوشوار گرِ ہے بیمار ڈٕنجرِ تہٕ آرِ ناترسو •
پٔرتھ معرکس سوے میوٚ لدی تھہٕ فاطمہ زہراؑ نوٚ مے فریاد دِیے ÷
کوٚر ہے گلبن قلم پتوٚ ہم جگرس زہرا تریشہٕ اُتس ژٕیے سرژٹنہٕ ییے ÷

ژٕڈی تھہٕ شانہٕ بأیجان ترٛووٕ ہے منٛز صحرا دِمہٕ پھیر کمن ستمن، تس پشمن تیرٕ پیے ÷
پھٹہٕ وٕنہٕ دارِ اکبرؑ مورٕ ہے قدا وارا سٕہ نوجوان وأج ژٕہان جان دِیے ÷
مأنزِنمہٕ وٕے شاہ قأسمؑ بأے سُند یادگارا لأگی تھہٕ مأنز تازٕ مہراز مارنہٕ پیے ÷
تس گُری سُمو بدنس کوٚرہس مسمارا پٔنہٕ رَتہٕ سہرٕ سازتس برنہٕ پیے ÷
تُہنزِ دیدِ گوتارِ کارِ خیرا تس سامانس مأنزِ خوانس میٚوٕ گییے ÷
کوٚر ہے فوجس تمام گراتام پیٚوے لوٗٹنہٕ خمن اژدہام ناترسِ خدائے ہے +



پھِران دفترِ مصیبت آم جگرس زن ضرب تاہ لکھان صاحبِ حدیقۃ الشّہادت حسرتا
ونان حمید یِیلہٕ کوٚرُکھ شہید حضرت عباسؑ گرِہس شانہٕ قلم =
اوس پیوٚمُت زن سروالبِ دریأ سروقد شاہؑ سُند دلبند زخمی سرتاپا
کوٚرمت نیزو تہٕ تیرو پارٕ پارٕ جامہٕ منٛز رتس عمامہٕ ڈولان پھٹو علم =
دژ اس ژھانڈنہٕ بوے سردار شاہ حسینوؑ نادنادِ دوان میانہٕ بأے جگرو -
کتہٕ ترٛأوتھم لر پھٔری یہٕ اہل کینو ترٛووٕ ہم گرِ تیرو تہٕ شمشیرو -
ہباچانہٕ ویرٕ مرِ یہٕ میأنی سکینوؑ شوٗبیا چأنی ترٛاوِنی لرو -
سیٚو دوو تھتہٕ گراأمِس کر تسکینو وُچھ تریشہِ دأدی گر مضطرو -
اوس دِوان نادبایہٕ کتہٕ ترٛأو تھم لر تس بأے دوکھہٕ گأمُت خم تھر
پکِتھ نہٕ ہبکان وارٕ وٕنی دِوان ژھانڈان ناچار ہرسو •
راأوی ژٕتانی أکس جلیہٕ کیا تام تُلہٕ تھاوِ ژھلیہٕ دَیہٕ سُند مقبولا مےٚ دوٗرے دژ ییٹھ پیے ÷
نکھہٕ گوٚھی تہٕ پرژھمکھ تُلوٚ کیاوٕنی توم اللہ[1] تانی ژٕڈی متی شانہٕ بأے ہٕندی امام ہاوے ÷

[1] وندوے کلا (اصل)

اِدُ وچھِ اُکس جایہِ شانہٕ ژوٹ پیوٗمُت رٲہلا باکہٕ ژھٹان تس نکھہٕ پیے ÷
ڈیوٗ ٹھُن تہٕ مٔز رتس ییران بٲے دردلا تُسُند سرکوچھِ اندر ییٚنے ÷
لوٗت لوٗت سکھ وَتھربس للہٕ وبس کلا دپیس عباسہٕؑ بابہِ چھے میٲنی دژِ یے ÷
(نومہٕ) اُچھ ہؤرتم کاسہٕ ہے لولا وتم زخمن دگ کوٗہ چھیے ÷
پھیرتھ دپیس بٲیصابہٕ اُکس اُچھ آم کانہٕ پھلا بیا کھسرکہِ خوٗنہٕ ستی مے بند گیے ÷
وَتھربس عمامہٕ ستی اِدسوٲ چھ امام ہؤرٲوِتھ کرِ تبسّم تام
دپیس امام سبب چھُ کیا اَسہٕ نس بٲے رایے ہے +

علی

عرض کرِ آغہٕ میٲنہِ زانیوم ہُر یوم پایا تکیا زبنہٕ دوہہٕ تہٕ ڈیشام چونُے رویا
ازمرنہٕ وِزِتہِ چانے دپد اِرشرفیاب چشمہٕ گیم =
دپیس امام بایوژِنے دژ وے آرزویا کوسُتھ لول وُچھتہٕ میون رویا
اماچھم ہوس زِووٕنی لول ژلسم (ژبیٚہٕ) بابہٕ دپتم =
کرِعرض حضرت عباسؑ زِدیدِ فاطمہؑ نازنینو چھابوے دپن آغس غلامہٕ ستز قدرو ÷
یوٗ کوٗ رُس زبنہٕ پیٹھے بابن چون غلامِ کمینو سہٕ چھامے کم فخرو ÷
اما وصیت چھم آغہٕ میٲنہٕ شاہ دینو کری زبم مُرتھ حنوط خاک قدم بیٚہٕ چھکی زبم برسرو ÷
یُتھ دبد چاٲنی تہٕ بابہٕ بیٚہٕ رسول امینو[۱] وچھنم پگاہ سپنہٕ سرخرو ÷
یی ونان دِیہِ جان حضرت عباسؑ سقائے لشکر تژ اوبس امام کوچھِ اندر سر پتھر
داردارِوودنس گوس غمخوار ووٕنی بیکسو •
رٲوی زِسپُن تمہِ آنہٕ برپا گویا محشرا پیدا ییہٕ واراتو تُے گیے[۲] ÷
وچھم تمن مٔزا کھ تژٕ رِش صغیر کوٗرا[۳] بُتھہِ بُتھہِ دِوان توتُے ییے ÷

۱ یُتھ دبد تہٕ بابہٕ چون (مہدی) توتُے بیہہ فوجا پیدا گیے (ایضاً) ۳ تمن مٔزا کھ صغیر کور ہنا (ایضاً)

موتھن خاک نۆر موکھس گیہِ قیامت زن سوگرا ییلہِ سہ معصوم چچہِ بابوکری تھہٕ نادِ دیے ÷
رأوی زِتمہِ گژہٕ کارٕ کوٚ رنم پانس تھرٕ تھرا مےٚ جگرس چھلہٕ گیہِ وُنہٕ چشمن پیٚیے ÷
سہ کورِ ہن عباسِ علیہ السلام گرا رٹہِ دربرا چھوکہٕ لدسرس ستی تھاوِرہ ویے[1] ÷
اُس ڈُلن تژاوان تس کھورن تل گرا ونہٕ کیا کاٗتیامیٚنہٕ پٹھ ژھرٕ ژھ دِیے ÷
یِی ونان تسلی دِتھہٕ امام ہتھہٕ بیٚہٕ تہٕ معصوٗم خام خمس کُن آیے ہے[2] +

علیؑ

رۄدُم نہٕ اختیار منزٕ ضیاء الابصار وُچھم خبرا ہیہ گوم وہیہ پیٚوم جگرس زن زہرا
اوس ابن زیاد کوفہٕ منزٕ خطبہ یِژدُن پران ہاوان رقم =
دیان یُس ژٹہِ سر سید شہدائس تس نیر مدعا بنہٕ لشکرِ افسرا
کوفہٕ منزٕ اُٹھ قاتل امام مارٕنس پیٹھ گرِن مستحکم =
بیٚیہِ داہ ساس سپاہ سعدس نشہِ سوزِ لعینو مدبران وأتی کربلا اندرو -
بیٚیہِ سوزِ تیژ لشکر مدد س ہر طرفہٕ بید ینو شیشمس تانی سے تژہہِ ساس کاٗفرو -
وَنہِ رأ دِیاہ خدایہِ سُند امینو شےٚ لچھ تہٕ وُہ ساس گےٚ جمع ستمگرو -
کیٚنہہ لکھان تیتی سے زمین کربلاس رۄز ذراخاٗلی نو صف گنڈی تھہٕ رۄدی امامس روبرو-
اُسِس دیان یا حسینؑ ماروے سأری یار ویاور بیٚیہِ نۆ رعینو مٔری تھہٕ میلیو نہٕ مقبرو-
شیروے کانہٕ پرن ہُند قاٗلینو شاہٕد گنہِ روزِ نےٚ خنجرو -
کڈ وے اُکی سے رزِ گنڈی تھہٕ بیٚنہِ کورِ برملا دبدتہٕ بابہٕ بڈی بابہٕ سپنی ظاٗہر
وُنی دِوان پھیران آسہٕ نےٚ میدانسو ٠
تیتھ اوس شور خلقن نٹہِ زمینِ کربلا امام شرِ بن باشمر پیٚیے ÷

[1] اسو کورِ ہن رٹہِ عباسعلیہ السلام نالہٕ متہٕ گرا چھوکہٕ لدسپنس پیٹھ تھاوبس رویے (سید مہدی)

[2] ادِ ودان تسلی دِتھہٕ بیٚہٕ تہٕ معصوٗم خام امام تُلکھ خمس کُن وڑ ایے ہے (جواد)

پژتھ طرفہٕ اقتل الحسینؑ گوٗ ھان اُسی صدا خٔمن مژٕ اوس ودٕنک ہیٚیے ÷
تہٕ وُچھتہٕ بیب زینبسؑ روٗدس نہٕ حالا ودان بأے جانس نِش پیے ÷
رٔتِس بأے مَتہٕ نالہِ مَتہٕ اکھ گرا ژٕے پتہٕ اَسہِ پیش کیاپیے ÷
عباس علیسؑ لوٗیُن نادا وَلہٕ بابوٗے مرنس سٕکھران چھیٚے ÷
دژاو علی اکبرؑ بابہٕ لگیوفدا یوٗ گوٗڈٕ جان دِمہٕ ژٕے روبرو یے ÷
دبد شاہ قأسمؑ آیہِ ترٕے گبر ہتھہٕ ہمراہ یا حسینؑ نوٚم رٔٹھ بأے سٕژٕ وصیت چھیٚے ÷
کربکھ تسلی امام مےٚ تھِیہِ متہٕ وٗدی توہیٚیہِ تو آرام جبرٔیلؑ ہتھہٕ پیغام آم
چھنہٕ چارٕ شہادتس وعدٕ چھم باخدایے ہے +

علی

گوٗ ھِو پنہٕ نِس پنہٕ نِس خٔمس اندر گرِ والوداع ہیوا کھاُ رِکس روخصتاہ
زأنو یہ رات غنیمت پگاہ مرنس پیٹھ گنڈٕ وہول محکم =
سورات گیہِ اہلبیتؑ زن قیامتاہ پھیرِ پژتھ خٔمس شاہ حسینؑ ہتھہٕ بیب زینبؑ ہمراہ
تأنی واتہِ تتھ جایہِ یتھ مژٕ اوس بیمار پیوٗمت درغم =
عرض کرِ بیمارٕ میأنہِ بابہٕ شاہ حسینوٗ کس چھوٚ وم تژٕ اوان یوٗ چھسے مضطرو –
کربس تسلی بابہٕ صاحب ہو میأنہِ شاہ عابد ہنوٗ سبٹھاہ گری زبم صبرو –
اماوصیت چھےٚ میأنہٕ نوٗ رعینو بیٚنِین تہٕ یوٗ فدبدن رٔچھٕ زبم خأطرو –
یٚیلہِ زٔنجرٕ کربکھ شمر لعینو پکی یے تہٕ پانس ہیٚزٕ پوترو –
بیٚیہٕ چھےٚ خبر کاُ ژاہ ٹاُٹھ اُہم سکینوٗ اُمِس یتھنہٕ لایم کانْہہ جاُبرو –
مےٚ پتہٕ چھکھ ژٕے امام میٚنوٗ اُٹھن امامن ہُنٛد سرو –
یہ بوٗزی تھہٕ غش کرِ امامتک نگینو ہیٚوٗ تسہٕ یوٗ فدیٚد کوٗچھ مژٕ سرو –

اِدِ یێلہِ پھۆل صبحِ عاشوٗرا (سپُن) قیامُتھ ہُند ہیوٗ پہرا

دژاے گنڈ ی تھہٕ سلاح سپاہ امامہٕ ہندی مسافر

نٹان نٹان دعا کر بکھ وارِ وارِ ووڈن میانہِ پانواز گوھہٕ بیکسو ۰

گوڈٕ جان وونید حرؑ، حبیبنؓ، زہیر بن قیسنؓ اِد یاروپاور دژاے ساٗریے ÷

راٗوی زِاکھ ہتھ تہٕ داہ دژاے عباسِ علیسؑ ہمراہ سارِوے گر جان نثاٗرِ یے ÷

اِدِ دژاو شاہ قاسمؑ باٗے ہتھہِ شاہ حسنؑ اُچھگاہ کرِ پچہِ بابس جان فشاٗنیے ÷

تس پتہٕ دژاو نوجوان امام حسینؑ اُچھگاہ لیس اوس رسولہٕ سُند ہیوٗ رویے ÷

وَنہٕ ژوٗرم امام ؑخمہٕ منزٕ ووتھ واوٗیلا تہٕ وچھتہٕ جگرس چھلہٕ مےٗ گٔیے ÷

منزلہِ منزٕ ہیوٗ رووٗ تھ دوٗ دی روس اصغر شاہؑ گوڈٕ بابس جان وندِ بویے ÷

تمہِ ساتہٕ حال شاہ حسینؑ زانہٕ خدا یێلہِ ؑخمہٕ برس پێٹھ روٗ دگنوٗ یے ÷

دَپہِ الآن اِن کسَرَ ظھری وَقِلت حیلَتِی روٗ دُم نہٕ گاش چشمن خدایے ہے+



نوٹ:- پتِمہِ زٕ چھیرِ چھنہٕ مصنف ہندِس مسودس منز درج۔ ییمہِ کرِ مےٗ مہدِ صابنہِ نقلہِ پێٹھہِ درج۔ ییمہِ حسابہٕ یُہند اسلوٗب ماباِتے مرثیہِ نشہِ ہنابیوٗن چھُ تمہِ کِنی چھُ یہ ابہام ووتلان زِ خبر ییمہٕ چھا جوادصاٗبنے تہِ رِکنہٕ مہدِ صاٗبن چھےٗ پانے یا بێیہِ کاٗنسہِ اتھہِ لکھناوِمژ۔ امابوٗ زجوادصاٗبن چھنہٕ پننس مسودس پێٹھ اللہ لیوٗکھمُت تہٕ بێیہٕ چھن خاٗلی جاے ترٲومژ، ییمہِ ستی یہ ثیٖنہٕ ون چھِ میلان زِ یتھ مرثیہِ گژھہِ بێیہٕ ہن تہِ آسُن۔ مہدِ صاٗبنس فرزند سید مرتضیٰ سُند گف چھُ زِ ییمہ دونوے چھیرِ چھےٗ حکیم جوادصاٗبنہِ۔(وَاللّٰہُ اَعلَم بِالصَّوَاب)

منقوٗل از نسخہ بقلمِ خود شاعر حکیم محمد جواد فراہم کردہ حکیم شیر محمد ششگری محلہ خانیار سرینگر

نقل بدست سید مہدی الرّضوی در سنہ ۱۳۷۸ یوم جمعہ ۲۹ رجب المرجب ذاکرِ مرثیہ ہٰذا

# شوکت

یا ذالعطأ پننہٕ لطفہٕ بخشتم تنیت شوکتاہ یُتھ سپنتھ بخت بیدارو
لبہٕ دربار لیل النّہار ونہٕ چأنی ثنا ہُربم حأمدن منٛز رُتبت سپنہٕ میٛون ہٕنزلت ظأہرو=
ہبکانتہٕ کٔرِتھ حمد چون رقم چانہٕ عظمتک شان وُچھتہٕ کھٔین دم دعوادارو
کربکھ فرعوٗن وار غرق بحرِ بے کنار چون عتاب دما
کٔرِتھ مشاہدۂ شان وشوکتِ وحدت کرن رم گے کالعدم باحرو =
اما سپنان چانہٕ درگاہہٕ عطا شوکت وسامانو بنان ہیچمدان بلند شان چانہٕ احسانو۔
یہٕ چھِ شستہٕ کتھ یُس چأنی رحمت سبحانو کرِ مرحمت شوکت سپنہٕ سلوٗنیہ سلطانو۔
چھُ برحق زانہٕ ہن یُس الیق ژٕ خألق تس کاسکھ سُستی کڈِتھہٕ ازپستی بخشہس شوکتا
سُے تو شان سپنہٕ رستگارو روزِ شمارو •
بخشتھ سلیمانسؑ تنیت شوکت ژٕ بے خدأئی گرسکندرن تمہٕ شانہٕ شأہی دون قرنو ÷
سپنتھ یعقوٗبسؑ نشہٕ یوٗسفسؑ جدأئی لبہٕ یوسفؑ شوکت وشأہی مصرس بیلہٕ آوچھہٕ کھارنو ÷
تتھے سہٕ رأحم پنہٕ نبن حأمدن منٛز مینتہٕ گارے لبہٕ شوکت سپنم رُتبہٕ سُموٗ +

علیؑ

بیٛیہٕ سپنم باعثِ حصوٗل شوکت یک قلم نعتِ رسول مختارو
تکیاتھند ے طفیلہٕ ژٕ ج دُنیاس شقاوتاہ
کرِ خضرسؑ تھند ے توفیقہٕ عطا شوکت زندٕ گأنی ابد کردگارو =

نوٹ:۔ یہٕ مرثی چھے ۱۳۴۹ھ منٛز خواجہ اکبر المعروٗف خوجہ اکس وننہٕ آموتھ چھُ جاہ و حشم تہٕ ناو۔

خلیلسٕ باشوکت وحشم پھوٚل نارس گلزارو
سپُن تس عطا شوکتِ تاجِ لولاک اسمِ پاک خیرالوریٰ
بوسُے ختمی مرتبتؐ قاسمِ جنت ونارو =

تٔیت اختیار بخشہِ کس حوٗرو قصوٗرِ جنانو کوٚرنس محکوٗم رضوان ہبتھ غلمانو -
تھاوبس خالقِ جلیل جبرئیلؑ دربانو کوٚرُن مدعو برسمأ پُھ کس تٔیت شانو-
سپنٕ خار یکبار تہنٛدی منافق تس از کثرت اعدأ سپُن افزوٗن شوکتاہ
تہِ وُچھتہٕ گے دشمن حقیر تہٕ ازکارو سپنٕ معذوٗل کارو ۰
رسالتس تمہِ شوکتہٕ تمی کٔرادأئی واتہٕ ناوٗنہٕ تمہِ صفأئی اندٕ کانٛسہِ نٔی ینو ÷
تُہنٛزِ نبوٗژ روٗز تاقیامت بقأئی لا نبی بعدی فرموٗونو ÷
تھوٗ وتمہِ شانہٕ شانہٕ بوٚڈ شاہ تس وٗصی خدأئی یتھہِ موٗسائؑ خلیفہٕ ہاروںؑ ہوٗ ونو÷
اَسہِ تہنٛدٕ ے شفاعت پگاہ جنمہٕ بوٚٹھ کھارے ژرِوکردزُن سون اکھ مو+



ہیکیٛا شاہؑ سُند مدح کٔرِتھ رقم کانٛہہ مدّاح پوٚختہٕ کارو
محیط کوزس منٛز ذأ کرس اُنن بنیا مفصّل مدح ونیا اماپُھ وسیع یہِ دربارو=
کران پزٕتھ اکھاہ سعی بدرجۂ اُتم ژھانڈان سروکارو
دیان اَمہِ سرکارٕ لبو شوکتِ رستگأری خوامخواہ پگاہ
توٚے بعجز ونیاز تھاوِتھ نیاز زانان غنیمت یہِ خدمت تاجدارو =
لبہٕ ہومدأ جی ہُند شوکت اوس ارمانو کمن کمن ذی مرتبت انبیأنو -
اوصیأتہِ رات دوہ اُسکر دپانو سپنہِ نانصیب شوکتِ مدحِ شاہمردانوؑ -
توٚے امہِ نٔکرٕ بے بہرٕ تہٕ فیض ٹلانو کڈان نام پرأنس کلامس نوٚوجامہٕ ولانو-

کرِ شاہٕ سُند بن مدّاحن کو یتاہ شوکت وشان عطا خالق
چھم پران تہند نوٗ رِمہر ہران دل لبان شوکتاہ
چُھ تہند بن دوستن بس کرِنس افتخارو یہوے اکھ اشارو •

ہُکہٕ اہ سرخرویی چھِ شاہٕ سنٕز مدأحی بخشش دُنیاس خداین مداحنو ÷
تمہِ نِے دِژ حضرتنٛ شفاعچ رجأیی موکلن پگاہ تمن گناہ تے آسنو ÷
سپنن بے ہراس تمے صراطہٕ رأہی باشوکت وشان منز جنان واتنو ÷
سارِنی دوستن پگاہ پانس ستی شاہ تمہِ تارِ تارے کرِنہٕ تارِ اَسہِ تہِ یپارِ اکھ مو+

## علی

بخشہِ حق تعالیٰ قدر ومنزلت تس یَس آسہِ محکم ولائے شاہٕ دِلس منز ہتھ قرارو
لبہِ شوکتِ دارین سُہ مدّاح میلبس رُتبہٕ اعلیٰ
پُرٕ ی تو بصدائے بلند صلوات سأری دوستدارو =
اکھ فرحت فزا خبر ایا دپییم تھأوی تو گوش وارِ کرِ مو اظھارو
لکھان کشف الیقینس منز علامہ حلیؒ اکھ عألماہ
دوہہٕ اکہِ برسر راہ اکھ مدح بختوارو =
اوس مدحِ شاہ لافتیٰ کران بیانو ونان تہندی اعجاز تہٕ شوکت وشانو -
آسی تس أندی أندی بے شمار لُکھ بوزانو گوھان خوش سبٹھاہ تہٕ صلوات سوزانو-
تانی کرِ نظر سُہ مدّاح دوست صادق وُچھِ آونیرٕ اعظم طے کران راہ سمأ
کوٗرن خیال چھنہٕ کرِنس وارو مناقب اختصارو •
اِدِ تمی مدّاحن باشوکتِ شأہی خطاب آفتابس کوٗرنو ÷
دوہپنس یو چھس کران تس شاہٕ سنٕز مدأحی ادنا چھس منز غلامنو ÷

ژٕ مغربس سپنتھ رأہی دویہ پھِرِ آکھ تہنّدے موکھہٕ کھارنو ÷
چھِے فلاح نیک صلاح شاہؑ زِژے یہِ خدمت یارے
کرقرار أتھی جایہِ مہٕ پکھ برۆ نہہ قدمو +

علی

چھِے تس شاہؑ سُنْد قسم ہہہ أتی تو تانی قرارو
یوٚ تانی یو موکلہٕ گری تھہٕ اظہار بالاختصار تہنْدی مدح
ژٕ بوزمہٕ کرحرکت تہٕ رفتارو =
یُتے ؤنی تھہٕ سہٕ مدّاح باحشم کرِشروع بیٚیہِ مدأحی ہُنْد گفتارو
خورشید یتھ جایہِ وۄتمُت اوس تِتی ٹھہرِیو برسمأ
کڈِ نہٕ برۆ نہہ قدماہ رۆ دبرقرارو =
مُدتھاہ مدّاح باشوکت تہٕ شانو اوس پران مدحِ شاہؑ ذیشانو ÷
تو تانی ٹھہرِ برسمأ خاتون یغمانو آسی پننہٕ تہٕ اغیار سُہ حال وچھانو ÷
أسی تھہ کان دوستدار خروشانو دشمنن تہِ اوس گرشہان وِلائے شاہؑ دلنشانو ÷
ژوٚل اکثرن تہِ وُچھتہٕ شک کرن حرزِ جان شاہؑ سُنْد وِلا
سپنی دہندارو تم بختوارو •
اد مدّاحن گرِتھ مدح سرأیی ییلہِ ختم ووٚنہٕ نس کرنو ÷
دیُتِن روخصت آفتابس سپُن مغربس تتھے رأہی خلقن تہِ گویا روخصت دیُتو ÷
أسی غأر پھِران مدّاح سُنْد یہِ شوکتِ شأہی شاہؑ سُنْد رُتبہٕ آکھ بوزنو ÷
ہے ہے یہِ خبر زن مے جگرس تیر تارے گوم بیداد پیوم یاد چھُم الان مومو+

علی

اُسی تھٕ تمہِ شوکتہٕ پہے یِیتہٕ ژَنجھن دوٚہن پیہم سیکہِ پٹھ تاپس تس شاہؑ ہِندی جگر پارو
بے سربدنن کران نہٕ کُنہہ سایہِ کرنُک سعیاہ پیٚمتی لرِلرِ پیٹھ وتن مُدِ ہِنکی وطند ارو
تِمن وَتھرِ تھٕ نوٗرتَنہٕ سکھ تہٕ گنہٕ رالتس پیٹھٕ شبنم
کران کنین سوٗر دوٚہس زن دزان تنوٗر آفتابُک بخارو
وتھان زمینس تیٖت شرار آب گوٗھان کوہسار تتان دریا
ہو کھان ترِیش چوان شاہ تیٖت ہوا آتش بارو =
گوٗمُت عالمس گٹہٕ کاروَسان نارزن آسمانو پھٔر کان وحشی طیوٗرتہٕ انسانو۔
یہِ حسرت پھِران محبّ مارِنا پانو کونہٕ پوٗیہِ آفتاب ہتھ آسمانو[1]۔
مدّاح ہِندِ خاطرِ آفتابن قیام کریا نو بوزان یِیلہِ مدّاح ہِنزِ زیوِ نام شاہِ مردانوؑ۔
آس نادر ییٚنٹھ تس شاہؑ ہِندی تم الالخانو یِیلہِ اُسی کر بلا تمہِ حالہٕ تاپس ڈولانو۔
کونہٕ گرااوٚبرس تل کھوٗتن پانو دیوٗ شہلا کرٕہن شاہؑ ہِندی زوٗدانو -
وُچھن نائسہ شاہؑ شیر لاگی تھٕ پانو یِیلہِ اوس بدنن اَندی پھیرانو -
اوس بنا گوڈٕنی تھٕ نالہ بڈٕ نالہ ژھٹانو شاہ حسینسؑ گرا عباسؑ پہلوانو۔
گرا مہرازِ قاسمسؑ ماجِ تمن سکھ وتھرانو گرا شاہ اکبرسؑ ہتھ پیٹھ سینس پان وتھرانو۔
گرا شاہ حسینسؑ ژٔٹی متی گُل للوانو گرا میوِ پیٹھہٕ عباس علیہؑ پھکی ٹلانو -
تِمن شانن ذیشانہٕ سوٗزھینی ہو علم تہنز ولانو
کڈان باکہٕ دِوان مدٕنس بدٕنس سوٗری متی ترٕان پھکی......نو۔
ڈوکی ڈوکی پکان کڈان تھکھ شہیدن بیوٗن بیوٗن وچھان[2] رتھ وتھران کڈان آہ
ودان کوٗرمہٕ یہِ ماردارو یٔزی دِنو دیارو •

[1] کونہٕ پوٗ ہتھ یہِ آفتاب آسمانو (اصل) [2] وُنی دِوان (خ۔ا)

تمن ژ تجھن دوہن تمی شیر خدائیؑ گرٕ خبر گیری کُنی گوٚبرنو ÷
ژ تھمہِ اوٚن تشریف توٚتے رسول خدائیؐ اوٚن شاہ حسنؑ تہٕ ستی دیدِ فاطمنوٚ ÷
اِد بنا گوٚھ رتہٕ شانڈ پیٹھ شاہ حسینسؑ باکاہ لاٗیی بیکس دوکھہٕ لد پٔنی بابنو ÷
ووٚدنس حسینہؑ سیوٚ دوتھ گرادبدٕ پٔنی ژےٗ اَیی چھےٚ ودان ژھوپہ کرنا وتنو ÷
ژے زانہہ وُچھہی ودان اُسس انان بیجاٗیی اُس کھوژان چون منزٕل اُلراونو ÷
اوسس ماگمان ژےٗ سار بان کرِگلین جدائیی کھارِنےٗ سرس نیزٕ گژ اینو ÷
تتھ سرس صندوٗقس برس جاے کرنہٕ اَئی تنٕ رس منزٕ سوٗرس اوے تھاونو ÷
کفن ژٔڈ تھہ دِیہ نا ژھرٹھ طشتہِ پیٹھ یزٕدن بے حیاٗیی چھیرِ ستی دندن زیرِ لاینوٚ ÷
کوٚرس ڈاس چاٗنی دوکھن رٔزس نہٕ بیناٗیی چھےٚ وٗنی دِوان ژھانڈان چاٗنی تنو ÷
یہ اُسے سرس نشہِ شام تتے پیٹھہٕ اَیی تتہِ چھے آسان لبل کران ستی کوربنو ÷
چانےٗ مایہِ سورگہٕ دژ ایہ ننوٗ اراَیی چھہٕنہٕ پرٕزنان تن چاٗنی تل کانو ÷
ہاوتہٕ بڈی بابس ساٗری یار گبرتہٕ باَیی دپتس یمن تجم نہٕ پیتہٕ کاٗنسہِ تنو ÷
ہاوِتس ژٕ میٖرِ پیٹھ تن ہ کوٗ بُسہٕ اَیی ژاٗمِ چھے سکھ یمن زخمنو ÷
کوٗت کال ژےٗ بڈی بابہٕ استادٕ پژاٗری متہٕ رٹس ملال وٹس پٔنن حال موموٗ +

علی

اِدِ بنہ وَنہِ شاہ حسینؑ بڈی بابس زِگلی ژٔڈہم نیوٗم شمرن سُہ چانہِ گنڈٕ تنک دستارو
گوٚنڈن مے روبروپانس آس نہٕ کینہہ حیا
کھوٗتم پیٹھ سینس موزٕ سان سُہ بدکارو =
پھیرٕنس لرِ مارنہِ نرٕ تھہ گرنم وَنےٗ کیا بڈی بابہٕ دِتم تیت آزارو
دِژنم نہٕ مرٕنی تریش یوٚرنم رتہٕ ریش ژوٚٹ نم سراز قفا

بَرِ مدزن شداد ہاوبم پٹن سُے سرستمگارو =

مےٚ مأری تھہٕ خمہٕ گاہ گورَتہٕ موٚت لارانو

نِیم کنہٕ ہنہٕ ژٕٹی تھہٕ گوشوارٕ سکینسٔ سوأس ودانو -

اوس سُے رتہٕ بوٚ ڈشژ اک ہیپن ہاوانو نٕوان تمن سوے ہأوی تھہٕ زروزیورتہٕ مُہانو -

اوس لارٕ لدن لارٕ لار کرانو میٚانہٕ بینہٕ دیٚدِ چھوکھ آوڈ بکس ییٚلہٕ پیہٕ لارانو -

بُڈی بابہٕ مےٚ بروٗنہہ کنہٕ مورٕ ہم بوے پہلوانو ژٕٹی ہم تس دونوے شانہٕ مشکہٕ سانو-

پھٹِم تژ ان ییٚلہٕ وُچھم تس یوانو نوٗرٕ چشمن دُشاخ نیزٕ کانو -

سُہ نَرِ ژوٚٹ لرِ لرِ ژھرٕ ٹھ دِوانو سُہ حال پھران وُنہٕ چھم نٹھا ژانو -

وُچھم مُنقِذ بن مرّہ شاہ اکبرسٔ ییٚلہٕ مارانو سوٗ رُم گاش چشمن گوم قد کمانو-

وَنے کیٚا تس اوس حکیم بن طفیل نیزٕ تارانو تمی ضربن وبسراُوی مےٚ استخوانو-

کوٚ رہم مہراز قاسمسٔ تیر بارانو تژ ووِہم گرِ نیز وستی گری تھہٕ نیم جانو -

کوچھِ پیٹھ تژ لیش منگان اصغرجانوٗ موٗ دُم تیر کھبتھ وُٹھ پھشانو -

تژ اوی ہم یار یاور مأری تھہٕ گری تھہٕ تگ نی سارِ نے شہیدن ظالموٗ ژٕٹی تھہٕ سرجداجدا

کوٚ رُکھ اہلبیتنٔ گیر ودارو دیتکھ خمن نارو ٠

لٕدی کھہٕ سأنی سرنیزن عامن اُنج ہکھ دژاے وُچھنہٕ تماشہٕ پٕژتھ طرفہ دشمنِ خدا

اُسی خوش گوھان کران نظارو کوٗنی بے عارو ٠

کرنأوی زٔنجرٕ ابن سعدن دشمن خدأیی میٚأنس بیمارس بیٚنین تہٕ کوربنو ÷

شمرن زینبسٔ تہٕ کلثومسٔ تأزِیانہٕ لأیی کھاربن بے پالان وٗنٹو ÷

سکینسٔ تہٕ فاطمسٔ شمرن نا ترسِ خدأیی

گنٛڈتھ رز وستی تھاوِ، پیٹھ وٗنٹن ظالمن بے عارنو ÷

واتنُاوِتھ قتلگاہ دوٚ پنکھ وُچھوٚ کھ پنٕنی گبرتہٕ بأیی کأسِو لولاہ باین تہٕ اولادنو ÷

رچاُے نالہِ مَتہِ ماجو گبرتہٕ بینٛیو بأیی کرِ جدالایان شمرن ستمگارنو ÷

سپنٕی ظأ لم سرتہٕ پیہٕ ہتھ شام کُن رأہی بڈٕی بابہٕ اُنکھنہٕ تاب وَتہٕ ہنٛدی ظلم بوزنو ÷

اکھ زنانا ہ شأمی مےٚ کٔنٛیاہ لأیی میانہٕ سرِ نشہِ سپٕتھ خطا سکینۂس آیہِ چھاونو ÷

گوس شگاف سرس تمہِ باک لأیی وچھتہٕ پیش کیا آم بابہٕ جانہِ مارنو ÷

زینبسٕ تہٕ اڈ کجہِ سکینۂس ڈیکن ظألمو چھوک لأیی تورمیون میراث تمن ناچارنو ÷

بڈٕی بابہٕ شامُک روزِ دیوان مےٚ مأری تھہٕ مارے

تتیک حال بوزٕنس انکھنہٕ سہمو +

## علی

وَنہٕ کیا بینٛی دبدن ہُند احوال تیرِ ملال یِنم دیُتم تُمی مُری تھہٕ مار گوس بے قرارو

تمن برقعہٕ ہیوٚن تہٕ تہنٛد نوٗرِ موکھن سوٗ رمُلن لوٗگُم حسرتاہ

کھیوٚم سخت ضربت جگرن زن تمے آنہٕ شمرن لأجمہٕ کرِتج داردُبارو =

گومُ تیتھے درہم و برہم زن بیٛیہِ بروٗ نہہ کنہِ مأری ہم سأری جگر پارو

وچھم اَنہِ موٚ پانہٕ زٔنجرن زیر پکناوان تھپھ گٔری تھہٕ زٔنجیرس سکینۂس تہٕ بیمارس بے پناہ

اُسی مے گُن وچھان ودان زار زارو =

اُسی شا ہکی لوٗ کھ بامن پیٹھ کھسانو اَسے گُن وچھان تہٕ اَسانو -

دپان وُچھو کورِ شاہٕ سنٛزٕ آیہِ کمہِ سامانو چھُکھ نیزٕ گرس بوے سلطانو۔

چھُس کمہِ شوکتہٕ خرامان پکوان سِنانو نازُک حلقس نیزٕ نوک آسبس سَنانو۔

چھُکھ بڈٕ حشمتہٕ بیا کھ بوے پہلوانو ژھینٛیٕ موٚ علم بأیس تا پس ٹھرِ تھاوانو -

وُچھتہٕ شاہ اکبرؑ پیغمبر آسکھ مشانو یُس تشنہٕ دہان مور بکھ وأ ج ژ ہانو -

ژھکھ مہرازٕ قاسمسٕ کانہٕ گونٛد کیاشوٗبانو وۄنہٕ زانٛپانس مہرِ نی گری تھہٕ زولانو۔
ژھس مہرازس سہرِ سرس خوٗن وسانو رکتھہٕ پاٹھی پتہٕ پتہٕ ژھس ودان ونوانو۔
اُسکھ وۄنہِ شیٖر خوارس ماشاہ کھسانو تس ہٕٹس وۄنہِ ژھکھ کان اویزانو۔
وَنۍ کیا بڈی بابہٕ کاٗژا پامہٕ دِژکھ، گنہِ لایکھ آکھنہٕ عار
کرن چھو کہٕ لدسرتہٕ بانٛد اوس تیٖت اژدہام زن اُس قیامتھاہ
اُسی نہٕ خلقوٗ ستی موٗ کلی درودیوارو بری بری اُسی بازارو ۰
تموے خلقو منٛز گری تھہٕ بے پروائی پکناوٕنم برقعہٕ رژھن بینٛین تہٕ کوربنو ÷
اوس نہٕ بیمار پکِتھ ہبکان تس بے جائی ورم اوس کوٗرمُت پادنو ÷
اوس نہٕ سکینسٕ پکُن تگان گرتھ بے اعتنائی ظالم زنٛجرس لمان تس تلن لاینو ÷
اوس گوٗ ہان تاخیٖر پکنس تہٕ شمرن بے حیائی تمن سبٹھاہ تازِیانہٕ لاینو ÷
اِسی دپان مور شاہِ عرب یزِدس ہر ییہ شاہی یوٗ تانی یزِدِنس برس پیٹھ واتناوِنو ÷
کھارن برٛونٛہہ سرن پتہٕ پتہٕ اہلبیتن شمر کھارے
واتناوِکھ منٛز دربارس کمہِ ستمو +

علی

اِدِ ییلہِ بینہِ کو رِیزِ پدس برٛونٛہہ کُن ینہ ہم آسہٕ اُکی ہے رَزِ گنٛجہ ہتھ بیمارو
اُسِکھ زنٛجرِ خاردار تھاوِکھ استادِ منٛز درِ بار ہتھہٕ معصوٗم قافلا
لوٗگم پننہِ مارنہٕ کھوتہٕ سخت آزارو =
ییلہِ اڈ کچہِ سکینسٕ کُن نظر پییم وۄچھم بتھس زری ہن دِتھ ودان زارزارو
ییلہِ وۄچھمس وسان رتھ ڈیکس تہٕ لاٗے مرگنہِ آمت جبینہِ زخماہ
تس اَکہِ کنہٕ اُسس دگ بیہ کنہٕ وسان رتھ پیٹھ رخسارو =

وُچھم تِتھے زینبسٕ تہٕ ڈیکس خوٗن وسانو سوأچھ پھٔری پھٔری مے گُن وچھانو۔
کوٗ رمُت زٕ نجر بارن طوٗفانو کلثومسٕ سوپکِتھ نہٕ ہبکانو ۔
برقعہٕ زٕ ژمیأنی مہرٔنی کوٗ رمنٕدٕ چھانو مأنزِ اَتھہٕ زٕ نجرن تل ژھایہٕ تھاوانو ۔
نیٖمٕہٕ تمن پوٗ ژ بیٚیہٕ سور ساما نو کرِ موٚ تریشہٕ دأدی تہٕ گرمن نیم جانو۔
کوٗ رمُت تمن سفرن تہٕ زٕ نجروسوٗ ہانو دوکھہٕ نارٕ ڈدی مٔتی استخوانو ۔
تمہٕ استادٕ روٗ زتھ نہٕ ہبکان پھٔرٕ کانو سُہ یزٕدُن دیوان وچھتہٕ یزٕ ترسانو۔
اکھ اَکِس پتھ گُن اژان کھوژانو سکینہٕ تل دامنس زینبسٕ اژانو ۔
دِلکھنہٕ کڈنہٕ تھکھ اِستادٕ تھاوٕنکھ گذرٕ یوٗ سُہ ساتھ وَنہٕ کیا بُڈی بابہٕ کیُو ٔنہہ عرصا تھاہ
موٗ ژُھم پٔتِن سورُے آزارو وُچھتہٕ سُہ گٹہٕ کارو •
بُڈی بابہٕ تمہٕ آنہٕ مے زن شرٕ اکھ أیی ییٚلہٕ میأنس بیمارس استادٕ تھاونو ÷
لوٗ گمنہٕ سخت برٕ نہہ کنہٕ یزٕدن ناترسِ خدأیی طشتہٕ پیٹھ میون سر تھاوٕنوٗ وُنو ÷
گوم تمہٕ کھوتہٕ کٔڈ ریٚلہٕ ووڈٕنُن اَکی روسیأیی تُل بیمار تھِھ گرِتھہٕ زٕ نجرنو ÷
ہوٗ ومہٕ کیا کیا تیمی دُنیان بے وفأیی چھا آنٔت میأنِھن دادنو ÷
لس نٹھ بندن تہٕ زٕ نجرن پھٔر موسیأہی دیتُمت چارٕ زٕ نجرن رگن لگان شاہ کھارنو÷
پیوٗ مُت کرٔیوٗ ٹھدو کھاہ سُنٛمٕ بیجأیی گومت کھوٗ د بدن تأ زِیانہٕ لاینو ÷
لیٚجموٗ اَچھن زوٗن گرِ موٗ طاقتن جدأیی استخوان بوزنہٕ یِوان رخسارنو ÷
لس نہٕ کوٗنہہ تھر رٹان پیٚمٕ تنہأیی کوٗ رمُت پشت خم یِمی سمسارنو ÷
پیوٗ وٕسی تہٕ یکقلم لس پییم کٔتی غش اَیی تُل تِتھے لایان اَکی بدکارنو ÷
بُڈی بابہٕ سُہ گٹہٕ کار زن دُبارٕ مے نیزٕ بدنس تارے
ییٚلہٕ یزٕ دنہٕ حکمہٕ یٚنہٕ دبٕدبأ نٛدی نیہٕ ہمو +

لیچھمہٕ یحییٰؑ رأوِین خبر انظرِ گیم تھأوی توکن وارِ کرٕ موا ظہارو
اوس ہٕیتھ دوہہٕ اُکھ باشوکت وشان منٛز صحابن خامسِ آل عبا سید شہداؑ
تانی برٕ ژاوٕ جوانا خوش دِپدارو =
لتس ڈوٗلمُت رنگِ روٗخسار از غم سبٹھاہ ودان زار زارو
اُرتھ سلام کرِ عرض زِیا امامؑ گوم تمام کوٗ رُم ییمے آنہٕ دِیٛد رحلتاہ
اُس نیک کردار سبٹھاہ مالدارو =
چھم نہٕ معلوٗم کتہٕ اُس دفنہٕ تھاوانو کرہنہٕ کینٛہہ وصیت ییٚلہٕ دِیہٕ جانو -
اِدٕ فرماوِ صحابن شاہ حسینؑ سلطانو اُتھِو وُچھو دوستدار بایہ کتہٕ دیٚت جانو -
وأتتھ شاند پٹھ لتس زنانہٕ امام زمانٛو منگہٕ دعاتہٕ گیہٕ زندٕ تمے آنو -
وُڑھ پران مدح امامس اُس پان آلوانو کرِ دفینٕک احوال تتھے بیانو -
یہٕ خبرو نان پھُٹم زن اُستخوانو تھوٗ وکنہٕ سار فلکن کوٗنہٕ پیوٕ آسمانو -
سُے معجز نما امام ییٚلہٕ کربلا میدانو وُچھِ ماران بروٗنہہ کنہٕ اکبرؑ جوانو -
اوُسس سُے نوجوان خوٗنس منٛز ژھرٕ ٹھ دِوانو
کوٗرمُت چھوکہٕ لد نیزو شمشیر وتہٕ کانو -
لتس اوس نہٕ وُنہٕ وژامت شاہ اوس نیم جانو
ییٚلہٕ اوس ہوٗ چھموزبو بابس ہاوانو -
کوٗنہٕ ہوٗوُن سُہ اعجاز تمہٕ آنو دِوٕ بحال روزِ ہبس سُہ زُوٕ دانو -
چھِ لبکھان ییٚلہٕ امامسؑ بأے رالیس نرِ ژُڈتھہٕ تڑ اوبکھ
آس بروٗنہہ کُن اُچھگاہ سُہ اکبر شاہؑ گُنڈتھ سلاح
کرِ عرض بابس ہو شبیہٕ رسول مختارو ودان زار زارو •

بابہٕ صاحبہٕ چھم منت مےٚ روٚ چھئے تھاوکھ نیرٕ میدان
سپنہٕم ماامکان اَنہٕ ترٚ لیش چاون سکینہؑ بێنہٕ اصغرؑ شاہ
تکیا چھم نہٕ پوان وُچھتھ تمن ہُنٛد اضطرارو اصلا قرارو ۰

کوٚرُس زیروزبر شاہ اکبرٕ نی التماسن، امامن باک لٲیی

رچان نالہٕ مَتہِ دِژٲنس نہٕ نیرنو ÷

کرِ ییلہِ سبٕھاہ التجامیوٚ لُس اجازت سپُن رٲہی وٲتتھ منٛز میدان ظاۂلمتس گیرنو ÷
پرٛتھ طرفہٕ کوٚ فیوتس تیر لٲیی گرِن پاتھٕ ہتھ فی النّار دلدارنو ÷
چھنہٕ شمار تو تانٛ تس ٲکتی ظاۂلمو تیر لٲیی تہنٛد خوٗن آوگرِس ہَنہٕ ہَنہٕ تنہٕ لارنو ÷
اِدٕ تتھ نشہٕ بابس چھو کہٕ لدن کرٛ یکھ لٲیی موٗرُس بابہٕ عطشن ووٚنی ٹھہرنو ÷
یہ ہۄ زی تھہٕ امامی ودِنکی صدا لٲیی ہاوِس ییلہِ ہوٚ چھمو زبان جگر پارنو ÷
تھاوُس پننی زبان دردہانٕ امامن بےنوٲیی دُبارٕ دژاو آومنٛز ستمگارنو ÷
بێنہٕ گری تھہٕ ہلہٕ شیتھ بدکارتمی مارٕیٲیی دیتُس نہٕ اِدٕ زخموگرِس پیٹھ ٹھہرنو ÷
وُچھ یانی پوان گرٕ بابن پادشاہی لٲین گری تھہٕ اکبرؑ کرٛ یکھانا چارنو ÷
تتھے پانہٕ تھاران گھسی تھہٕ ذوالجناحس لارے

ونان جگر پارٕ وتم وارٕ کیا ژےٚ تہِ لرترٛ اوتھمو +

علی

اوس ودٕنکی صدا دِوان امام عالم وچھان وَتہِ وَتہِ سردارو
دپان پوترو وُنہٕ پاوتھم، کتھ جایہِ پیوہم وتم بنٛیوےکیا
یوہ ہا مرنہٕ چانہٕ پتھر پیوس ووٚنی گوس ازکارو =
گوم گاش کم چشمن چھس نہٕ چانی تن پرٕ زٕ تان اصلا
وتم وارٕ کتھ جایہِ ہیوٚ تھم قرارو =

تاںٛ پرٕ زٕنن ژھرٕ ٹھ دِوانو سیٖکہِ پیٹھ چھو کہٕ لدٕ سہٕ زٕ دِوانو -
وُچھس ژاہِر سکھ چھو کن دژ اہِر پھُٹِرٕ تہٕ زبانو
گومُت خشک دہان وُنہِ شاہ کھسانو -
عمامہٕ تس منٛز رتس ییرانو ہَنہِ ہَنہِ تنہٕ خوٗن تس نیرانو -
پیٛمُت ہام دنٛدن بنٛد ٹانو سکھ تہٕ خوٗن تس زن ہونٛڈ اُس وٹانو -
روٗدنہٕ حال امامس سُہ حال وُچھانو گرِ وُتھ بے اختیار رودان ودانو -
پوٚترٕ دگہِ وبسر اُوِس ترٛانو کوٚڈنہٕ پائے مبارک رکابہٕ منٛز تمہِ آنو -
رٕکتھہِ روٗد بحال یہِ دوران کونہٕ پیو آسمانو بُتھہِ کنی پیو پتھر امام زمانٛو -
پیٛمُت نہٕ بیب زینبہؑ باک ہیٚون ییٚلہِ سُہ حال وُچھکھ
دژ ایہِ پان ماران لبل کران وا اکبرؑ وا اکبرؑا
روٗہو بامائی پٔتر وِیکوٹہٕ سیٖکہِ ہُنٛد مزارو گوم کونہٕ گٹہٕ کارو •
روٗد یہی تہٕ امام یوٗ زی تھہٕ بیٚنہِ دیٚد ہنٛز کرٕ یکھ
تہِ وُچھتہٕ بیب زینبہؑ پوٚت دژ ایہِ ژایہِ بیٚنہِ خمہٕ گاہ
کران واوٗ یلا کرٕن لٔدی تھہٕ خاک بیٚنہِ جامن پارٕ پارو وَدٕن ناچارو •
دِوان بُتھہِ بُتھہِ بیب سکینؑ باک لاَیِی دژ ایہِ خمہٕ سوٗ رٔدی تھہٕ روخسارنو ÷
ودان بایو کوٗرتھہٕ بابا بس جان فدائیِی آہم ترٛیشہِ ہوٚت وَتہٕ پیٹھ مارنو ÷
گرظالمو کربلا اَسہِ بارٕ ننن جدائیِی میلو قیامُو تانٛ ووٗنی دُبارٕنو ÷
......از تانٛ مے ماگرا ژٔنے سوٗ اَیِی زانیوٗم نہٕ ژٔے خوٗن ہارٕن مارنو ÷؟
یو تہِ ستی نیٛرٕ ہے کرٕ ہے ہمپاَیِی دیوٗ نہٕ یٔہنے ہیٚتی کان تنہٕ تارنو ÷
یو کانن پان دِمہٕ ہَے مے نباتیر اَیِی ییٚمہٕ حالہٕ کوٗنی بایو ژٔے خوٗن ہارنو ÷

کرٕ کیٛامےٚ بابہِ تژلیش نہٕ اتھہٕ اُیی تژ اُوم ژٕنے برۏ نہہ لرچھِہ بابن آبدارنو ÷

بَنہِ ہمہ قطرا انہٕ ہے ژٕے خوأہی پھرِ ہے شاہ دیوٗ آب ہارنو ÷

ژٕوٗ چھتہٕ بأے صاحبہ مےٚ زن شژ اکھ اُیی چھے کرٕو پیمٕژ ہام دنٛدن موختہٕ ہارنو ÷

کٕو فیوتہٕ شأمیو بایوژٕنے تیر لأیی شبیۂ پیغمبرؐ نیزٕ اُے تارنو ÷

گٔیے بابس بیکسس پرٕ وٕنی ناو چھیرٕ دارے

گاُس نیرٕ ی تھہٕ اَکہِ اَکہِ سأری ........ مو +



لکھان جنگِ صفینہٕ ہتھہٕ علم اوس ہأشم شاہؑ سُنٛد علمدارو

کرِ تتی حملہٕ شیر دل ہارن شأمی دِل رٕ دنہٕ کأنسہِ برٕ نہہ پکنٛگ جرأتھاہ

ادٕتس گنٛزٕ ہے جانس کرن دُشمن حملہٕ یکبارو =

گیوٗ رُکھ ژوپأری یک قلم رٕ دِس رگرٕ دٕ پیادٕ سوارو

سُہ شاہؑ سُنٛد جانثار کرِ چپ وراست فی النّار بے شمار روسیاہ

بَرِ نہِ کثرتک غم تژ او نہٕ از دست علم سُہ دوستدارو =

کوٚر مجروٗح سور بدن تس نیز وتہٕ کانو زخمِ شمشیرو کوٚر بسبٹھاہ سُہ نیم جانو -

وبسر یٕو گرِ پیٛو ہر کرانو کمہِ حالہٕ شہسؑ تمی ووتد نہٕ جانو -

اوس پننس خوٗنس منٛز ژھرٕ ٹھ دِوانو ووتس تتھے شاہ ندپتھ عبداللہ پُنن زٕو دانو-

بوزِ یٛیلہِ شاہؑ گومارٕ میون علمدار ہأشم جوانو فرماو یکھ یتھہٕ موہنس ٹلیوٗن ٹکانو-

تسُنٛد حال پھران اوس شاہؑ ودانو ولہٕ نأوِتھ کفن، دفن کرنوٗ ون پانو -

پھِران ہأشمہ سُنٛد حال مےٚ زن دزٕام جانو چھم بنٛد لرزان جگر دزان ہوکھان زبانو-

کونہٕ دوستدار جامن چاک وألن باک تالن

دِن چھو کھ پھِران یہٕ بیداد دِن فریاد اَمہِ کھوتہٕ چھُ کیا حسرتاہ

ہاشمہٕ سٕندی پأٹھی ییلہِ تس شاہؑ سُند جگر پارو شاہ حسینؑ علمدارو •

روٗٹ کۄفیوتہٕ شأمی یو کربلا تنگ تس پھُٹرٲ وِتھ علم

کرِنس گُلبن قلم تہٕ گری تھہٕ مشکہِ پارٕ پارٕ مدتھاہ

اوِس کھوان تاپس سیکہِ ہُند بخارو سُہ قداوارو •

کریا وہاشمہٕ سُند تلاش تمی شیرِ خدأیی دیپان یتھنہٕ جامہٕ نتھ برہنہٕ ترٛاوِنس تنو ÷

فی الفور تس غلامس کریا وکفن تمی شاہی ٹلنأوِتھ علم دفن کرناوبس تنو ÷

گیہِ ناتس شہسؑ تمہِ دوہہٕ آگاہی ییلہِ اُسس پننس جگر پارس وَتہِ پیٹھ تنو ÷

سُہ ڈولان خۄنس منز گرِتھ پھیکین جدأیی کو زُمت مشکہِ تہٕ سینس گذار زہرٕ دار کانو ÷

شاہی ہأشمسؑ جامہٕ کأنسہِ مانٕنہٕ دِژأیی لولہٕ گۄ برس ترٛأوہس برہنہٕ وَتہِ پیٹھ تنو ÷

گر بدنہٕ نِشہِ ہأشمسؑ سرس کأنسہِ ماجدأیی

تہندِس نۄرِ عینس سرڈٔ تھہٕ تن میٚژِ پیٹھ ترٛاونو ÷

مرِتھ ہأشمسؑ بدنس کأنسہِ حرکت تہِ مادِژأیی تہندِس جگر پارس بدنس گرِ پیٹھی کھارنو ÷

بدنس ہأشمس اَکِس دوہس ڈُلہٕ لجأیی پیٚیہِ سیکہِ پیٹھ ژتجہن دوہن عباس علیہؑ تنو ÷

ہاشمہٕ سٕنز علم بیٚیس سردارس شاہیؑ دِژأیی پھُٹرِ عباس علیہؑ علم اَکی بدکارنو ÷

شاہؑ سٕند بوٚ صحابوٚ ہاشمنٕ سبب تجأیی دیت عباسِ علیسؑ سرس نکھ نیزٕ دارنو ÷

ہأشمس گُبرِ عبداللہ اَچھ وَٹہِ ہونٛڈ شیرے حضرت عباسسؑ سر نیزس گنڈن محکمو +




ماخوذ از مسودہ بقلم خود شاعر حکیم محمد جواد بشکریہ حکیم شیر علی فرزند شاعر مرحوم
نسخہ خواجہ اکہٕ مرحوم مملوکہ خواجہ فدا حسین گنڈ خواجہ قاسم

# صراط

راشدٕ لطفہٕ پنٕنہٕ کرتم ہدایتِ صراطِ مستقیماہ
یُتھ ژٕلسم غفلتِ کجروی تہٕ وَنہٕ چاُنی ثنا
گوٚھنم محو اشغالِ باُطل[1] لبہٕ راہ نجات چانہٕ اخلاصے
سپنہٕ از ہولِ راہِ محشر خلاصے[2] =
کربم نٔے احسان چون رہبری اَمہِ ناژُک وَتہِ تھاوٕ، کتھہٕ قدماہ[3]
چھسہٕ غیر زان تہٕ راہِ ثواب از تانیٕ گرِم خطا
سپنٕم سدِّ راہ معصیت، حاُمدن منز قدم تژاوِنس کھیٔوم ہراسے[4]
کرتم ووٚنی عفو گناہ بخشتم زادِ راہِ معرفت[5] یُتھ سپنہٕ راہ شناسے =
تھٔکی حاُمد ونان از تامو گوکھنہٕ طے عمرٕ اَکھ مقامو[6]۔
زونکھ کریا بشر یہِ کلامو طے راہِ ثنائے علامو ۔
سپنکھ نہٕ لفظاہ تمامو زاٗنِکھ ہزار سالہٕ وَتھ پھیرِ ناکامو ۔
تژاوَن برٛونٹھہٕ پکہٕ ننگ عزمو زانن یہٕ وَتھ باُریک ازمو[7] ۔

نوٹ :۔ یہِ مرثی چھےٚ مرحوم جعفر زوارس وننہٕ آمژ۱ فاسد (ج۔ز) ۲ سپنہٕ از ہولِ راہِ محشر حاُمدن ہمراہ خلاصے (ایضاً) ۳ کربم نٔے احسان چونٔے رہبری سپنم خضرِ توفیق راہنما (ایضاً) ۴ چھم سدّ راہ معصیت، اَمہِ وَتہِ قدم تژاوِنس چھم ہراسے (ایضاً) ۵ بخشتم معرفتُک زادِ راہ (ایضاً) ٦ یم حاُمد ونان آے از تام طے گوکھنہٕ عمرٕ زانٕہہ اکھ مقام (ایضاً) ٦ زونکھ زِ بشر ہیکیا گرِتھ طے راہِ ثنا (ایضاً) ۷ رٕوٚدُ کھنہٕ پائے رفتن پیش تہٕ ناکام اڈٕ وَتے پھوٚر کھہٕ پنٕن کلام زاٗنِتھ امیک رسم وراہ دِیہ نہٕ ونن تہٕ اللہ واتہِ نہٕ زانٕہہ (ایضاً)

آیگھ دریٛنٹھ بُتھہِ راہ تاٗریک ترٗ شمشیرِ دار پرن استغفارتہٕ لاحول ولا[1]

وتے لوٗسن سخندان کڈن نہٕ بروٗنہہ مُنزِلا

اِدٕ مےٚ ہیوٚ بےراہ کریٛا طےیہِ راہِ دشوارو •

اَپاٗری پکہٕ نس کران رم زاٗہدعاٗبد پارسا کم کم

امید چھم سُہ راٗحم مےٚ یارے[2] ÷

نتہٕ کیتھہِ بنہِ حاشاہ اپاٗری پکہِ مےٚ ہیوٚ بدراہ

عفوتُسنُد نےٚ مےٚ تارے[3] ÷

وونی دِمہٕ راہگذرحاٗمدن ہٕنز پیروی گٔرِ تھہٕ بوتہِ نعتچہِ وَتہٕ قدمو

چھےٚ ژھوٚٹ وتھ سوے مےٚ موٚکلنٛچ پگاہ +

علی

نعتس منز تہِ ازتام یموٗ زانٛہہ کوٚر کلاماہ

اُسی تھہٕ تمن علچ رہبری ووت نہٕ مُنزل مقصوٗدس کانٛہہ سخنور علاماہ[4]

اُسی تھہٕ زانان یہِ راہ اتھٕ وند خلاصے

توتہِ بروٗنہہ قدم تراوِنس کران ہراسے[5] =

اِدٕ مےٚ ہیوٚ بےخبرتہٕ ناواقفِ راہ

اَمہِ وَتہِ سخنوری کرنس اَنہِ کتہِ جراٗ تھاہ

امامُسہ خاتمِ انبیاٗ ماٗلکِ دوسرا افضلِ ناسے

سید المرسلین راہنما بندہٕ خاص قاضی روزِ قصاصے =

[1] پرن استغفار زِ چھا طاقت کانٛسہِ کرُن گذرلمہِ وَتہِ اصلا (ایضاً) [2] یہ کوٚرمہٕ سرٗ راہ بےراہ وَنہٕ نس ہوسباہ امید چھم سُہ راحم یار بم یُہوے مٔیون نادرٗست قدم (ایضاً) [3] اَمہِ وَتہِ ساٗرٕی کران رم یمن نہٕ اوس پکنس غم (ایضاً) [4] اُس نہٕ تمن علچ رہبری گویا پٔتھ اکھاہ علاماہ (ایضاً) [5] کرن وسواسے (ایضاً)

تھاوِقبوٗل (سٕہ) خیرالاناموٗ یُتھے مئون بے راہ کلاموٗ[1]۔
مےٚ کریہِ امید چھمو مےٚ سائیلس کرِمحروٗمو۔
نٕمس بروٗنہہ کُن یہِ ہدیہٕ حقیر یامو بدستخطِ خاص کریم اکراموٗ[3]۔
عاصٕیس سٕہ بانٔی اسلامو راہداری چِھنٕچ تاموٗ[4]۔
رِتھنٛدے ناوِ روٗدعرش برقرار سٕہ سردارانبیاؑ[5]

یم تیسنٛزِ وَتہِ پکِو اسی تھہٕ عاصی موکلن لگاہ
مٔیتہِ سٕے تتہِ صراطہٕ تاربم چھس امیدوارو[6]۔

سٕہ ییلہِ آو عالی تبار وَتھ کفرِچ ژھیٚنٛز یکدفع[7]
بُت گلی، بُت پرست تھارے[8] ÷
دُنیاس تیلی گٹہٕ ژٕج دہنہٕ تُھنٛدِچ وتھ ییلہِ اُج

.........رن ہمت ہارے[9] ÷
اِدِ ییلہِ بشیر النّذیر تُھنٛدٕ زیرکرِ دُنیاس رشکِ ارمو
رِتھنٛدِ ینہٕ لبہِ دہن زیباہ[10] +



۱ تھاوِ قبوٗل سٕہ خیرالانام یتھ مئون بے راہ کلام امید چھم زِ بنیاں زانٛہہ مےٚ سائیلس محروٗم کرنیا (ایضاً) ۲ (ایضاً) ۳ نٕمس بروٗنہہ یہِ ہدیہ یام بدستخطِ خاص بخشم تام (ایضاً) ۴ مےٚ عاصٕیس سٕے پادشاہ راہدارٔی چِھنٕچ یکدفع (ایضاً) ۵ تُھنٛدے نام نامی روٗدعرش برقرار سٕہ سردارانبیاؑ (ایضاً) ۶ مٔیتہِ سٕے تتہِ صراطہٕ تاربم رستگار از نار چھس امیدوارو (ایضاً) ۷ یکبار ۸ بُت ؤسی ؤسی پیہے یکدم بتخانہٕ سارٕی گے برہم (ایضاً) ۹ یزلنہِ وَتہِ سارِ گیہ کالعدم آے وَتہِ راوِی متِی گوکھ سرخم (ایضاً) ۱۰ گرِ طلوٗع برج کعبہ منٛز اَنہٕ راہِ دُنیا زیرپا (ایضاً)

اوس رتہنٛدِ ہیبت نشان پرٛتھ صاحبِ اصنا ماہ

کاشپان بوٗزی تھہ نامِ حیدر صفدرؑ　کھوان اُسی واہماہ[۱]

رتہنٛدی حملۂ حیدریؑ ڈیشتھ اوسکھ انان تلواسے[۲]

تژاوان کفرٕچ وَتھ، رٹان راہِ اسلام خلاصے =

اُنی تمی شاہیؑ برراہ پھٹرِتھ سُہ خیبرُک برا

کم کم پہلوان بدل وجان انن ایمان ہہن نہٕ کفرک ناماہ[۳]

مارِن بضربِ ذوالفقار ڈلیٕ تی کفار ساسن ہنٛدی ساسے[۴]

راہ خدادِن سر دِنس دوہے عہد دژاسے =

لیکھے رتہنٛدی مدح عمرِ تماموٗ　واتیم نہٕ توتہٕ زانہہ باتماموٗ[۵] -

کاُتیاہ مدّاح آے ازتاموٗ　واُنسہٕ ونن مداموٗ[۶] -

تژاُ وِتھ خورد ونوش تہٕ آراموٗ　رات دوہ ونان مدحِ اماموٗؑ -

کوٚت پوشہِ گرِتھ تیت جست وخیز تاموٗ　اندو وتگھنہٕ کلاموٗ -

اِدِمےٚ ہیوٗ بےخبر تہٕ درماندۂ راہ

ہیکیا گرِتھ ادا مدح　گتہٕ اَنہٕ سُہ طاقتھاہ[۷]

اماچھےٚ پرٛتھ کانٛسہٕ وتھ موکٕج اَمہٕ دربارو •

۱ کاشپان وَتہٕ پکان کھوان سکندری اوسکھ انان واہماہ (ایضاً) ۲ رتہنٛدی حملہٕ ڈیشتہٕ روٗزِتھ گوھان کھوان تیت تلواسے (ایضاً) ۳ کم کم پہلوان اززورِ حیدریؑ ہیمن نہٕ کفرک ناماہ (ایضاً) ۴ گرِن بضربِ ذوالفقار راُہی نار (ایضاً) ۵......عمرِ تمام واتیم نہٕ توتہٕ زانہہ انجام ازتانی کانٛسہٕ رتہنٛدی مدح تمام ہیکیٚ وٕنِتھ کرزانہہ (ایضاً) ۶......ازتام رات دوہ وٕنِتھ توتہٕ ناتمام کانٛسہٕ اَکر کوٚرنہٕ ازتانی زانہہ پوٗزونہٕ نس اَتھ طے راہ (ایضاً) ۷ کوٚت پوشہِ اِدِمےٚ ہیوٗ بےخبر تہٕ درمنٛدِ راہ ہیکیا گرِتھ ادا مدح گتہٕ اَنہٕ سُہ جا تھاہ (ایضاً)

سہٕ سخین ہُند پادشاہ یہِ میٲنی کلامِ بےسروپا دفترِ قبوٗلس منز تارے[۱] ÷
......رٹہم شاہ یداللہؑ شفاعت کرہم انشاءاللہ[۲] مداحن ستی میٖتہِ گارے ÷
تارِ تارہم سے مولا...... ...... گوٗھ ہٕ نہٕ تارِ اصلا موکلاوہم برۄ نہہ ژھارے ÷
کرِ اتھہٕ روٗٹ سارِن تمن یم لتس دوست تھاوَن ترٛاوبکھ طرفہ العین......÷
رۄزی تو بہوش بۄزی تو بگوش تہندِس مدّاح سُند وَنہٕ مو
تہندِ راہ فیضہٕ کیٛوٚنہہ بوتس دستگاہ +



کتابِ کشف الیقینس منز لیکھان علامہ حلیؒ عالماہ
دوہہٕ اکہٕ اکس وَتہِ پیٹھ اوس راہرومرداہ[۳]
اسس سمی تھہٕ اندی اندی لۄکی بۄڈی[۴] عام وخاصے
ہیٚیہِ پرُن مدحِ شاہ اولیأ سہٕ بااخلاصے =
اُتھی منز نیّرِ اعظم آو طےکران راہِ سمأ
زون تمی مدّاحن بختاورن وقت رۄدکم سبحاہ
ہیوٚتن سپدُن غرۄب آفتاب دوہس زوال آسے
کربس آفتابس[۵] خطاب شاہؑ سُند غلام خاصے =
پھرِ پنٕنی عنان تہٕ کر مقامو[۵] یتھہٕ پاٹھی دوہہٕ اکہِ بحکمِ امامو[۶] ۔

[۱] ایتھ زانہہ پھیر تھ دِیَم دستگیر چھم تہٕ پانہٕ رٹہم (ایضاً) [۲] شفاعت تہٕ انشاءاللہ کرہم پگاہ مے سُے پادشاہ مدّاحن ستی میٖتہِ گارہم صراطہ کہ تارِ تہٕ تارہم (ایضاً) [۳] دوہہٕ اکہٕ وعظ پران سرسری وَتہِ پیٹھ راہروا کھ مردا (ایضاً) [۴] یوزان (ایضاً) [۵] کربس پی خطاب (ایضاً) [۵] مقام (ایضاً) [۶] امام (ایضاً)

لۄ سِتھ کھوٚتکھ پھیر تھ تامو خاطرِ خدمتِ امام انا مو[1]۔
یو مدّاح چھس تہنٛد غلامو میانہِ خاطرٕ تہِ روز توٚ تامو[2]۔
مہٕ کرحرکت پننہِ مقامو موکلاوِ مدح پرِتھ یوٚ تامو[3]۔

وُنہِ اوس نہٕ سپٕنمت مداح سُند کلام تمام مقام کرِ آفتاب برراہ
یوٚ تانی گرِ[4] وُنتھ تمام سہٕ مدّاح منقبتِ شاہؑ
توٚ تانی تتی (وَتہِ) پیٹھ رۄ دہتھ قرارو ۔

وٕنی تو محبو حسرت چھنا سہٕ أستھ ادنا مدّاح تس آفتاب توٚ تانی پڑ ارے ÷
یوٚ کنہٕ اصلا برونہہ قدماہ یوٚ تانی موکلیو پرِتھ مدح تیٚوت کال تتی ٹھہرے[5] ÷
یاد پیوم سہٕ کربلُک ستماہ وژھہِ وأنجہِ پیوم زن سماہ
کونہٕ محبّ بۄزی تھہٕ پان مارے[6] ÷
ہے ہے تس شاہؑ سندی أچھگاہ أسی لرِ لرِ تاپس نسرّ راہ تہِ سیکہِ تن تمن لارے[7] ÷
تیتھ اوس گرمس بخار تمہِ ستی ووتھان وتن نار زن آب گوٗھان گنہِ سارے[8] ÷
تتان کوہ ہوازن سم پیٚمتی چھو کہٕ لد بدن پیہم گرم تمن مُرِتھ مارے[9] ÷

۱......لۄ سِتھ پھیرِ تھ برسمأ کھوٚتکھ گری تھہٕ خدمت شاہ (ایضاً) ۲۔ یو مدّاح چھس تہنٛد خدّام میانہِ خاطرٕ تہِ روز توٚ تام (ایضاً) ۳۔ حرکت مہٕ کراز جا یوٚ تانی موکلاوِ وُنتھ مدح (ایضاً) ۴۔ موکلاوِ (ایضاً) ۵۔ تہنٛدے وننہٕ رۄ دہتھ دم تتھے آفتاب یوٚ کنہٕ قدم مدح وٕنی تھہٕ موکلاوِ یام آفتاب غروٗب سپُن تام (ایضاً) ۶۔ یاد پیوم سہٕ کربلُک ستم دیتُم مار جگر ژونم (ایضاً) ۷۔ سیکہِ پیٹھ تس شاہؑ سُند أچھ گاہ تاپس ڈولان اوس سرِ راہ وَنہٕ کبتھہٕ پأٹھی زنو ماژ ھیٚیم کونہٕ گوٚو عالم برہم (ایضاً) ۸۔ اوس گرمس تپیت بخار تمہِ ستی ووتھان وتن نار کنہِ آب گوٗھان ہردم تتان کوہ ہوازن سم (ایضاً) ۹۔ پیٚمتی چھو کہٕ لدبے سر بدن وتہِ پیٹھ تتہ تاپس نبدرن بے سلیہ نوجوان کم کم نیران خوٗن چھو کن پیہم (ایضاً)

اوس تس شاہ سُنٛد نوٗرِ عین شاہ حسینؑ پیوٗ مُت لرِ پھٔرِ تل ہیتھ معصوٗم مو
تس تریشہِ ہُنٛس گرمہٕ ستۍ تہٕ پھٔرِ کان سینا +

علی

مدّاح ہنٛدِ خاطرِ و تے ٹھہراو کریا و آفتابن پچاونہٕ قدماہ
تہٕ اوسُنٛس معلوٗم شانِ حیدریؑ توے ہیوٚان دماہ
ژٕپ تو پان مأری زبنا پھیری زِ وَتن[1] ٲلی تھہٕ ساسے
کونہٕ آفتابس سُہ[2] شاہِ کربلاؑ یاد آسے =
ییلہِ تس شاہ ہنٛد بن جگر گوشن رٕژٕ تھہٕ آب ژٕٹی تھہٕ سر برملا
کڈن (تھہٕزٕن) کور بن زٕنجرِ گٔری گٔری ظالم بے حیا
تمہٕ برقعہٕ رٹھہِ تریشہٕ ہیٚ نبہٕ زن پیموٗ نوارِ آسے
وَتہٕ وأژ عامس تہٕ آفتابس بُتھ کھٹان آسے =
تمن ستۍ بیمار اما مو[3] تس نٲن اعضأ تمامو[4]۔
گوٗ ہان تمہِ گرمو وَتہٕ ہنٛدِ جوشہٕ کھورن ورمو[5]۔
تس کوٗرمُت مرگن تمامو تھوٗ وِمُت ووڈٕٕٕنٕن نیوٗمُت عمامو[6]۔
ہُنٛس سرس لگان گرمو تتان زٕنجرِ پھسان ورمو[7]۔
اڈٕ کھوٗ رمعصوٗم خامو شاہ حسینؑ کوٗرسکینہؑ نامو[8]۔

[1] وَتہٕ وَتہٕ (ایضاً) [2] تمہِ دوہہٕ (ایضاً) [3] امام (ایضاً) [4] تمام (ایضاً) [5] گرمہٕ ستۍ حسرت چھنا وَتہٕ ہنٛدِ جوشہٕ ستۍ کھورن ورما (ایضاً) [6] کوٗرمُت تس مرگن تمام نیوٗمُت عمامہٕ ووڈٕنٕن امام (ایضاً) [7] ہُنٛس سرس لگان تاپھاہ تس گرمہٕ ستۍ یوان ضعفاہ (ایضاً) [8] سوا اڈٕ کھوٗ رمعصوٗم خام شاہ حسینؑ سکینہؑ نام (ایضاً)

دپان بیپب زینبسؑ معصوٗمو پوٗ پھدیٚدی آفتابس مےٚ کیٛا روٚٹ موٗ [۱]۔
اکھ ترٛیشہِ دادِ زوٗ دژامو پادوَتہِ لارنہٕ آموٗ [۲]۔
بابس تہِ سایہِ کیٛنہہ ماچھمو تنہِ تس لگان تاپھ چھموٗ [۳]۔
آفتاب اوس نہٕ اَسہِ محرمو ازکوٗنہہ کینہٕ اُمی ہورموٗ [۴]۔
بٔڈی بابُن دِتس نامو لوٗسی تھہٕ پھیری تھہٕ یُکھورموٗ [۵]۔
ژِتھنٛدُ ے پاس پیٚیس مو ذرا کرِ کم گرموٗ [۶]۔

آسہِ مانتہٕ بےخبرتہٕ پیٚیس یادسہٕ شیر الہٰ گوٗھہِ اوٚبرس تل پیٚس ذرا شرما
دیوٗ بابس کم گوٗھہِ ہمم آزاروٗ [۷]

نتہٕ دپتس یہِ میٛون بٲے جان بیمارِ ہتی چھم ہیم جان ژِتھہٕ پاٗٹھی ٹھہرے ÷
ژِتھہٕ پاٗٹھی گژھمس پکہم بیمار ماوَتے ڈوٗکہم اَمہِ گرمہٕ زوٗ اُمس نیرے [۸] ÷
چھم چچہِ بابہٕ فرات پیٹھ وَتہِ پیٹھ دِوان ژھرٹھ پھیکٚی ژٔڈی ہس میانہِ ویرے [۹] ÷
بوے میٛون شبیہٕ پیغمبرؐ پیٛوٗ مُت چھم بےسر خوٗنس گژھ کھتس پھیرے [۱۰] ÷
ژُھنٛدِ مرنہٕ بابس ستم بٔنیوٗس گوٗس واہ تھٔرخم قیامُتو تام لرِ لرِ پھیرِ پوٗترٕ ویرے [۱۱] ÷

۱۔ دپان بیپب زینبسؑ یوٗنا پوٗ پھدیٚدی مےٚ روٚٹ آفتابس کیٛا (ایضاً) ۲۔ مےٚ اکھ ترٛیشہِ دادِ زوٗ دژام بیٚہِ وَتہِ پادلارنہٕ آم (ایضاً) ۳۔ بابس تہِ چھم لگان تاپھاہ تنہِ تس چھمنہٕ کیٛنہہ سایا (ایضاً) ۴۔ اَسے اوس یہِ نامحرم یہِ کوٗنہہ کینہٕ از ہورِنم دپتس میٛون داہ چھس کیٛا یُتھ تیز کران گرمس چھا (ایضاً) ۵۔ دِتس تس بٔڈی بابُن نام لوٗسی تھہٕ پھیری تھہٕ یُکھاریام (ایضاً) ۶۔ ژِتھنٛدُ ے ماپیٚیس پاساہ کم کرِ یتھ گرمس ذرا (ایضاً) ۷۔ بابس کم گوٗھم گرمُک آزاروٗ (ایضاً)
۸۔ اَسِنٛہ ے سبٹھاہ نٹھ چھم یتھ گرمس، ژِتھہٕ پاٗٹھی پکہم (ایضاً) ۹۔ چھم چچہِ بابہٕ فرات پیٹھ گرمس دِوان وَتہِ پیٹھ ژھرٹھ تس پھیکٚی دوٗنوٗے ژٔڈی ہم سِینس ہتی مشک ژٹنم (ایضاً) ۱۰۔ بوے میٛون شبیہٕ پیغمبرؐ اَتھ تاپس چھم بےسر (ایضاً) ۱۱۔ ژُھنٛدی مرنَن کوٗرنم بابس میانِس تھٔرخم (ایضاً)

چھُم مہرازٕ قاسمؑ جوان تاپس سیکہِ پیٹھ ڈولان سمہٕ رتس مژرتس پیر ے[۱] ÷
ہوکھہٕ رأوِس گرمن مأثرِنم لوٗگس تاپھ چھوکن سم تن تس گُری سُمن لارے[۲] ÷
بوے اصغر شاہؑ شیر خوار لیس کو چھِ پیٹھ بابس خوٗنخوار واہ نوٗرٕ حلقس تیر تارے[۳] ÷
ژریشہِ ہوٚت وُچھن تاپس یام بابن پھٔرِ تل ہیوٚتن تام ژھأ گُتس شیرے[۴] ÷
چھنا آفتابس یِوان عار کرِنا کم گرایہِ نار اُمس کتہِ .......... ے[۵] ÷
رِکتھہٕ پأٹھی دَرِ زَرِ یُتھ بخارتہٕ گرمو پوٗژ چھمنہٕ کرٕہس بوٚ ے سایاہ[۶] +



ادِ بیب زینبؑ نجف گُن یی بڈِ لوٚ ے نادما

چانہِ مرنہٕ گییم بابہٕ دربدری بابو گییس بے پناہ

وُچھتہٕ کیا پیش آم گوم ڈاسے[۷]

مأری ہم بأ ے تہٕ گبر بیٚیہِ زأ لی تھہٕ خمہٕ نیوٚ ہم اساسے =

بابو ہوٚرٕ ہم کینہٕ ظأ لمو آ کھنہٕ کینہٕ رحماہ

کڈِ نم مژ بازری شأمی روسیاہ

اوس نہٕ سانہِ برٕ پیٹھی پکُن زانہہ حکم ہواسے

برقعہٕ رَژھہِ کڈِ نم ازمژ بلواسے[۸] =

۱۔ نتہٕ مہرازٕ قاسمؑ جوان تِہوٗ سیکہِ پیٹھ چھُم ڈولان (ایضاً) ۲۔ رتہٕ بُرتھ تس مأثرِنم تاپھ چھوکن لگان زن سم (ایضاً) ۳۔ شاہ صغرؑ یتھ شیر خوار تیرٕ ستی مارِ یس خوٗنخوار (ایضاً) ۴۔ ژریشہِ ہوٚت تاپس وُچھنم بابن پھٔرِ تل ہیوٚتنم (ایضاً) ۵۔ گُری تن کم ناری تنس عار چھو کیہٕ لدتنہِ بابہٕ نامدار کتہِ اُمیک بخار زربم تاپس کوٗنہہ اُمس ٹھوٚر کربم (ایضاً) ۶۔ نتہٕ وَتہِ پیٹھ ژتھس گرٕ ژمس رِکتھہٕ پأٹھی دَرِ مو پوٗژ چھُم نہٕ تمے ستی کرٕہس سایاہ (ایضاً) ۷۔ وُچھتہٕ بابو پیش کیا آم وَتہِ پیٹھ گوم ڈاسے (ایضاً) ۸۔ اوس ماسانہِ ہیٚری پیٹھی پکُن زانہہ حکم ہواسے برقعہٕ رُژھہ ازکڈُ ہس مژ بلواسے (ایضاً)

موٚرٕ ہم بوے شاہ حسینؑ یامو[1] دِتھم ٕخمن نارتا مو[2] ۔

بیمارس ضعفہٕ ستی ...... [3] لوٚ گمت منٛز نارس اوس مو ۔

دِپیام اژٕ تتھ منٛز یامو آیم نہٕ وَتھ گت[4] ......۔

مرداہ منٛز ٕخمس ژاوتامو نبر کوٚ ڈُن بیمارامامو[5] ۔

پھوران نہٕ شاہ تس وُچھمو زونٛم زِموٚ دگوم تمامو[6] ۔

تُہنٛد حال وُچھتہٕ زوٗ دژامو ہوالتس اَتھو ستی کوٚرمو[7] ۔

تمے ستی ضعفہٕ منٛزٕ دُبارٕ اِدٕ پھِر شاہ وُچھمس اَچھ مُوٚران تہٕ آم گاشاہ

ییِلہٕ وُچھم وِدان کرہم تسلا بیمارو ۔

آیم تانی سکینہؑ گاٚمژ بے تاب وِدان کران سبٹھاہ اضطراب

سو دِوان پیچ وتاب بُاے ویرے[8] ÷

تریشہِ ہُو ہٹہِ گاٚمژ موکھہٕ ہَنہٕ مٔلی تھہٕ میٚو ......[9] ÷

کرتہٕ بٔڈی بابن پاس اَسہِ گرمن اوٚن تلواس

توٚرس کرتہٕ گراکم یم زٕنجرٕ تتان چھِم ...... ÷

**ناتمام**

نوٹ:۔ مےٚ نِشہِ چھِ زٕ نسخہٕ یمن منٛز اکھ پانہٕ شاعرٕ سنٛد اتھہٕ (مملوکہ ڈاکٹر علی محمد متی پورہ) تہٕ بیاکھ غلام حسین ابن ڈاکٹر جعفر زوارنہِ اتھہِ لِکھنہٕ آمتی چھ۔ دونوے چھِ اوتا متھے تہٕ متضاد۔

۱ یام (ایضاً) ۲ تام (ایضاً) ۳ بیمارس اوس ضعفاہ دوٚ لُکھ نارس منٛز وَنے کیا (ایضاً) ۴ تتہٕ منٛزاژٕ دپیام یام ژوپورنارولنہٕ آم وَتھ آیم نہٕ توٚت اژٕ ہا ٕخمس گتھ دِژاُم سبٹھاہ (ایضاً) ۵ وَتھ آیم نہٕ توٚت اژٕ ہا ٕخمس گتھ دِژاُم سبٹھاہ ۶ وَتہٕ پیٹھ تھوٗ ونہٕ زن موردا وُچھم تہٕ تسنہٕ پھوران شاہ (ایضاً) ۷ تُہنٛد حال وُچھتہٕ مےٚ زوٗ دژام زونٛم زِموٚد کوٚرنم تمام چھکھس آب گتہِ اَنہٕ ہا اَتھو ستی کوٚرمس ہوا (ایضاً) ۸ سکینہؑ چھم کران آفتابس گژاو بابس چھم لگان تاو (ایضاً) ۹ اُمِس چھو کہٕ لدتن چھم بوٚھ ونن اُمس گرکھ چھم (ایضاً)

# ظفر

یا اللہ کرتم مظفر چھم درنظر کرن حمد چون رقم  یُتھ ژلہٕ نم یم[1] لاحق افکار سپنم بشاش دِلو
تِکیاِ چھم ۄسپلہٕ یہٕ دربار یہوے کار زمہٕ ہمو
سپنم ذریعہٕ ظفر دنیاس بکار عقباس تہٕ ییہٕ مو =
کرِ کیاِ تس عدو بدسیر لیس کرکھ ژرحم  فاتحہٕ چھا اتھ شک چُھ ردِ خلقے برحق مقبلو
فاتحا لیس ژ دِکھ فتح اِدتس کیاِ چھُ غمو چھُ یاراکس کم کرِنس تس اکھ مو =
لوٗب رتباہ[2] سیر ی تھہٕ از چاہ یوسفؑ دِژتھس فتح گوس پیش کیاِ باینو -
عداوت کریاِ و خلیلسؑ نمرٗ دن کوٗرُس گلزار نارس چاٗنی لطفنو -
یمی نیوٗ ژے کُن پناہ تسے سورعالم کرِ یکجابدی کرٕہن سٕہ بندٕ منصوٗر تم دشمن مقہوٗر لابدی۔
لبہٕ ہر جائ فتح سُے بندو  تِکیاِ وَتُعِزُّ مَنْ تَشاء فرموٗ تھ ژے ÷
کربس وَتُذِلُّ مَنْ تَشاء دشمن مندوٗ[3] چھُ بس کٔری تھہٕ یا فتاح دِین صدا ژے ÷
کٔری تن تِتھے ظفریاب سارِنے ذوالجلالو
تِکیاِ[4] نارِ جہنمہٕ بلگلے ۄلی موکلو +

علی

سپُن بابِ رحمت مفتوح ییلہٕ خیرالبشرؐ کرِ مشرّف یہٕ عالم
لوٗب فتح اسلامن، ادیان ماضی گے باطِلو
سپُن صاف جہالتہٕ ضلالتہٕ نشہٕ عالمو گویکبار دعوادارن تہٕ سرخمو=

نوٹ: یہٕ مرثی چھے ذٲکر سید مہدی نژھس ۱۳۵۰ھ منز وننہٕ آموا۔ یُتھ ژلہٕ نم یم (س۔م)
۲ پناہ (ایضاً) ۳ کربس اُتوِل مَن تشاء آسہم نے مانو (ایضاً) ۴ اِدتھہٕ (ایضاً)

ییٚلہِ ہیٚیہِ نام آنسرورؐ سپُن رہا از غم آدمؑ
کرِ کفرس پایمال بفتح و فیروزی سُہ دہن ودُنیوٚک مأ لکِ گُلو
گرٕ خالقن دوشن پیٹھ تس رسالتچ خاتمو تس پیٹھ نبوتس سپُن ختمو[1] =
غمو وِزاون شفیع سُے پزتھ نٔبین تتھے یکدفع کران اُسکھ فتاح مہمنو -
حصہٕ آو شکست کفارِ قریشن گے پست و پاپوٚ کنہٕ ذرا پیش تمنو -
بوتس جانشین شاہٕ نو رہدیٰ امم[2] سُہ دَیہِ سُندٕ ولی
آس شبِ ہجرتہٕ بکار سُے جاں نثار وٕصی •
تمی شاہی بُت پرستی ڈستی گر بندو گمنام صاحبِ اصنام گے ÷
سُہ فخرِ عیسیٰؑ کرِ کتیاہ اموات زندو تہندی دوستدار حقدار جنتس گے ÷
کوٚرُن سدِّ سکندر، بندِ بر بر بندو تہندِ اکہِ ضربہِ مرجبس دُپارٕ گے ÷
ییٚلہِ کرِ شاہِ چینس زندٕ دلبند و تس پانٛژ جہازٕ آبہِ منزٕ کھارٕ نی پیٚے ÷
کرِ یہوٚ دِس پریشان منز سمندرس ہوائے تندو تہند ناوہنہٕ سأری مو کلِتھ گے ÷
دستگیر مُحبن کران حلِ مشکلو
تہندس مہرس ہیہٕ جنت یُس آسہِ مقبولے موٚلی مولو +

علیؑ

لبکھان ییٚلہِ جنگِ احزابہِ قریشی کافر گری تھہٕ غلبہٕ کوٚرُکھ محزون شافع امم سرورِ عالم
اِدٕ یکبار بحکمِ کردِگار سپُن نازل جبرائیلوؑ
ییٚیہِ ترٕ ہیہ ساس فرشتہٕ خالقِ عالمو سوزِ، آے نِشہِ حضرتسؐ تمے دمو =

[1] تس پیٹھ نبوت سپُن خاتمو (ج، ز) [2] امام عالم (ایضاً)

کرن عرض یا پیغمبرؐ دِیُو حکم سر بسر کریٚو کھ یِم بدراہ برہم
تلٲیو کھ بنیاد دیتھ قوم عاد گو فنا ہِ کلو
ہیٚیہِ نہ حضرتؐ تہنز نفرت ذمو مجبوٗرس پتھ پھیر تھ گٔے تمو =
اِدٕ ییلہٕ ابو جہل حد کرِ ظلمن خدأے راجا ئیلؑ[1] فرشتہٕ سوٗزنو –
سُہ ملکاہ اَکھ منز عذاب کنِن فرشتن سپُن حاضر نشہِ حضرتسؐ سلام کرنو –
کرِ عرض حضرتسؐ یا نبیؐ دِیُو سلام خالقن دِنو اِذا اسبٹھاہ توہہِ دُشمنو –
چھُم امر زِ دیتیو ے اجازت مےٚ اَنِ جائپن[2] یِم گمراہ بدخواہ توہہِ آسنو –
کرن پنہان زیرِ کوہ ابوٗ جہل یک قلم یتھ گژھہِ ہتھ قوم ناپوٗ دسُہ حاسدی
نیر بنہ تتہِ از سرزانہہ اصلا روزِ تتی ابدی ۰
دَپہِ تس فرشتس جواب خلقن ہُنٛد دردمندو دِیہ نے خدا اجزا ژٕے ÷
تمی خالقن کری پیدا یِم بندو وونن رحمۃ للعٰلمین لقب مے ÷
گوٚہنی تلف یِم یکدفع، مےٚ کریہِ وندو رکتھ پاٹھی اجازت دِمے ژٕے ÷
مےٚ کرِ سے خدا فتح مندو یِم مارِ نک اِذِن یو کر دِمے ÷
مےٚ کرن کیا ہرگاہ روزن یِم زندو چھُم خدا حافظ سُے ژٕے رٕ چھنے ÷
یوٗ زِتھ یہِ پاسخ سُہ ملک سپُن روانہٕ فی الحالو
اِدٕ رکتھ تس حضرتسؐ تزٕ آوِتھ بے دفن سنگدلے ژٕلی تنگدلو +

علیؑ

اُسی تھ تیت پیغمبرؐ مرنہ وِزِ کریان طلب دوات تہٕ قلم
گری تھ بہانہٕ کرنہٕ تعمیل تمِ غافلو
دوٚ پکھ رکتھ پاٹھی دِموس، پیٚو کھ غمو اُمس چھ کرِ نی خلافتِ علیؑ محکمو[3] =

[1] اجاجائیل (نسخۂ مہدی) [2] دیٖوٚے اجازت پھرَن زمین وزمن (ایضاً) [3] گرِ ماخلافتِ علیؑ (ایضاً)

برن نہٕ ہیم داور کرنہِ مشورٕ باہم گۓ یکسر سقیفس اندر تم جاہلو
کوٚ رُکھ پریشان اسلامو تُتی کوٚ رُکھ تیار ظلمہٕ نامو =
مُری تھہٕ رسول خداؐ گوڈٕ شیر خدا ایسؑ رزگری تھہٕ حلقس کڈن کھارٕنس محکمن لاگنس نیاینو۔
ٹاچھِ کور ودٕنس منع تس کرَن کوٚ رہس نہٕ پاس تس میراث رٹنو ۔
یُس قبالہٕ کوٚ رمت اوسُس بابن رِکتھہٕ وَنہٕ تس روبروژہٕ نو ۔
اُلیس غلافہِ سان شمشیرا کی ظالمن بازوئے مبارکس مورتدنو ۔
کوٚ رُس شہزادِ محسنؑ شہید ضربِ دروازن ادِ بدکار برس نارتس گنڈنو[1]۔
بابہٕ رژھہِ اونہس پیش کیا کیا گری ہس ظلم کم کم توتہِ روٗ دی نہٕ پتھ تم ضدی
دِنس نہٕ زانہہ کڈنہٕ بڈآہ تم حاسدی ۔
وَدِ ہے لۆکن[2] ژھایہِ رسولہٕ سنز جگر بندو آو پیش کیا بابو ژٕمری تھہٕ مے ÷
رٔٹی تھہٕ میراث کوٚ رہم قوت بندو لوے ضربِ سیلی ظالمن مے ÷
یوا سس ہتھہٕ حسنینؑ پنٕنی فرزندو گوھان[3] تل گلس وَدنہٕ ژے ÷
ترٕووٗکھ ژٔٹی تھہٕ سے کُل بابہٕ دردمندو ووٚنی تا پس ہتھ چھسے ودان ژے ÷
وُنہِ چھم پہلو آزار مندو یتم خوابی بابو ہاوَے ژے ÷
دیدِ رژھہِ ترٕ اونس[4] رِکتھہٕ اوے وونڈو نتم پانس نشہِ ووٚنی مے ÷
چھے خبر چھم ماباٗے بندو[5] یم رفاقت کرہن مے ÷
ژٕ گو ہم خواب وَنہٕ کس حالو[6] نتہٕ رِکتھہٕ مے دوکھہٕ لدِ بالکلے ٹلی دِلو+

علی

1. دِنو (ج۔ز) 2. خلقن (س۔م) 3. یوان (ایضاً) 4. دیدِ رٔژھ ترٕ اُتھس کبتھہٕ اُے ووٚنڈو (ج۔ز) 5. چھم ماکانہہ زندو (ایضاً) 6. ژٕ گوہم خواب سورگس حالو (ایضاً)

کرِنہٕ ژھوپہ ساتھاہ سو مضطر اُس ڈاین رتبن بابس ہتھہٕ ماتم

ودان گاٗم ژنےٚ پتہٕ ظلم سبٹھاہ وَنےٚ کیاباپہٕ دردلو

زۄ سوران آم رۄ ووم آرام چانے غمو لگے فداو ونی براخداپانس نشہٕ نمو =

اوسس دِوان تسلا اکثر شاہ امام عالم سونہٕ ژھوپہ ہوان رنگہٕ رنگہٕ بابس کران للبو

ہوان نہٕ اصلا ساتھاہ دِمو یوٚ تانی کوٚرنس مرنن اَلمو =

سپنی نحیف گرئو ضعیف مرضن گوس تسلا اِدنا دِتھہٕ شاہؑ اوننو -

دوہپس یا شاہؑ یوٚ گوھہٕ موجد اگرِس یاد بابن سپنُم یقین زِ یو ییمہٕ دادِ بلنو -

اما کینژون ؤصیژن ییمہٕ یوٚ کرِمو تھاٗوی توم تو ہی کنو -

اکھ یتھنہٕ واتم اَلماہ حسنینؑ بیٚیہٕ یتھنہٕ میانہٕ قبرِ پیٹھ بڈ ودِ نو -

گرِی زبکھ عفۆ زانہہ ہے کانہہ تقصیر کرن یتھنہٕ لگہٕ نم دکن تہٕ ڈُلنو -

بیٚیہٕ دِتھ غسل پانےٚ ؤلی زبم کفن گرِی زبم رات کیٖت دفنو -

بیٚیے زن تہزٕ خدمُو منز قصوٗرا کوٚ رمُت آسبم اما چھم سوے ہمدردی

تھاٗوی زبم معاف تا قیامت گیہٕ جداٗ ے ابدی [1] ۰

بیٚیہٕ چھو خبراٗ و مازانہہ ووندو گراتہارو زٕنس مے ÷

ووٚنی تیٚتھےٚ [2] تھاٗوی زبم احسانمندو اٗسی زِ پران قبرِ پیٹھ دوہےٚ فاتحاہ [3] ÷

یِی وِنان کوٚرنس جوش تُندو اہلبیتؑ ساٗری جمع گےٚ [4] ÷

تانی دِیہٕ جان سورسؤلہٕ سُنز دِلبندو وَدن حسنینؑ بیکس گےٚ ÷

کرن جامہٕ چاک لدن خاک سعادتمندو ژھرِ ژٹھ دِوان یئو رِوان غشن پےٚ ÷

[1] گرِی زبم معاف تکیاو ونی گیہٕ جداٗ ے تا قیامت ابدی (س۔م) [2] تو ہی (ایضاً) [3] پُرِی زِ قبرِ پیٹھ پیٹھ پڑتھ دوہہٕ فاتحاہ ے (ایضاً) [4] اہلبیت جمع گے ساٗری (ایضاً)

بیب زینبہؑ تہٕ ام کلثومہؑ اکہِ اندو آسہٕ میٚولدان کڈان موے ÷
وِدِ نک شور ژھ و پور سپُن بلندو آسمانہٕ تہٕ وَدِ نکی صدا گئے ÷
وُچھتھ ضربِ پہلو بیب زینبسؑ پھُٹی بند بندو کرِ جامہٕ چاک جگرس تس چاہ گئے[1] ÷
ووڈہس اَسہٕ نشہِ ژھلیہِ تھاوٕنس کیتھ اوے ووندو واُتتھ یتھ آزار کوٚ رُتھنہٕ آشکار ژے[2] ÷
لاگیس پانہٕ شاہ ہیتھہٕ اسماءؑ غسالو
ودبس اسماءؑ یہٕ آزار کیتھہٕ وندٕ ے کلے ٹلی دوڈم دِلو[3] +

علی

اَسی حسنینؑ بے پروادان دیٚدی یے پیٚے وُچھنہٕ کتی ستم
وونی لگن ڈُلہٕ مرنہٕ چانہِ وُتھی مولو
بُڈی بابہٕ موپاوتہٕ وونی بو چون مہمو خبر چھاوونی وُچھنہٕ کتیاہ چھ ظلمو[4] =
ونان اسماءؑ تانی پیٚیم نظرِ وُچھم یک قلم فاطمہ زہراؑ کڈ آہ دَدِمتہٕ دِلو
کڈی تھہٕ کفنہٕ منزٕ اَتھہٕ نبرٕ ژٕن نالہِ مَتہٕ پِنی یتھو چیرِ سینس ستی محکمو =
تمہِ ساتہٕ وُژا اَکِے باک زن ومردن ہاتفن صدا دِیتو ۔
یا شاہؑ گریٚو کھ حسنینؑ جدا ییتھ فلکن اَکِے ہوٚ لاے وُژملکنو ۔
اِد شاہؑ گری تھہٕ تسلا حسنینؑ گرِن جدا تو یوٚ دس نکھ دیتو ۔
واتناوی تھہٕ مزار دو کھہٕ لدن یانی قبر کھنِنی ہیٚونو ۔
سپنی ظاہر کھنِنی مو قبر ادفنن دپیان یانی زِ تتھ منزٕ والنو ۔
گے پاُدِ اَتھہٕ جورا دیتِ صدا حضرتنؑ سارِنی آووارِ بوزنو ۔
یا شاہؑ دِیٚو ن یہٕ امانت میوٚن یو قبرِ والن چھس پہلوس آزار تہٕ وارِ ساوَنو ۔

۱کرِ جامن چاک جگرس تس چاک گئے (س۔م) ۲وا تتھ تیت آزار گرتھنہٕ آگاہ ژے (ایضاً)
۳یہٕ آزار کیتھہٕ ہلے ژلی دوڈم دِلو (ایضاً) ۴خبر چھاوونی کتیاہ وُچھنہٕ پبن ظلمو (ایضاً)

بۆزی تھہٕ حضرتہٕ سُنٛد صدا اہلبیتؑ تُلٕن واوٚیلا گوکھ تازٕ ماتم دِن فریاد سأنی دیدٕی
ژٕ گیگھہٕ ستی بڑی بابس سور گس اَسہٕ دِل ڈٕدی ۰

اِدوأج قبرِ حضرتنؑ سو آزار مندو اہلبیتؑ وِدنس تُلن ہے ÷

آیہٕ وٹنہٕ قبر گیہٕ پانٕے بندو شاہٕ وودان حسنینؑ اِدگرٕنی ÷

گوم بیداد پیوٚم یاد پھُٹٕم بند بندو سپنٕم سوہان استخوان زن گلی مے ÷

اِد بیچھا وگرِ سُے شاہؑ گری تھہٕ بر بندو اوس وودان دو کھوتران وبسر اوی مے ÷

زوٚ رنہٕ سُہ بیکس ظالمو روزُن زندو واتنأوِہس اِذا پیاپے ÷

تِسنٛدِس شہید کرنس پتہٕ دہ ہے أسی فکر مندو تدبیر کران زاگان رۆزی تھہٕ درپے ÷

دزا یا وتس مارنہٕ ابن ملجم گٔنڈی تھہٕ کمر بندو زہرِ آب شمشیرِ گوڑ دیٚت تمی ÷

اوس کنوٚہمہٕ رمضان سحرس پتہٕ سجدس سُہ دَیہٕ سُنٛد خاص بندو

دووُم آہ وَنہٕ کیا ژھیوٚنٕم جگرمی ÷

ڈٕلی تو ہے گیہٕ کونہٕ سوشُراک کُندو یَمہٕ ستی سر مبارک کوٚرُن زخمی ÷

ۆژھ باک خلقن تہٕ ملکن گوڈُنیاس ڈُلمُلو

ودبس بیب زینبؑ یہٕ زخم کرتلے رِکتھہٕ پأٹھی بٔلی بابہٕ دردلو +

علیؑ

وُچھان احوالِ نوٚر نظرِ آنسرورؑ دأدی کتھاہ نظرِ گٔیم

تِہنٛدی ستم پھِران لکھان اکھ فاضلو

حضرت زہراسؑ پیش آے یِم ستمو سپنٕز اِدتم کربلا ختمو =

لاین یوسہٕ شمشیرِ غلافہٕ سان ستمگر حضرت زہراسؑ بےرحم

وَنہٕ کیا گٔم چاہ اِدوأژ کربلا سوے کرتلو

یٔمہٕ ستی خانۂ نبوت ظالمو دیٚت برباد أکے دمو =

محبّ کونہٕ لدن خاک موکھن، والن چاک جامن مےٚ ستی وڈنس ہےٚ ٹلنو ۔

خدا گواہ بو تہٕ تاوقتِ موردن اَتھ ونس تہٕ وڈنس زانٹھ تھپھ ٹلنو ۔

اڈ ییلہِ مُرتھ مےٚ قبر والن لُحٕ منز میوٗ ری تھہٕ ساوَنو[1] ۔

آسہٕ پھیر دِوان یمہٕ نے ستمن یم امام حسینؑ کربلا پیش پنو ۔

تس بروٗنٹھٕ گنہٕ تہند بن اصحابن تہٕ یارن بدنن تیر تارنو[2] ۔

اڈ تس گوٚ برن تہٕ باین، جانہٕ راین ترٛیشہِ ہتین اَکہِ اَکہِ مارنو ۔

کھور تچھان دیٛت سہٕ جان شاہ اصغرؑ حرملن ییلہِ تس کان لویُنو ۔

پہے وُچھنہٕ شاہ حسینؑ تیتۍ دوکھ پیہم اوس تنہاسہٕ ہاٗدی

وَلہٕ نس ژوپاٗری یکدم ظاٗلم ضدی ٭

سوٚے کرتل غلافہِ منز دژایہ گیہ کونہٕ گندو یمی ظلمن استخوان پھٹرِمے ÷

پیٚیم یاد گرِ گرِیوٚ تانۍ چھس زندو قیامتٕ تانۍ مُری تھہٕ آسہٕ پھران یی ÷

کران صاحبِ کتاب قلمبندو تمہِ شمشیرِ ہنٛد ظلم یی ÷

گوتمی ستی ظاٗلمن شاہؑ سُنٛد فرزندو اکہِ ہتہِ تہٕ ارداہہِ پھرِ زخمی ÷

یمی دروازن گر رسولہٕ سُنٛز جگر آزارمندو اڈ کربلا نیز بٹھیوسےٚ ÷

تۍ نیزس ستی کرِتھ کاکلن بندو[3] سر امام حسینؑ تھوٗ وکھولی ÷

کوٚ ڈُکھ یمہِ رزٕ ستی شاہؑ گرِ گرِتھ بندو تۍ رزِ گنٛڈتھ اہلبیتؑ شام نی[4] ÷

ظاٗلمو نا محرمو رنجہِ ناٗو رسولہٕ سُنٛز دلبند و کربلا ہپن تہٕ معصوٗمن لوٗٹنکھ ترِھے ÷

[1] تھاوَنو (مہدی) [2] تس بروٗنٹھٕ گنہٕ تہند بن الال خوانن مارن بدنن تیر تارنو (ج۔ز)

[3] تتھ نیزس ستی گری تھہٕ کاکلو ستی بندو (مہدی) [4] کوٚ ڈیمہِ رزِ ستی شاہ گری تھہٕ بندو سوٚے رز گری تھہٕ ظاٗلمو شام نی (ایضاً)

گنٛڈٕ ن برس نار فاطمہٕ زہرا سنگدلو

کربلاہٕ خمہٕ گاہ تمہٕ کے شعلے شعاع دِی ونٛدٕ ے کلو[1] +

علی

لکھان ییلہِ شاہ سُند نورعین شاہ حسینؑ امام عالم

ووٚل پزٕتھ طرفہٕ کربلا کوٗنی سنگدلو

اوس ودان پھران پٔنن مہمو دپان سکینہؑ تہٕ اصغرس کیٛت گتہٕ آب بنہٕ مو =

تاکہٕ آس بروٗنٹھ کُن سقائے لشکر حضرت عباسؑ اَتھہِ ہتھہٕ علم

گنٛڈِتھ سلاح شیر دِلو

کرِ عرض بأے صاحبہٕ فدالگمو یو گژھہٕ فراتس معصوٗمن کیٛت آب اَنمو =

یو کوٚرُس پریشان یہنٛدی العطشن چھُم نہٕ تاب یہُند اضطراب وُچھتہٕ ہکنو -

فرموٗ ووٚس امام حسینؑ مظلوٗمن بایاوسکھ کھنان راتس چاہ تتھ قطرا دزٕ اینو-

چھُہم تھوٚ کمُت فراتس گرٕ ھہٕ ہم منٛزظألمن رٕکتھہٕ پأٹھی بے حجاب دِنے آب اَنو-

دِژأس نہٕ روخصت امام حسینؑ حضرت عباسؑ لتس زارِ پار کوٚرنو-

اِدٕ ہتھہٕ اجازت مشک تہٕ علم تُجن پتھ دوشن فراتس کُن پکُن ہیوٚتنو -

اِدٕ وأتتھ پتھ فراتس دریاس دفعتن تھاہ لأیہِ نو -

تاکہٕ سپُن معلوٗم ظألمن سأری ہلہٕ گری تھہٕ لارنو -

اِدٕ کربلوٗک سقا گرِتھ بلنٛد علم سپُن خمہٕ گاہ کُن رأہی

رٹنس وَتھ کوٚر قہر فوجس عمر سعدن بدرأہی ٭

گیرن تس ظألم پزٕتھ انٛد و آبدارس ژور رِوَتہٕ رٹنے ÷

[1] یہِ مصرٕ چھُنہٕ دو نوٚنی نسخن پتھ سیوٚ ددرج (م۔س)

آوزٲ گی تھہٕ زرار بن معارب اَکہِ اندو ڈٕچھن شانہٕ آبدارس کوٚرجدا تمی ÷

برٕنہٕ پرواشاہؑ سُند جگر بندو مشک تہٕ علم کھوٚورِ پھیکہِ ژٹ تمی ÷

ادٕ آو طفیل بن حکیم بدکاربیٚہِ اندو کھوٚووٚرشانہٕ جدا کوٚرُس تمی ÷

ادٕ علمدار دنٛدٕ وٕستی گری تھہٕ مشک بٔندو خمہٕ گاہ کُن پکُن ہیٛواوتمی ÷

محبّ پان مارِنارو زیا زندو بوزِنس تاب انیٛایہِ ظلمے ÷

آوظالماہ گری تھہٕ گرزاہ بلندو سرس آبدارس سُہ لوے تمی ÷

تمی ضربن گرِتۍ ووشاہؑ سُنٛد فرزندو دِیہِ صدا بأے صاحبہٕ وونٛدمے جان ژٕرے ÷

بوٗزی تھہٕ اماموؑ سپُن حالو دِیہِ فریاد کولہٕ پٹھ شانہٕ دردلے ژٕٹی سنگدلو +



ماخوٗذ از سید مہدی رضوی نژھو مملوکہ سید مرتضٰی رضوی نژھ

نسخہ ذاکر جعفر زوار مملوٗکہ شبیر حسین صأب زڈی بل



نوٗٹ : یہِ پٔتم چھیر چھےٚ مرحوم مہد صأب انیس کاظمیس اَتھہِ نوٚسرٕ لبھناٖ وہو بلکہ امہِ علاوٕ چھنس بیٚیہِ تہٕ زٕ چھیرِ اضافہٕ کرِ ہو ، یمن سارِنے چھیرن منٛز چھُ قصہٕ حضرت عباسؑ لبھنہٕ آمُت ۔ امابوٚزمےٚ گریہِ چھیر تمے حسابہٕ نقل یتھہٕ پأٹھی یہِ حکیم جوادن لیچھمٕو چھےٚ تہٕ کاظمی صأبنہٕ ڈٕسی لبھنہٕ آمٕو ماباتی چھیرٕ کرِ بم حسبِ مشن حذف۔

(مقبوٗل ساجد)

# عفو

کرُن درخواستِ عفو چھُ بس حاٛمدس چانہِ دربارٕ غفارو
کرِ یانی املا چاٛنی ثنا یٔ عفو سپنبس محوِ گناہ
چانہِ رحمتہٕ مٔنزلت ہُرلس بخیر یکبارو سپنہٕ بامراد آزاد دلشاد بختوارو =
چانے عفوٕ حضرت خلیلسؑ سپُن نارس گلزارو
تیلی ووت آدمؑ بیٚیہِ درٕ اِرم ہتھہٕ حواؑ ییلہِ چاٛنی عفون دِتیٚس پناہ
روچھتن از شر سپُن ابوالبشرتہٕ نامدارو کرِ دُنیاس آبادتہٕ تعمیرٕ ے بنیاد یکبارو =
یوسفسؑ سہٕ وقت دشوار گوٚو ییلہِ چھس بایوٚ ژھُن ناچار -
دشمن گاٛس حیرٕ کارتہٕ رستگار گوٚو اوٚنس چاٛنی عفون دَلو تراوٚن بکار -
ییلہِ تقصیر وار عباد دِیی دل شکستہٕ فریاد
سہٕ درمنڈٕ کرہن نہٕ بندتہٕ یونسہؑ سُند مغضوٗب قوم سپنتھ عفو تراوِ پژون آئین
یوٗنسہٕؑ سُندُ ے کرن قبوٗل اطاعت تہٕ دٕہن ۰
تتھے کرِتھ عفو کڈتہٕ میٚتہٕ سختیہِ نشے تازیست رٔچھتم ہمیشے چھُم رجاسو یے ÷
وُن چاٛنی ثنا چھُم از مدت پیشے کرہکھ اعدأن ہٕندی طعنہٕ نیشے
ترٕم چھُم ازتہِ درپیے ÷
عفو چون ییٚمے محبس خانے موکلاوِہم یَمہِ کے بہانے کرٕہم کرمو +

علی

نوٹ: ــ یہِ مرثی چھےٚ اُسیری دوران مرحوٗم ذاکرسیدمہدی رضوی ۱۳۵۳ھ منز دپنہٕ آمو۔

عفوٗ چھُ وسالت تہٕ احتشام، رسالت چھِ مخصوٗص حضرتس تمھٕ وٗن نہٕ کانٛہہ ہمسرو
سپُن نازل تہنٛدے شانہٕ **سُبحانَ الذّی اسریٰ** کوٚرُن ماُلکِ دوسرا
کربس دٔخیل قدر وقضاس روزِ جزاس مختارو

میلان عفوٗک ارشاد تہنٛدے توٚسلہٕ بوزان فریاد کردگارو =
تس نبیسؐ خاص حبیبس کرِ انبیان افضل تہٕ افسرو

ہاوبس عرشُک ہر قصرا معراجہِ باوبس پرٛتھ سرا
دِیَس قسمت نارو جنانٕک اختیارو سُے آیہٕ لولُک مرادتہٕ سردارو =
تہنٛدے پنہٕ کفرُک زور بیکار گوٚو گمنام ظلم وجور سپُن یکبار -
تہنٛدے طفیلہٕ عیسیٰؑ ازدار رستگار گوٚو یِیہٕ سُے ناوہہٕ نوحسؑ ناو بکنار -
کرِ تثیت عدل وداد رٔودنہٕ رشک وعناد لَبہِ پستی بُت پرستی وأجب سپُن صلوات وصوم
کرِ روشن اسلام قرآنِ مبین گے منسوٗخ پرٛأنی ساری آئین •
یہِ میأنی خدمت تس کرمشے کوٚپوٗی بَراندیشے عفوٗکہِ حیلہٕ سُے وسیلہٕ چھیے ÷
یوسفنہٕؑ موکھہٕ یِیلہِ یعقوٗبؑ سبٹھاہ پشے اوس دپان خدایا کتہٕ پاُٹھی ڈیشے
نورعینس یوسفسؑ رویے ÷

ہیٚیہِ یأنی نامِ محمدُ تأنی نیرِ زندانے یعقوٗبسؑ تہٕ گوسُے بہانے
روشن یوسفؑ وُچھتہٕ گیس چشمو +

علی

بوجانشین تہٕ ؤزیر حضرتسؐ ؤلین ہُند پادشاہ شاہ حیدرؓ
سُے ماُلکِ کوثرٕتس نہٕ شجاعتس دُنیاس برابر کانٛہہ اکھاہ
بہر کس مہمس آو سُے بکارو
دزاوکس مراد یِیلہٕ آوبدُ نیادَیہٕ سُند خانہٕ زاد رازدارو =

غیرن تہٕ بوا قرار تہنٛدِس رُتبس یتھ صاحب نام رؤ دتس نِشہٕ اسلام شاُ کرو
کرِ ہبس خلاص یکسرؤ چھہے بگیر آمُت مضطر کا ئہہ اکھاہ
رچھان یتمن دل کران غریبن حل مشکل ناچارو
نابۆد گو کفر و شر و فساد ییلہِ بُتخانہٕ برباد کرِ نامدارو =
تہنٛدِ روئے انورک عکس یکبار پیٚو نیّرا عظمس سپُن نۆر بار -
تہنٛدس ناخنِ پالیس روزُن ناگوار گوٚو سُے چھُ ہلال برسمأ ہیوٚ تُن قرار-
بوزان مظلۆمن فریاد کران أسیرن آزاد تہنٛدِ احسانہٕ سپنان شاد سأری مغمۆم
سپنہٕ ہنے حربہٕ وِزِ ذرا خشمگین امان پران أسی سأری مخلۆق سکّان سمأ مقربین۔
مدّاح کر تشریح کرنس پوشے شاہؔ ہِندِ ولّا نشے آسُن چھُ کیا شے ÷
حب شاہؔ مویا آسہِ یس نشے تس وُچھنہٕ جہنمک نار نشے
ترِ صراطہِ صاف تس معاف گناہ گژھنے ÷
پگاہ مدّاحِ شاہؔ محشر کہِ میدانے آسہِ تے عاُصی تمے عنوانے ووتھہِ باحشمو+
علی
دِیہِ کوتاہ دستگاہ تس شہسؔ خاُلق اکبرو وچھم أکس کأشرس جزوس منز لیچھمٕژ خبرا
مؤلف امیک عبدالعزیز حنفی معتبر شأعرو
سپنُس پران شاد گویا از بندِ غم آزاد یکبارو =
لبکھان دوہہٕ اکہٕ نِشہِ حضرتس آو پیکِ الہٰ شہپرؔ
اوس تمہِ ساتہٕ ہتھہٕ سأری اصحاب مسجد منز عالمک راہبرا
یتھہٕ شۆبان ماہ چہار داہ ستارن اندرو
فرماوان چھُ کیا تکلیف عباد ہاوان طریق الرّشاد نبین ہُند افسرو =

دپہ جبرئیلؑ یا حضرتؐ خدأ ے سلام سوٗزنو فرموٗن ہتھہٕ اصحاب تہٕ یار سپنو تیار۔
شہرِ حواقس تشریف نٔین چھوٗ چھُ تتہٕ پادشہا سبتھاہ نامدار۔
زرع پوش تس نو ساس فیل سوار خدمت گار چھو قبضس اندر دریاتہٕ کوہسار۔
تہندِس قلعس بنیاد استوار چھو چھِ تتھ داہ ساس بروٗجہٕ درشمار۔
ارداہ لچھ تہٕ وٕہ ساس زور آزما سپاہ تس چھو چھِ ساری قوی تہٕ یُو قداوار۔
ہیٚیہٕ تس طالع بلند ژور فرزند ہشیار چھوٗ اکھأ کٕ ہٕندِ کھوتہٕ اشجع تہٕ زوراوار۔
تِمن تہِ چھِ بے شمار ہمراہ پیادٕ سوار پانس ہی قداوار

تِمے مستی در بت پرستی چھُ سوٗرے قوم

ہتھہٕ اصحاب گوٗھو تراوٕنأ ویٚوٕ کھٕسہ آئین ہأ ویٚو کھ راہ راست تہٕ پٔزن دین •
بوٗزی تھہٕ حضرتس سپٔن اندیشے چھےٚ جماعتاہ کم مےٚ نشے سو لشکرا بیکران چھے ÷
تانی جبرئیلؑ حضرتہٕ سُند تأمُل ڈیشے کرِ عرض چھو کمیک تشویشے

یہ فتح آیہ تہندے شانہٕ لبھنے ÷

تہنٕز کثرت بکار ییہِ کیا قدرتس نشے چھو معاون خدا تو ہہ کوٗنہہ پوشے

جلد نیرِ تُک گر یوسیے ÷

اِدٕ حضرت تشریف نیہِ ہتھہٕ اصحاب شیر پیشے راہِ دوماہ کڈِتھ وأتی دریاس نشے

اپارِ اوس شہر حواق یوان بوزنے ÷

پتہٕ حضرتسؐ دریاس عبوٗر کرنک اندیشے یپارِ اکھ نگہبان شہر حواقہٕ ڈیشے

فوجاہ یپور ترنس چھُ درپے ÷

لاران گوٗھ یادشہس نشے دپس سبتھاہ مےٚ سپنُم اندیشے یپارِ دریاس لشکراہ چھے ÷
دپس پادشاہ چھےٚ کمہِ موکھہٕ رعشے پہنٕز حقیقت چھِ کیا مےٚ نشے

تِم مسافر سیاح آسہٕ ییے ÷

سوزِ کھناوِ یمے آنے پنٕنہِ شیرِ وضیافتک سامانے   تأریٚو کھ یپور یمے دمو+

# علیؑ

یوٗ زی تھہٕ یہِ حکم وزیر بحرس پنٕنہِ تھپہٕ تھارو

ملاحن تتھے ژھاٹنڈی تھہٕ اناوِ بے شمار ناوٕ سوزناوِ یکدفع

تم دریاس ترن زن طیر دِن تارو   تورکھ ہیتھٕ اصحاب تہٕ رفیق رسول مختارؐ=

اوس قائدِ تس پادشہس دیٚن دعوت مسافرس وارو

سہٕ غریب الوطن دون رتبن روزِ ہے ہرگاہ

اوسن تھوٗ ومت پننہِ شاہی سے وقارو   گوٗ ہم یتھنہِ بدنامی تھوٗ ومت سے چارو=

مےٚ وون قصہٕ باختصار توتہِ طوٗل گوٗو   تکیا مطوّل کلام ذا کرس گژھان پرن بار-

توٗ ے مےٚ بروٗ نہہ گن پنٕنہِ مختصر کرُن پیٚو   کن دا ری تھہٕ یوٗ زِ تورٕوٗ زِ توہُشیار-

حضرتؐ تہٕ سِندِ طرفہٕ شاہ حواقس گوٗو   دعوتِ اسلام کرنہِ اکھ سردار -

یوٗ زی تھہٕ شاہ حواقس سیٹھاہ سخت گوٗو   سو ہیرِ ن سأر لشکر پیاہٕ سوار -

تہٕ کُل فوجس رأوی عاجز شمار ہنس گوٗو   وونٕن ترٛے ہتھ علمہٕ سپاہ قطراتِ بارانِ بہار-

أسی تتھ فوجس منز مشہوٗر دِنیا پہلوان سیٹھاہ   تموٗ گری ہتی کم کم روئیٚن تن موم

اوس یُہ مشہوٗر تمن منز ضأبل ہر آئین   تس بوے منأبل دوشوے ہوی بے دہن •

دزاو ہیتھٕ لچھ سپاہ میدان سہٕ بداندیشے   دِیہِ صدانیر مقابلہٕ کوٗنہہ مےٚ تس سورمشے

کانہہ پہلوان کردرخیال پنٕنہِ مے ÷

اکہِ اکہِ ترٛے مسلمان صحاب وزاے شیر پیشے   کربکھ بانوار شہید بے اندیشے

عربی سأری سراسیمہٕ گے ÷

نیرِ نہٕ اِڈ کانہہ پہلوان سپنکھ اندیشے   یہِ حال بیلہِ حضرتؐ ڈیشے

فرماوبکھ کتہِ علیؑ وصی چھے ÷

آوو لایتک شاہ تہٕ حضرت تو شے دوپہس یا علیؑ وچھ٘ن یہ کوتاہ اندیشے
شہید کرِ تژ ے اصحاب پیاپے ÷
یا علیؑ ژ گوٚ ھ پانہٕ اُمس نشے دِیُس دعوتِ اسلام اَنیُن ہوشے
کفار پست ہمت گوٚ ھٕ نے ÷
اِدِ وزاو حلاّلِ مشکل تس حنابل ڈیشے کرِ لاف وگزاف زِمےٚ کر پوشے
چھُ طفلاہ یہ کیا کرِ مے ÷
سپنتھ ردّ وقدح ضربات شاہ رٹنس زن پشے لویُن بر ہواژاو سارِنی رعشے
سُہ دَپہ سپنہٕ غلام اَنہٕ اسلام کفر تژ ووے مے ÷
شاہٕ ہیٚ رٹتھ در دست اوٚنُن حضرتس نشے پرِ کلمہٕ سپُن غلام ہمیشے
تمی کفارن اِدِ مقابلہٕ کوٚرنے ÷
تتی حملہٕ کرِ اسلامکہِ جوشے تتھے کفار ساٗری ڈٗلی ہوشے
وبسرے پست ہمت گے ÷
پانہٕ شاہٕ ہیٚ اکہِ اکہِ ژٗٹی تھہٕ تژ اٗوی ساسہٕ بُدی نعشے شاہِ حواقس اِدّعا مشے
سوزِ پیغام اَنہٕ اسلام عفو گوٚ ھِ مے ÷
لشکر تہٕ رعیت ہیتھہٕ شاہ حواق پانے اسلام اَنہِ تمے آنے
وونی ژایم نٹھ اُتھی ہیٹھ کوٚرُم ختمو +

علی

پیوم یاد تس شاہ حیدرسؑ ناہنجار یہ فلکِ کج رفتارو
کربس رِکش بٗازی دِلیس اِذ اتھاوِن راٗضی اہلِ دنیا
اوس وُچھان تس واتان آزارو رِکتھہٕ تھوٚوُن سارروٗ دبر قرارو =

کریٛا وُمی شاہی منز شہرِ حواقس زیر تیٖک شہر یارو
یورٕ گئے شاہِ لافتیٰ مقابلہٕ ژوٚیہ تژٕ ہہ لچھ تہٕ گنٹژ ہہ ساس ترٕے ہتھ سپاہ
بریٛان نہٕ مویا غم کریٛان یکقلم قلم ساسہٕ بٔدی کفارو
ملجمنٕ
سُے دَیہ شیرؑ کوٚرأ کی ابن ضربن سیر روزٕ دارو =
ملجم
تس ییٚلہِ مارنہِ بدکار گوٚو گوڑٕ شمشیرِ زہر آب دِیہِ خوٗنخوار -
گنوٗ ہمہِ رمضانہٕ سحرس گٹہٕ کار گوٚو ییٚلہِ سجدس پٹھ شاہؑ سوٗون لرِ نامدار -
دِیہِ صداہا تفی ہند رِمنزٕ لوٗکن کٕنن گوٚو موٗرکھ امیر المومنینؑ وہن گوناّدار -
بوٗزی تھہِ حسنینؑ آسمان پیٚوو دژاے گٔری تھہٕ جامہٕ چاک وُدان زار زار -
وُدان سانہِ بابو دیٚد رٔسی تبن ووٗنی یتیم ناو پیٚوو کمہٕ گرِ یِرنا ودژاو ستمگار -
زینبسؑ تہٕ کلثومسؑ وُدان پتھ شاہ گوٚو
گٔری کھہٕ جامہٕ ژٔٹی تھہٕ بُتھہِ بُتھہِ دِوان روے داغدار -
ٹلن ہُے ہے ہے بابہٕ دوکھ پیٚوو پیٖہِ نادبد سأنی ہتھہٕ رسول مختارؐ -
مورکھ بابہٕ وتہِ پٹھ واو پیٚوو کرن کٕیا حسنینؑ چأنی جگر پار -
دپتہٕ بٔڈی بابس دفن کرِہس دیٚو سڑان دِیہِ ہس واتناوٕ ہس مزار -
نتہٕ پیٖہِ نابُجد بد خدیجہ کبراؑ ژٕکریکھ اَسہِ ستی لبل سوٗرتہِ ہے تھرا
وَدِہس چیٚتھہٕ باشربتِ شہادت کنہٕ چھے صوم
گٔری ہے بیکس حسنینؑ نازنین ہے ہے ہورٕ نے کینہٕ اہل کیٖن ۰
واٗلنجہِ وبہہ پیٚوم لوٚ گُم نیشے سپنُم جگرس ریشہِ ریشے افسوٗس پیٖہِ خبر یاد آیہِ ۱ ے ÷
دوستدار سوٗرلدِ نامے ستی پشے اَسہِ پیٖہِ طوفان قیامتُ تانی کرمشے
مُری تھہٕ گرگرِ یاد پیٚیہِ ے ÷

۱ افسوٗس پیٖہِ کٕیا یاد آمے (اکھ نسخہٕ)

گوبے ہوش شاہؑ تمہِ زہر کہِ جوشے واوٕیلا ووتھ ہر گوشے

حسنینؑ وودان میٚولد نے ÷

وُچھنس ییٚلہِ وسان خوٗن تس پیٹھ ریشے ووتمت ضرب دماغس نشے

جامہٕ آمتی ساٗری برنے ÷

تانٛ شیر الہٰ شاہؑ پھیوٚ رہوشے تُلکھ جائے نمازٕ سے پتھ رٕٹتھ ژور گوشے

تس گرٕ تام واتہٕ ناونے ÷

آیہِ ام سلمہؓ چھو کہٕ لدشہسؑ نشے زینبہٕؑ تہٕ کلثومہٕؑ ہتھہٕ اتھہٕ رَشے

وودان عالمکہِ امامہٕ یہٕ کیا گومے ÷

کوٚتھہ نیہِ پیغام حضرتسؐ نشے دِیہِ ہے شربن تسلی یمن رٕکتھہٕ مشے

نتہٕ یم ماضایہٕ گژھنے ÷

دلاسہٕ دِیہ ہسکھ ہیٚہِ ہسکھ پانس نشے دپہِ ہسکھ مےٚ نہٕ بازانہٕ یم نیشے قیامُو تانٛ بلنے ÷

اتھ نوٗرٕ دارِ سٕے حضرتؐ پانے چھلِہ ہی رتھ گرِ ہی شانے

تاب کرٕ ییہِ ہبس گرِ ہی زخمن مرہمو +

## علی

توتہِ موٚٹھنہٕ چرٕخِ پور ینس تس شاہِ دینسؑ پاوِ منز جتنس رٕوحس لارو

نالہٕ دیاوٕنس ییٚلہِ چاوٕنس شاہ حسنسؑ تنیت سماہ

یمکی اثرن مرٕنس واتنوٚووِہن دب دِوٗ ونا چارو کوٗرن منز جتنس بیقرار رسول مختارو ؐ=

سپنِس جگر مبارکس تمےٕ ستی دستتھ پارو

تمےٚ پارٕ طشتہِ اندر تراوِ شاہؑ سُند نوٗرِ بصر پھٕر سہٕ اسمأ

اِدمنع کرٕنس دفنس منز روضہٕ رسولسؐ مکارو دِنس توٚبُہ دِس زہرٕ کان بے عارو=

اِدِتس شاہؑ سُند بیٚا کھوٗر عین بیکس گوٚو شاہ حسینؑ دیٚد فاطمہؑ جگر پار ۔
تسُند زندٕ روزن ظالمن دشوار گوٚو زونٛٹھ لاگہِ بابس بڑٕی بابس تعزیہ دار ۔
گوھو اُسی پایمال تمن سٕے خیال گوٚو گرہس اِدِ تتھے مدینہٕ لار ۔
دِنس نہٕ روزنہٕ مکس سوال کُری تھٕ تموکوفس نیوٗ چھِ گمراہ چُھنہٕ پیشوا لبکھنس نامہٕ باربار۔
تس مارنہِ کوفہٕ شام جمع گوٚو اکھ لچھ تہٕ ترٕہہ ساس کینٛہہ لبکھان تہٕند شمار ۔
تُلن خانۂ نبوتس بنیاد کوٚر کھہٕ رسولؐ مدین برباد؟

دوٚدم آہ وَنہٕ کیٛاہ وٲلنجہِ زن وہہ پھیوم

اَنیا تاب ہُوٗ زی تھٕ یہ گٹہٕ کار دوستدار اہل دین
لٲدی تھٕ میوٚ بتھہِ بُتھہِ دِوان کرِ ناچھو کہٕ لد جبین ۔
اَنی تھٕ کربلا رٹہٕ نس وَتھ گوڈٕ ہر گوشے کرناوِنس اِڈِ گلی ترٕیشہِ ترٕیشے ÷
ییٚلہِ نوٚن دوہن آب آ کھر ٹنے ÷
معصومن ہُند العطش ییٚلہِ ڈیشے حضرت عباسؑ لوٚگسہٕ نیشے
پییہِ ہبس کنہِ تاب ژھانڈنہِ آب دژاو پانے ÷
رٹن کنارِ فرات تس بداندیشے کرِنس جدا دونوے شانہٕ بدنہٕ نشے
تو تہِ دند وہتی مشک رٕ ٹنے ÷
پٹھے تیر لایہ نس تم بے اندیشے ووٚتس مشکہِ تہٕ سینس ترِتھ پُشتس نشے
زوروارس تتھے زیر کرنے ÷
وَنہٕ کتھہٕ لوٚگم جگرس نیشے لبکھہٕ کتھہٕ، چھم اَتھن رعشے
محبّ کونہٕ بُتھس خاک متھنے ÷

ظاُلماہ زاٗ گی تھہٕ تانی دزاوا کہٕ گوشے   آبدارس دوشاخ تیر لایہٕ نکھہٕ تتھہٕ کشے

نوُرِ چشمن تس پیوست کوٗ رنے ÷

ہوٗ کھُم آہ اعضان سپنُم رعشے   تراوِسے تیر آبدارس زپنہٕ نشے

تۆسیکہٕ پیٹھ ژھرٗ ٹھ دیٚوٗنے ÷

شاہ حسینؑ دوٗرے یہٕ حال ڈیشے   ییہٕ لاران زوروارس نشے

غم خوارِ کتہٕ پیٚو ہم صدا دیٚتنے ÷

ژےلرتژ اُوِتھم میانہٕ باٗے جانے   نیرِ کتھہٕ پاٗٹھی میدانے

ڈوکیٚوس پانہٕ سپنیوم تھٗر خمو +

علی

گوھنیا دُنیاس ملال مصیبتن ہنٛد بیکس   ییلہِ یاد اَنہِ ژوٗرِم امامؑ رہبرو

یُس اٗسی تھہٕ تیت پادشاہِ دین ودنیا منز باٗندی وانس ہتھہٕ ییہٕ کاروانس ہمراہ

اوس اُکہِ گنہِ للوان زنجیرِ تہٕ دوکھہٕ نارو   ییہٕ کنہٕ سوٗ تمت تس بخارو =

تس نہٕ کوٗنہہ اکھاہ نکھہٕ، زنجرو حال پزرژھنس   پیٚومت چھنے میو پیٹھ منز باٗند وانس مضطرو

اٗسس زن لگان نشتر ییلہِ اوسُس یاد یوان اصغر شاہؑ

یس تیر دِتھ مارِبس حرمل بدکار مکارو   کربس بابہٕ کانہٕ ساہنے سیکہٕ تل مزارو =

پننِ بیکسی وُچھتہٕ میتہٕ سِے یاد پیٚو   گوشِیم کتھہٕ ملال ژھتہٕ نانال ہیوٚ تم نار۔

دوہہٕ اکہِ منز باٗندِ وانس شاہ حسینؑ جگر پار بیمار گوٚو   ضعف سپنس تیت کوٗرنس بخار۔

تہٕ ڈیشتہٕ ام کلثومسؑ خیال گوٚو   یتہِ ماموٗ آوارِ گے ناچار ۔

دِیہٕ نادبیب زینبسؑ پینٛنہ دیدی یہ کیا گوٚو   شامُک باٗندی وان ازگری تھہٕ گوگٹہٕ کار۔

موٗدبنہٕ اُچھگاہ عابدین شاہؑ وا ویٚو   وونی ما ظاُلم ییتی کرن مزار ۔

نیہِ کوٗتھہ پیغام بڈٕی بابس تس ستی ییہِ ہے دیو سون پادشاہ حیدر کرارؑ -
نتہٕ باٗیس شاہ حسینسؑ سوزِ ہے دیو وُچھہے سُے یتمس بیمارٕ سُند آزار -
بوزان یم لیل بیب زینبسؑ بنیو حالا آیہِ کران واویلا
ودان ہو بیمارٕ ناچارٕ ژتہِ موٗدٕہم وَتہِ پیٹھ واوپیوم داہ گوم
مےٚ دِپیام ژٕےروزٕ ہم زندٕ ییتہِ موکلوو گرٕ ہومہٕ ہن
یوہمہٕ تتی بابس بیکسس تعزیہ اوسُم یقین ٭
تانی عابد ہن شاہؑ پھیوٗرہوشے بیب زینبہؑ ییلہِ تس شاہ کھسان ڈیشے
شکر اللہ پیوٚ رنے ÷
دوپُن دیٚونہٕ وونی زانٛہہ روزِ بدا ڈیشے بوزِ مے خدایہِ بیمار کینٛہہ دوہ پوشے
باٗیس ناوزٕندٕ روزٕ ہے ÷
کیا کرٕ کتھہٕ پاٗٹھی اکبرؑ سُہ داغ مشے وأج ژٕہان کران ترٕیشہِ ترٕیشے
پھٹہٕ وٕنہٕ دارِ سُہ موٗدُ مے ÷
شاہ حسینؑ باٗے جان ییلہِ سُہ جگر گوشے کربلاگرِ ہوان ڈیشے
تھٕر خم گوس تمے دمے ÷
لاران ییہ تتھےتس نشے چشمن گاش تھوٚ گس پوترٕ نیشے
وأتی تھہٕ نکھہٕ آیس نہٕ بوزنے ÷
دِیہِ صدا اکبرؑ کتھہٕ چھہتہٕ ریشے تنہاترٕ ووٕ تھس وونی کوٚت پوشے
کتہٕ چھہم کتہٕ کھوٚ تھم رویے ÷
کتھہٕ باژٕ ہیٚو نوجوان ژٕلہِ روشہٕ روشے ریشہِ چھنٛس ماٗلس ہتھہِ وقتہٕ روشے
وُچھ ہے کتیاہ زخم دِتی ہیے ÷

تانٛی گوس صدا بابوہ چھسے نشے    یہ ہاوَے نیزن تہٕ تیرن ہنٛدی نیشے
زخمن سبٹھاہ وُنہٕ دگ چھسے ÷

امام تس برۏنٹھہٕ کنہٕ ڈیشے    پوترو پوترو کران ییہٕ تس نشے کوچھہِ کاُرتس ہیٚونے ÷
ودان ہومیانہٕ اکبرؑ جانے    یوتہٕ ہباشہید گوٚھ ہٕ ییمہٕ میدانے
ماُلی پُتر منٛز جنتس آرام ہمو +

علی

چھُنہٕ اَتھ شک مصیبت زدس دُنیاس ہر کس کھوژان    ہر کس پکنس روزان کنارو
کھوژان تہنٛزن ژھاین گوٚھ ہٕ ماسایہ    کران نہٕ تہنٛزٕ دلدہی ہُنٛد سعیاہ
آسکھ تے سُہ سبٹھاہ غم خوار چھکھ گوٚھان تہنٛد ناوہیٚون بارو
تس پزٕ ژھنہٕ دلاسہ دِنہٕ گوٚھان شرمسارو =
تہٕ چھکھ ژ اوان پرٕ دشمن دنیؤک ہوس کران چھہِ توَے از ہر کس انکارو
شؤبہِ ہے پزٕ تھ محبؔ امیر وغریبس شاہ حسینؑ نہٕ ودنک کرنک سعیاہ
مجلسِ عزاس منٛز یتھ چھہِ بہان کنارو زن کران نظارٕ زانان شاُمل سپٕدن عارو =
گوم بیداد شاہؑ سُند ییٚہٕ احوال مے یاد پیٚو مُری تھہٕ کیا اَنہٕ پیش پادشہس یہٕ چرخِ کجرفتار۔
وچھتو بیکسی تہٕ واوپیٚون کیا گوٚو    بنٛیو شاہؑ سُند ہیؤ کس دنیاس ماردار -
تس ییلہِ گوٚبرٕ فوجس کربلا شۏدگوٚو    مورٕ ہس شاہ حسینؑ ہبتھہٕ گبرنو جوان تہٕ شیر خوار۔
تہنٛزِ نوشہِ ہیب شہر بانسؑ امام گرٕ نیرُن پیٚو    رٹناوبس ظلمہٕ لار بیکسہِ کو ہسار۔
تیتہِ تنہا منٛز غارس تس اژن پیٚو اوسُس نہٕ نکھہٕ کانٛہہ سوائے خدا تہٕ غارک دیوار۔
تتی بیکسی منٛز تس ییلہِ یاد پیٚو    شاہزادٕ اکبرؑ جگر پار -
وۏڈن میانہٕ بیکسہٕ پانویتھ میون ہیؤ کس گو کس ماجہِ برۏنٹھہٕ کنہٕ مارنہٕ آوتیت قداوار۔

تیار مہراز نٔو دارِتاز نٔری تھہٕ گۆو برۄنٹھہٕ کنہٕ تریشہٕ ہۆت ووتمت نامدار -
چھم یاد پوان گرگرِ ریٖلہٕ پیۆو تمے آنہٕ سور قبیلہٕ مۆدُم زن یکبار -
تس پتے مورٕ ہم اُچھ گاہ ڈایہٕ ووہرُ ے تریشہٕ ہۆت اصغرؑ شاہ

گوم دماتاراج روۄدُم راج وہہ پیٖوم

اُسی تھہٕ راجرینٛ گیس بیکس مسکین سپنُم سخت آسمان تنگ زمین ۰

میٔانہٕ پانو وونی گتہٕ چھپہٕ دپہٕ کس نشے کمہٕ پوترٕ ماجہٕ وڑایہٕ مۆرڈٕنی تھہٕ گرِ مے پیٚشے

زن نہٕ کاٗنسہٕ ہنٛزٕ اٗسس تہٕ زن نہٕ کانٛہہ اوسے ÷

گتہٕ خواٗبِ اصغرؑ روے وونی ڈیشے وُچھہس کتھ جایہٕ آس زہر کانٛک نیشے

یمہٕ ستی کھور تچھان مۆدمے ÷

تُسُند حال مےٚ رٕکتھہٕ پاٗٹھی مشے معصوٗم کران تریشہٕ تریشے کوچھِ پیٹھ مۆدمے ÷

بوٚ ییٖلہٕ پوترٕ ماجن ڈیشے چھوان شُری دودٕبو ماگرٕ یشے دپہٕ اڑٕ کوٚل میٚتہٕ اوسے ÷

آسہِ ہیٚمے سُے بیٚتہٕ اتھہٕ رشے دبٕوذر امشہٕ ہم اکبرنؑ نیشے یُس پھلوٕ نہٕ دارِ مور ہے ÷

کۆنٛہہ پیغام نیٖہٕ شہسؑ نشے دپہٕ ہبس چانہٕ بیکس نوشے وچھتہٕ کربلا کیا کوٚرہے ÷

مور ہے نور عین شاہ حسینؑ چھتہٕ ریشے ہتھہٕ بُاۓ گبرتہٕ یار کران تریشہٕ تریشے

سر رَسہٕ تہٕ تنہٕ تمن وَتہٕ پیٹھ چھیپے ÷

لٔدی تھہٕ تمن سرنیزن شام گٔری ہے روانے نوشؑ چھے تنہا کڈان غارک زندانے

کورِ چھے قید شام ہتھہٕ عابد بن شاہؑ مظلوٗمو +



منقول از مسودہ بقلم سید مہدی رضوی نژھوذاٗ کراین مرثیہ کتبہ ۱۶ ر رجب ۱۳۵۵ ھ

نسخہٕ ثاٗنی مرقوٗمہ بقلم سید مہدی رضوی نژھو مرحوم رجب ۱۳۷۸ مملوکہ سید مرتضیٰ شاہ

# غرٗور

غاٗفرٕ نفسِ سرکشس کاستم غرٗ ردما یُتھ کرٕ اِملاچاٗنی ثناد٘پن عرفنماٗہرو
سپن غرّہ غیوٗرِ اغمار غمر رٹن غار غاغتے =
ژلہِ غادین مغرٗری گرٛھن غماز غماٗ غبین بنن غاٗبن تہٕ فاٗترو
سپنم غیلانہٕ ہٕندِ کھوتہٕ بلنٛد نام مٔتین کلام چانہٕ مرحمتہٕ رافتے =
سپنہِ لطفہِ چانہٕ پژتھ لفظاہ غرّ اغفارے کرِ یکبار معطّر مشام عاٗطرو -
اَنہِ غشی غشیَن ژلبھ غفلتگ خمارے غدٗ رتیھے ٹلن غرارو -
کاٗسِتھ غلل اَنہِ براہ غلوٗلن غاٗفلن تغیّر دِیہ ازسر
روزِیہِ منظوٗم تاغاشیت غبٗ رگرٛھن مکظوٗم غاٗفرو غلیلن امیک عدیل سپنہٕ[1] حاٗصلو۔
یااللہ چھکھ غرہین غواث ژٕے کران غیدِ غسیسن قہر چوٗیے ÷
رچھان غطر یفس غذافس نٕشہِ رحمت چاٗنی چھیے عام غراثن غذف چاٗنیے ÷
انان بجاغیرت ژلان علّتِ غِلت مشان غاٗیلے کڈان ازغنظ رحم چوٗیے[2] +

علی

(تیٚلہِ ) پھُٹ غرٗ رکسر اس گوس قصرس قصوٗرا ییٚلہِ آولوٗک حاٗصِل آنسرورو٘
رٕوٗدنہٕ جنوٗن افسوٗن گرن نامِ حضرتؔ وردکرن تژاٗوی تھہ پننہِ وَتے =
دژاے ازاڈّعا آے باصلاح ژوٗلُکھ قصوٗرا ییٚلہِ کربھ تعلیم وحداٗنیت خدا شافع محشرو٘
ژمن عفوٗ قصوٗر کرِ غفوٗر رٕوٗ دی کجروی نشہِ دٗ رتھنٛدے ہدایتے =

نوٹ: یہٕ مرثی چھےٚ ذاٗ کرخوجہ اکس ونہٕ آہوا سپنٛبھ نہ (خوجہ اکہ) [2] رحم چون چھیے (ایضاً)

گونمرٕ دس کافوٗر غروٗر ییٚلہِ خلیلسٕ نارے بطفیلِ حضرت سپُن گلزارو ۔

ادِ ییٚلہِ تس حضرتہٕ سنٛز آیہِ انوارے قیل وقال باحروترٕ و یکبارو ۔

گٔے مغموٗم مأکر، موسٛھ افتخار سأحرن[1] سپٕنۍ مفقوٗد غطوٗسِ غطر یس کافر

مأشرٕ وٗ کھلاف وگزاف حضرتہٕ سٕندِ نوٗرِ سپنن مبرٕ و رشأطرو

غلپلن تہٕ پٕنۍ دٔلیل گیہِ بأطلو ۔

تس عألی علیؑ وٗصی خداے تھاویے دینس غوایلن عہدٕ دژاوسُیے ÷

شک کوٗرا اکثر و یہوے خدا چھِیے حأوی مظلوٗمن سپُن سُے حأمیے ÷

باستحکام تہٕندے ستی اسلام ییے صاحبِ اصنام ییٚلہِ اِستہبام گیے ÷

لیس تُہنٛزِ مدأحی ہُندناوَس اِسہام[2] پٔنیے تس کُن مُدام ماوا فردوس چھِیے ÷

یوٗ کوٗت پوشہِ فخر کرِنس شاہؑ سٕندِس رتبس چھِ سأری قأئلے

تہٕندی[2] دوستدار جنٛتکی میراث دار چھِیے +

علی

بخش خألقن شاہؑ سٕند بن دوستن رتباہ کو یتاہ زاہرو

چھُم پران دِلس اَنان سرٕو رچشمن ہُران نوٗر بغایتے =

(چھُ) کران ارشاد امام محمد باقرؑ عالی جناباہ پأنٛژِم حجت طأہرو

فرماوان ییٚلہِ یگاہ لگہِ محشرک میدان روزِ قیامتے =

وۄتھن قبرو منٛزٕ شیعہ سأری یکبارے روخسار زن ماہ چہاردہ آسنک نوٗر بارو۔

یہٕ دوَے تم سأری آسن گناہگارے اماسپنن رستگارو ۔

وۄتھن عریان تمام مخلوٗق اماسأنی دوستدارے آسن سترِ عورات گرِتھ وارو۔

[1] روٗدنہٕ موجوٗد سأحرا (نسخۂ صفدر) [2] استہام (نسخۂ خواجہ اکبہ) [3] شاہؑ سٕندی (ایضاً) [4] سأری (ایضاً)

خائُف وترسان زن برگِ بید لرزان ساری آسن شیعہٕ علیؑ سفید لباس ٹورانی گری تھ در بر
دراما ن کلمہٕ توحید پران باطمینان خائطرو

تاجِ سلطنت لاگی تھہ بر سر پڑتھ اکھاہ زن عاہلو ۰

یہشتہٕ کین ناقن کھسی تہٕ پڑتھ شیعاہ پیہ
آسہِ تمن ناقن طلائے خائُلص یالہِ ہُنہٕ مویے ÷

گردِنہِ یاقوت سرخ آسنکھ بے عیب ہیٚنے ولائے علیؑ تمن تثیت رتباہ دِیے ÷

پڑتھ گناہ صغیر وکبیر تمن بخشنہٕ پیہ شاہ حیدرؑ آبِ کوثر چاوکھ پائیے ÷

منگو توس یاشاہؑ گری زِسون تلا شاہ چھی سائلے
چھ بری تھہٕ مہرِ چانہِ رگ وریش ازلے اخلاص کیش چھیے +

علی

یس شاہ ہٕندی دوستدار روزِ شمار لبن تثیت حشماہ
سپنن رستگار (کیؤنہہ) پیٚکھ محبت بکار سپنو ظاہرو

آیم زن جگرس شرٛاکھ دِمہٕ ناچاک رٗ دُم نہٕ تاب وطاقتے =

وَنہٕ کیا گوم تثیت بیداد ہیوم یادِ ستماہ لس شاہؑ ہٕند بن نۆر عین کیا ہیش اَنن غادرو

لدِناساس گوڈ زہرِ الماس واتاوِنس شاہ حسنسؑ عداوتے =

گو سبز تھ سرتاپاتمے زہرِ نارے سپنُس ہیرِ بون پانس رنگ پان دارو ÷

گاٗس جگرِ مبارکس دُستتھ پارے دب دِوان ازدہان آس یکبارو ÷

رٗ دی نہٕ پتھ توتہٕ تم حسد گارے ، دِلس زہرٕ کان تووٗ دس ستمگارو ÷

دوٚ پکھ میلبس نہٕ بڈی بابنہٕ آستانہٕ قبرٕ وارے نیٚون سأوٕیون مسافر مزارو ÷

لکھان سید عنایت حسین اوٚ بیلہِ شاہؑ سُند بیا کھ نۆرِ عین شاہ حسینؑ کربلا اتھہِ لوٗگ ظالمن

رٹنس وَتھ جفا کاراِ ہتھہٕ ہٲے گبریاریاور سہٕ دپنک تاجدار سپُن مرنس تیار صاٲبرو
ییٚلہِ سرباز دلاورحرؑ جانثار کرِ درجۂ شہادت حاٲصِلوہ
اِد رو خصتس نشہِ چچہِ بابس نوشاہ قاسمؑ شاہ پیہ
کرِ عرض ونڈے جان چچہِ بابہ مےٚ آرزو چھیے ÷
دپس امامؑ چون میدان نیرُن مےٚ نبادِل یٲری دِیے تلکیا ژے راتھے خلعت پورمیے ÷
ہبا چھکھ راتگ مہراز ماٗنز تازے چھیے ژ مار گوشہٕ ہم مےٚ سہم کرپیہ ÷
چھاادب ژےٚ وُنہِ سب ہورِ نَے چھیے بنےیَے نہٕ شربت تریش کوٗنہہ چاوِیے ÷
اِد گری تھہٕ سبٹھاہ منت ہتھہٕ رو خصت سپُن شاہ قاسمؑ حربگاہ ماٗئلے
وُچھتہٕ تُسُند روئے انور ظاٗلم ششدرروٗ زِتھ گیے +



اِد شاہ حسنٗؑ اُچھ گاہ واٗتتھ حربگاہ اوس پرٕژھان (لوٗکن) کتہٕ چھُ بکربن حمران فاٗجرو
اوس سہٕ ملعوٗن مشہوٗر مثر شجاعن تھوٗ وُمت لرزِ اہل حربن ہیبت تس طاقتے =
عاٗجزتس نشہِ شاہ مکی ناٗمی غاٗدر تس نہٕ ہمسر کانہہ اَکھاہ
سہٕ بے پیر قاٗتلِ مسلم شاہؑ ابن زیادس خاص مشیر ماٗ کرو
اوسُن کوٗرمُت خمہٕ برپا برلب دریا کمہِ حشمتے =
ییٚلہِ تُسُند نشانہٕ لبہِ شاہ حسنٗؑ جگرپارے گُرِس تژاوِ تیز تورگن زن برق وارو-
وُچھِ شاہزادِ نیزس اویزان گرہو تلوارے
سُے نیزٕ کوٗرمُت نصب خمہٕ برس، پانہٕ اندر مکارو -
اِد دژاو نبر مدبران زن شداد بدکارے کرِ شاہزادس پیٹھ حملہِ یکبارو -
کربس شہزادِ سر جدا بیدریغ از تیغ اکے وارے گو ظاٗلم تِتھے واٗصلِ نارو-

سپُن اِدٕ امام حسنٔؑ یادگار لاچار کۆرتژیشہِ دأدی سبٹھاہ مضطر
آونشہِ چچہِ بابس برۄنہہ کنہِ تھاوبس سہ سربأے سُندٲچھ گاشرو
(تہٕ) ڈیشتہٕ ہارن دِل شأمی تہٕ کۆنی جاۓ ہلو ۰
شاہِ حسنؑ اُچھن ہُند لال میدان فی الحال دژاوِ پئیہ وَنہٕ کیا کِتیاخونخوارتس یکبار پئیہ ÷
تہندِ دستِ مبارکہٕ بےشمار وٲصلِ نار گیےٚ اِدٕتس ژوپأری تیر اندازتہٕ نیزٕ باز پئیہ ÷
گوس چھوکہٕ لد بدن مو یہِ مو یے زخمو کنیٚ خوٗن دژاس جو یہِ جو یے ÷
ہوٚ کھُم آہ وَنہٕ کیاٙمے زن جگرس شژاکھ پیے عمر بن سعید ازدی زأگی تہٕ پیے ÷
رأوی زِشمشیرِ ستی شہزادس ضرب دِیے گوس سرس شِگافٕ مے صاف دژ ینٹھ پیے ÷
تس پتہٕ شبیہ بن سعد شأمی پیے تسُند ظلم مے اُستخوانن ماردِیے ÷
آسہِ پھِران پوشمیو تانی زندِ گیےٚ مُرتھ قبرِ منزٕ تہٕ گرِ گرٕ مے یاد پئیہ ÷
تِکیاٙمے یمہِ ظلمہٕ وُنہٕ چشمن پئیہ مے ستی رب لٔدی تہٕ وِدٕنس تلکی تو ہیے ÷
لایہِ نیزٕ شاہ قأسمسؑ سہ شأمیے پشتس آس سینہٕ کنیٚ دژاس سیے ÷
ظألم طارق بن شیث پتے پیے شاہ قأسمسؑ سرس کٔنیاہ دِیے ÷
چھمنہٕ یاراوَنہٕ نس زن مے جگرس مکھ دِیے تمہِ ضربہِ مغزِ مبارک تس مجروٗح گیےٚ ÷
مأری زبناپان اِدٕ گرِ پہوان سہ شیر دِلے چچہِ بابس ناداہ دِیے +

علی

اِدٕ امام لاران ووت پیتہٕ اوس قأسمؑ شاہ
ظألمن ہُند حلقہٕ چیران اوش ہاران گیران صأبرو
ڈچھِ آمتی ساسہٕ بُدی ظألم تس شہزادس ڈلی تہٕ یکدم کربکھ درہم وبرہم تمے حالتھے =
اوس ناچارودان زارزار مظلوٗم پادشاہ دپان خدایاژ چھکھ پناوچھ کورمہٕ کیاجأبرو
گری ہم کم کم ستم وُنہٕ چھکھ مامشان عداوتھے =

تانٛی ترٛاۓون نظر میہراز سٕ بدنس ہاران اَشہٕ دارے
ۄچھس گرٛی نعلو کۆرمت پارٕ پارو -

ژُلُن ہیوٚ تُن سینس ستی وارٕ وارے خیمہٕ گاہ کُن ہیٚیہٕ پکُن بزرگوارو -

اوس دِوان بڈٕ ودٕنکٕ صدا سردارے میہراز سٕ ہتھ پکان شرمدارو -

وٕدان ترٛیشہِ ہوٚت گوہم میہراز مارے[1] کور ہے خلعت خۄنہٕ ستی داغدارو۔

یَے صدائے کنٛن اہلبیتنٕ یکسر[2] وژاے گرٛی تہٕ جامہٕ چاک کران خاک برسرو

گاۓمژ دربلا دژ ایہٕ کران واۓ یلا دٕ دِمتہٕ دِلو ٠

رأوی زِ تمن منزٕ اکھ کۄرامٕ دۄرے در ٹیٹھی پیے

میٚولدی تہٕ نواۓرگرٛی تہٕ پریشان مویے ÷

تمے حالہٕ نشہِ شاہ قاسمسٕ پیے بُتھہِ بُتھہِ دِوان کوٚرنہٕ داغداررویے ÷

وٕدان میہراز بایو لگے بلایہٕ یویے وتم باکمی سرس شگاف کوٚرُیٔیے ÷

سیٖہر سرس کمی شراک لاٗ پیے کمی یہٕ خلعت خۄنہٕ یوٚ رنٛیٔیے ÷

کس ہیٚنہٕ میاۓنی ہش بأے دگ پیٚیے ہیکس وَتہِ پیٹھ بأے رٕژھ گیے ÷

دُنیاس میہراز بوے لیس ہیٚنہٕ بڑ ونہہ کنہٕ مارنہٕ پیے تس حیف گرٛبرنی ہیٚیہٕ کرٕنی زٕنٛد گیے ÷

ادٕ اَس تہنٛد خۄن بُتھس متھان کڈان مویے رٹان نالہٕ بأیس دہانس ہوان یویے ÷

دنیاس بأے دود ہیٚنین کۄتاہ سخت چھیے بأے دوکھ ہیٚنہٕ کیٚیت کڈٕ رچھو کھ چھیے ÷

تس امام وٕدان سبتھاہ تسلا دِیے سو نالہٕ ژھٹہِ بأیس موکھس ستی تھاۓ وِتھرویے ÷

ترٛاوان نہٕ اتھہٕ ہاوان تہنٛز ے دژیے دپان چھہٕ بابہٕ ترٛاونس مے کرتاب پیے ÷

تانٛی میہرازٕ پوترو کٕرژ یکاہ گیے ہیٚیہٕ تارٕ وٕدان پیدا تو تےُ گیے ÷

[1] وٕدان ژٕتہٕ گوہمہٕ باترٛیشہِ ہوٚت میہرازٕ مارے (نسخۂ خوجہ اکبہٕ) [2] یکدفع (نسخۂ صفدر)

تِمن منز نقاب پوش ہیپاہ شاہ قاسمسٕ گھڈِ دِیے نالہٕ مَتہٕ رٔڑتھ چھوکن میٹھی دِیے ÷
رأوی زِ گوم خیال آسمان پٮ۪ٹھ تیت ہیوٚتُل وِدُنس ہُیے ÷
سوٚ ہیب شاہ قاسمسٕ رتھ وَتھران چیٚران گیسوٚیے وِدان مہراز کمی سمبھرٕ گونڈ رَتہٕ بوٚرنیے ÷
بُتھہِ بُتھہِ دِوان غش گوس پتھر پٮ۪ٹھ تہٕ ڈٕہِشتھ امامس بڑٕ باک پیے ÷
امام اَشہِ آب چھکبس بحال پیے دِلیس تسلا ہیٚنہِ دیدی ژٔرے وونی وَدٕنے چھیے ÷
میٚتہٕ مارٕنے باٗنڈی کڈٕنے ژٔرے ستی اڈٕ کج میأنی زٔنجرٕ گری تھہٕ اُسیے ÷
ژٔڈتھہٕ میٚون سر منز سر خوانس تھاوِنیے ووڈِ پٮ۪ٹھ سٕے شام تام نیاوِنیے ÷
سوٗ أس زینب کبرا وُچھِ امامس وِدان وٗژھ باٗے جلے
ہیپہٕ تہٕ سو معصوٗم ہیتھ وِدان ژٔمس منز گیے +

## علی

رأوی زِ بوزنہٕ آم قیامت ہُند ہیوٚ پھرا یٚیلہِ تژ اوِلہِ راہیپاہ ژٔمہٕ اندرو
ژھیوٚنم جگرٕ مے وٚنس تاب چھُ کرسہ حسرتے =
تسُند آہِ سوزناک کران کوٗہن چاک نثان سٕہ صحرا یو تمیک شرح کرلسٕ گرا ہیٚنی گویا محشرو
تسُند فریاد کرہم بیداد یٚیلہِ دِیہٕ نادمہراز وادیوٚم وَتہٕ پٮ۪ٹھ چأنی مہرٕ نی ہیتھے =
سپنس پوتر وامیدوارے سپُن ہم ووٚنی خاندارو ۔
وہ یأم وَتھل گری تھہٕ سارٕنی رخصت گرٕواٗرکارے فاطمسٕ لول بٕر شاٗدی کرٕ دوہ تارو ۔
روٗزٕے زندٕ کانہہ دوہ میانہِ برخوردارے اِدٕ یٚیلہِ واتم وقتِ احتضارو ۔
کلہٕ رَٹہٕ ہم وَٹہٕ ہم ہونڈ وارٕ وارے شانڈ پٮ۪ٹھ قرآن پٕرٕ ہم کرٕ ہم توٚ دِس سوارو ۔
نکھ دِہم واتناوِ ہم پانٔے مزارے قبرِ ساوِ ہم لحدہاوِ ہم جگر پارو ۔
مے کرزانیو زِ ژٔرے یٚینہٕ والہِ مارن خوٗن ہارن ستمگر

مارِ نے کری تھہٕ مان مان تھاؤنم ارمان غادِر
برٕنئے پنہٕ نے رَتہٕ ماٗنٛزِ گلی تہٕ سہہٕ ساز دغاباز قاتلو ۰

پوترو وونی کتہِ شیر خدائٕ بڈی بابہٕ چون پیے سہہٕ سرک شگاف وُچھ ہیے ÷
معجز نما دپو ہیٕنہٕ زندٕ کری ہیے پانٛس ستی نجف نیٖہٕ ہیے ÷
نتہٕ کوٗتہہ چانٛس بابس پیغام نیے سہٕ زہر لد پانٛس ستی بڈی بابس انہٕ ہیٖیے ÷
دَپہٕ ہبس بابوٗٹنے چھے میٲنی دزٕ یے شاہ قاسمؑ زندٕ کرتم ہیٖیے ÷
دَپہس بابہٕ راتھےٚ امس ہیٖنہٕ وول کوٗ رمُت چھیے وُچھ ماٗنٛزٕ اتھن امس تازے چھیے ÷
اَسنٛزِ دیدِ ارمان رٕوٗ دمُت چھیے اودٕ ہتھ وَتہٕ پیٹھ حیران گیے ÷
رٕوٗ دپھرُن جہانس ماٗنٛزِ خوانس میوٗ گیے گلہٕ میوٗٹھ ہتھ سالرپزٕ اران چھیے ÷
رٕوٗزٕس مہرنی ویکہِ کھارٕ نیے تس ماوونی زٕنجرٕ کری تھہٕ محکمن کھارٕ نیے ÷
روزِ (ما) پام تس باٗندی شام نیرٕن ہیٖیے ماٗنٛزٕ اتھن وُچھنس ییلہِ شاہ میے ÷
دِن ماپامہٕ، دپن مابد روےیے کوٗر شاہ حسینؑ مہرنی ہیٗے گیے ÷
امس ہیٖنہٕ والی سامانہٕ اوسمُت ماچھیے توٗے گھنہٕ گنہٕ زٕنجرٕ ولی تھہٕ چھیے ÷
کرٕنس ییلہِ اِستادِ یزٕ دس روبرو یے تمہِ ساتہٕ پوٗ ژٕ ژٕھ گھٹِہ کتھ تل رویے ÷
گیٚس پوترٕ ماج وَتہٕ لاج ژھبنہٕ قاتلے مے زندگی وونی وبال گیے +

# دعا چھیر

غفارٕ رچھتن از ہر بلا پزتھ مظلوٗ ماہ کڈتن از غم یک قلم مصنف تہٕ ذاکرو
دِتہٕ محسن بلایو نشہِ امان کرتکھ مشکل آسان پننہِ عظمتے =
چھے شفیع محمد مصطفیٰؐ پیغمبر راہنما کاستہٕ مومنن احتیاج اُتن مذہب اثنا عشری رِواج یکسرو

کرتہٕ تس حبیبہٕ سُند پاس پیہٕ تن مَتہٕ پیش یتھ دنٛیس دُنیاس مصیبتے =
واتناوتک گرن شاہ حسینؑ زوارے اُسی تن نصیب اَسہٕ تہٕ، کرٕ ہوزیارت وارٕ کارو۔
سپنٛی تن شاہ سُند بن دوستن پٔتھ حرام جہنمک نارے
گوٚھی تن مَتہٕ تارٕ، ترٛنس کانٛہہ صراطکہٕ تارو۔
بنٛیہٕ چھے شفیع غریبِ کوفہٕ مسلمؑ شاہ ناچارے یُس کھاٚرتھہٕ بامس پٔٹھ کوٚرظاٚلموسنگسارو۔
کڈتن غمہٕ نشہٕ پٔرتھ محبّ قرضدارے آزاد چنگِ ظلمہٕ نشہٕ ساٚری دوستدارو۔
اوٚنمے ؤسیلہٕ نورعین شاہ حسینؑ سٕے بیمارے یِس کرن بیعارٕ زنجرٕ خاردارو۔
آسن یم محبّ آمتی حق وناحق گرفتارے کرتکھ آزاد ساٚری یکبارو۔
بنٛیہٕ چھے شفیع سٕے نوجوان اکبر شاہؑ اوس یُس شبیہٕ آں سرورؐ
دارِ پھٹہٕ ؤنہٕ بابس برؤنہہ کنہٕ مورقاٚتلو •
دِتہٕ بلا یو نشہٕ جوانن امان ژٕ ے کرتکھ آزارو نشہٕ آزاد صغیر سنے ÷
نتہٕ امام حسینؑ پری شفیع اُنی مِیے کر مومن زن ومردن مشکلن آسان ژٕ ے ÷
توفیقِ پیروئ مذہبِ حق کرتکھ ژٕ ے رچھتکھ از خطا، حُبِ دہن عطا کرتکھ ژٕ ے ÷
کرتہٕ مدفن کربلا اَسہٕ سارِنیے زیارت شہدأ نصیب کرٕ نیے ÷
کاستہٕ سارِنی کورِ مالین محتاجیے خصوص یم شاہ حسینؑ ودٕ ونی چھیے ÷
چھنہٕ عجب کرکھ سبب چھے خدا پیے کڈنی محبن دِلکی مدعا ساٚری ژٕ ے ÷
کرتکھ مَتہٕ حقیر دِتکھ آبرو یے عفوتقصیر کرتکھ ژٕ ے ÷
موکلاوتن آسے کانٛسہٕ اُمت پیش کینہہ تہٕ غاٚلیے ساٚری شہدائے کربلا شفیع چھیے +



منقول از نسخہٕ بقلم حکیم محمد جواد فراہم کردہ حکیم شیر محمد خانیار
۲۔ نسخہ صفدر صوفی مرثیہ بخطِ حکیم محمد جواد مملوکہ حاجی غلام مصطفیٰ صوفی ماگام ماہ رمضان ۱۳۵۴ھ
۳۔ نسخہٕ خواجہ اکہٕ مملوکہ فِدا کرفدا حسین گنڈ خواجہ قاسم

# مخمس

یا مخلص المذنبین کڈتم مدعا چھم بیٚیہِ چاٲنی شمارقم کرٕنی درنظر
یُتھ سپنم دل قوی زانہٕ یہِ جنسِ بے جا دُنیا عبث تہٕ بے بقا
ژلبم بیم زندان تہٕ غمو =
تمے ستی لبہٕ رہاٲیی از قرتینِ سنگین شبٕ دٲجوٚر چھم ادٚعا
چھس تے فریب دنیان کوٚرمُت أسیر تہٕ حقیر یکسر
چھس یمہِ دربارک مفتوٗن بنا مرہوٗن اہلِ دنیا
چھم رجا لطف چون یکقلم سأری الم کاسمو =
ییٚلہِ مصرِ کہِ قاٗدخانہٕ منز یوسفنٮ۪ صدا دیتنے ژے یاغفوٗر -
حبسِ تارٕ تتھے کڈنو وتھنے بخشتھس تخت وتاج بیٚیہِ تثیت سروٗر -
چانہِ مہرٕ کم کم شاہ خدٲوتس روزنے عزیزانان لیس اوس ہیچ فغفوٗر -
تتھے پھوٚل خلیلسٕ نارس گُلو کوٚرتھس بلند شان توشان دژاو
نمرٕ وُدس ہمت سورِ تیموٗری گو کم دِلو
سپُن حق آشکار منسوٗخ غرض باٗطل ظلمک یکبارو •
کوٚ ڈتھن ییتھہٕ آدمٕ از دردوغم بیٚیہِ وانتوٚ وِتھن وِسان در اِرم ÷
کوٗستھ ایوبٕ صاٗبرس تہٕ تیتھ الم تابع نگینس سلیمانسٕ سور عالم ÷
ادٚنمے شفیع پٔنُن حبیب سرورِ عالمؐ یُس کوٚرتھن انبیان افضل تہٕ خاتم ÷

نوٹ:- یہِ مضموٗن چھ جیلس منز ذاٗ کرسید مہدی رضوی نوٚرھس ۱۳۶۲ھ منز ونمہٕ آمُت

از بطنِ ماہی یونسؑ رہا سپُن یٖسٕندِ ناوو ساری مومن اُسیر موکلاووہو+

محمد

وڑاو تیلیٖ کُن فیکوٗنس مدعا گوس قبوٗل دعا یٖیلہِ آو حاصلِ لولاک خیرالبشرؐ

نوٗر رحمت برُ جاہ کاسہِ زنگِ ظلمت نبوتُک درجا برِ عدل وداد ٕستی عالمو =

سپٕنی اہلِ باطل منفعل یکدفع احکم الحاکمین کرِ رہائی عام محبوٗسِ ستم سربسر

رٕتہٕندی مبارک قدم یٖیلہِ رٹن مغضوٗب ومذنبین سپٕنی مغفوٗر لبن درجا

گے ظالم پائیمال خوشحال مظلوٗمو =

وُنہِ اوس آدم دُنیاس ییٖنے سپُن نوٗرِ حضرتؐ بروٗنٹھے ظہوٗر -

محبسِ بطنِ حوٗتہٕ منٛزٕ یٖیلہِ یوٗنسےؑ شفیع اوٗنہٕ سپٕنس معاف قصوٗر -

رٕتہٕندے موکھہٕ کوٗر پاداِ خالقنے منٛز جنتس جواہرن ہٕندی قصوٗر -

معراج یٖیلہِ کوٗر تمی نٕمی ییٖنے براقن فلکو پیٹھی کوٗر عبوٗر -

لَس پیٹھ قرآن سپُن نازل گو کعبس تہٕ مدّعا صلو

اوس بنیوٗ مُت زندان خانہٕ بُت ژوٗلس سہ ناو

بنیوٗ مرجعٔ کُل یٖیلہِ سپُن قبلو لوٗبُن افتخار گو جین بخت بیدارو •

کرِ عدل وداد ٕستی سہ فخرِ آدمؑ رشکِ ارم یہٕ سور عالم ÷

آو بکار ہمن مظلوٗمن سہ شافع امم ؐ گرِن غنی محتاج تہٕ بیکس کم کم ÷

اُسیر ن بے پرن یہٕ بکار دستگیر عالم اَدے وُچھہے کانٛسہِ کینٛہہ واتان ستم ÷

اوٗسس یوان رٕتہٕندس پیٹھ رحم کھوٗان رات دوہ محتاجن ہُندٕ غم ÷

پنہٕ نبن تہٕ غارن سٕے سرورِ عالمؐ کران چارٕ بے چارن ہردم ÷

دُنیاس تمی کوس ظلمُک ناو وُچھہم وٕسیلو مےٚ موکلاو اعجاز یا رسول مختارؐ ہاووہو+

ا۔ وڑاو کُن فیکوٗن تس مدعا (مہدی)

علی

بوٗ ثیت اُسیر نواز شیر اللہ پیٚیہٕ ہیٚس ییٚلہٕ کُنہٕ بأنڈی وانہٕ کِنی گنڈر
وُچھہے حضرتہٕ سُند وزیٖر کانٛہہ دشمن تہٕ آمُت اُسیر یکدفع رہا کرِ ہس امام عالمو=
اوس سارن پھوٚر یتیٖمن، غریبن رچھان دِلا
پانہٕ اُسی تھہٕ فاقہٕ اکثر کران تمن کیٖت معاش میٚسر
بران نہٕ زحمتک پرواسہٕ سیرِ اللہ دِہنگ سرتاج کرِ دُنیاس علاج پزٕتھ المو=
سُے واتان خلقن تہٕ ملکن مرادنے تہنٛدے وِلا موسیٰؑ کھوٚت کوہِ طوٗر۔
ظلماتہٕ اوٚن آب ییٚلہٕ خضرنےؑ رہبر سپُنس تہنٛدُے نوٗر ۔
سأری قأدی مسلمان دَیہٕ شیرنے موکلأوی کُنے درخیبرس کرِتھ سوٗر ۔
بازوک ماز دیٖت شہبازنے کوٚرن خلاص کبوٗترچھ مشہوٗر ۔
لوٚب تہنٛدے ستی قوت اسلامنے ربع مسکوٗنس گو کفر دوٗر ۔
دِلیس کردگارا ختیارِ گلو تمی نوٗحسؑ گردابہٕ بوٚٹھ لأج ناو
آورواج دِہنس شاہ چینس کوٚرُن حل مشکلو
کرِ سیرِ دنیا سلیمانؑ بر بساط ہیتھہٕ سلمانؓ دلدل سوارو ۰
کڈِ ہے از نیام یام تیغِ دُودم پران امان مَلگ نٹان اوس عالم ÷
مارِ ییٚلہٕ مرجبس دَیہٕ سُند ضیغم تتھے شہپرسؑ تہٕ پرن سپُن قلم ÷
کتیاہ اموات فخرِ عیسیٰؑ کرِ زندٕ پیہم عأجزن پیٚٹھ تہٕ کران اوس رحم ÷
سوزِ پیغام حضرتسؐ غدیرِ خم شہپرسؑ ہیتھہٕ یِلی خلّاق عالم ÷
واتہِ نأوِ یوٗن ووٗنی رسالت پٔنی بدرجہ اتم کر خلافتِ علیؑ از وارِ محکم ÷
ملکن رات دوہ اوس وظیفہٕ تہنٛدُے ناوو تیٖت بأزلو پزٕتھ کأنسہِ بکار آووہو+

علی

لکھان ییٚلہِ کرنا وِ مختارسؓ ابن زیاد جأہلا بنٛد زندانِ تأریکس اندر
کرنا وبس زٔنجرِ خاردار سٕہ جفاکار بے حیا یٚیہ کرنا وِ ستمگر بأنٛدی وانگ برمحکمو=
مختارؓ شاہ سنٛد دوستدار تنہأیی منز کرِنہٕ ذولا تتھے دوہہٕ اکہِ بانٛدٕ رأ چھومورک بر
ژونکھ بیٚا کھ أسیر یس دپان أسی کشیر اوس معلّما سُتہٕ اوس شاہٕؑ سنٛدِ محبتک مجرمو=
اِدٕ بانٛدٕ رأ چھ بانٛدٕ ہأج بر ییٚلہِ دِنے تتھ منز مختارؓ بہتھ اوس دٔور -
آونہٕ کشیر س اَنہِ گٹہِ منز بوزنے زٔنجرن ؤلی تھہٕ اوس بے قصوٗر -
گٔری تھہِ سلام دوپنس أمیر مختار نےؓ کشیر مہٕ برغم رٹن خدائے غفوٗر -
اَسہِ نیا چھہِ پام بأنٛدی وان ییٚنے ییٚلہِ پیشواسون کوٗرکھ قید عرشُک دٔور -
بیمارس وٗنتس تس کھارنے کرنس اتھن کھورن زٔنجیر کٔو فی غروٗر -
گرہس نوٗرِتن نشانہٕ تأزیانن ینہِ ہس ییٚنہٕ دیٚدِ ہیب سکینہؑ کن ژٔٹی تھہٕ کنہٕ دٔور-
ترٔوِہس سرژٔٹی تھہِ بابس تہٕ باین وَتہِ پیٹھ تتے چھوٗ کہکھ گلبدنن کوفوٗرِ بدل سوٗر-
گٔرِتھ زٔنجیر تہنٛزن پوفد بدن ظألم لاینے برقہٕ رژھہٕ شام نیٚگھ سوٗرہٕ نوٗر-
ژٔتژ اوغم مہٕ ہار دِلو اَسہِ ییٚہ بکار سُے دربارتہٕ ناو ☆☆

آسہِ سانے فکرے تہنٛد بٔڈی بابہٕ حلِ مشکلو سپنو آزاد وارٕ کارٕ یکبارو•
دپیس کشیر ژٔکوٗ تہٕ چھکھ للہ پنن ناووتم کمی وٗنے تہٕ رکتھہٕ پأٹھی پأرزان گرتھم ÷
دوپنس بوزتہٕ بابوٗ ے گوس مختارؓ یس تہنٛدے ووت یتھ ستم

رات خوأبی سے ژوٗرِم امام تیٚم ÷
چون احوال مویہ مویہ سوٗرے بٔوِنم دپیس کشیر مختارؓ خیر چھسہٕ وارٕ وتم ÷
وٗچھتن کمہِ حالہ سٕہ امام عالمؑ پھیری تھہِ مختارنؓ دوپُس کیاوَنے جگر ژوٹ تھم ÷
امامہؑ سُند احوال کیٚنہہ متہٕ پڑٕ ژھتم وٗچھمس زٔنجرِ خار وحلقۂ مبارکس کوٗرمت ستم ÷

بیمارس تمی زٕنجرٕ بارن کوٚرمت دم　　دوٚکھہٕ نارٕ ہیوٚ تمت اوس سُے غم ÷
آسس یِوان گرزایہِ ڈسۍ ڈسۍ پوان پیہم　　تس بابہٕ صاحبنۍ مرگن کوٚرمت خم ÷
وُچھم ڈٕکھی ڈٕکھی یِکان ٹھہران نہٕ قدم　　وُچھن بابس ستی مران بأے کم کم ÷
پیٚوس جیلہٕ منزٕ بیب سکینہؑ ماتم　　پائے مبارکن وُچھمس ورم ÷
مےٚ نہٕ باجیل سخت کینہہ دزٕ بینٹھ آیاوو　　اما دیتُم آغہٕ دأدی تیٚت ماریو کیا باو وہو+

## علی

کشیٖرٕ روز خوش مہٕ ہار دِلا　　نیر کھاز یگاہ بیٚنہِ نبر
منگہٕ نأوی ابن زیادَن یی ارشاد خوامخواہ　　کرِتھ منت باعزت ترٕ أوی ظأ لمو=
امامےٚ چھم حاجتھاہ کرِ کھٕے تکلیف بیٚنی صلاح　　دِپی تمیٚک اجر خأ لق داور
سیٚنی بأعثِ نجات پانہٕ حضرتؑ یگاہ　　گُنہِ پأ ٹھی کاغذ قلم تہٕ میل سوز تمو =
سوزٕے لیکھی تہٕ کاغذ اوات ناوٕ ہنے　　مکس بیٚنہٕ میانہٕ گُنہِ پأ ٹھی ضروٗر -
دوٚلیس توٗرٕ جواب اُسیر کشیٖرٕ نے　　یو کرِ یہٕ چأنی خدمت سأرٕے پوٗر -
چھم قسم شاہؑ سُند یتھ روز نے　　مارٕ تے گوٚھہٕ تہٕ چھم منظوٗر -
اِدٕ ترٕ أو باکاہ کشیٖرٕ اُسیر نے　　بتھس لوٚدُن بأ نڈی وانک سوٗر -
دوٚہنس مختارٕ پیش کیا آو کربلا شاہؑ سُند بن اولاد نے
وَنے کیا کوٚفیوٚ کتھہٕ پأ ٹھی تمن کینہٕ ہوٗر -
رٹنوو کھوٚن دوٚہن آب سعدن بیعار نے　　ترٕیشہِ ترٕیشہِ کران اُسۍ اڑ کھوٗری -
عوشرٕ کہِ دوہہ امامس گوڈ یار نے　　اکہِ اکہِ مارن شأمی تہٕ کونی غروٗر -
اِدٕ نو جوانن گوٚ برن تہٕ باینے　　ترٕ اوٕنس مأری مأری تمہ مغروٗر -
اِدٕ پانہٕ منگنہِ ترٕیش دزٕ اوظأ لمنے　　کو چھِ ہتھ اصغرؑ اُچھن ہُنٛد نوٗر -

ژریشہِ کنہٕ حلقس زہر کان تس لاینے دِیہ جان کھور تچھان سُے اڑ کھوٚر۔
سۄدُن کانہٕ سان سیکہِ تل سُہ نوگلو اوسُ ڈچھن تہٕ کھۄدُرو چھان فلکس کران گژاو
دیان خدایا ماٗری ہم ساٗری غم خوار تہٕ دردلو موڑ ہم ژریشہِ کنہٕ دِتھ کان یہ شپر خوارو۔
دِیہ نا داعباسہؑ بایوڑے تہٕ تم چھکنا وچھان یہ اڑ کوٚل اصغرؑ موڑ ہم ÷
اکبرؑ تہٕ قاسمؑ دونوے سیکہِ تل ساٗوِہم عابد ہن شہسؑ چھم درد ک الم ÷
مےٚ پتہٕ زینبؑ تہٕ کلثومہؑ بیکس گوٚہنم دپتہٕ یم نےٚ کوٚنہہ شام تہٕ ستی پکہم ÷
نتہٕ دپتہٕ بایو کوٚنہہ تُلہم چاٗنی علم چانہِ مرنہٕ بیکس گوس گوم تھٕر خم ÷
وِڈرہون یہ اصغرؑ گراسیوٚ د وَتھتم یو وٚلس کفن ژاٗمس رکوٗہ قبر کھنتم ÷
دِمہٕ ہس سژان آب کتہٕ پیدا گوٚہسم چھےٚ خبر ژریشہِ مو کھےٚ اصغرؑ موڑ ہم ÷
کڈٕہس کان اٗمس ذیاٗدی کربم ساون تمےٚ سان یتھ بڈٕی بابہٕ وُچھم ÷
دپس بڈٕی بابہٕ امتو وُچھتہٕ کیا کوٚرہم کوچھِ پیٹھ کھور تچھان یہ دۄدی روس موڑ ہم ÷
اِدِ سپُن امام لاچار تہٕ پانے مرنہِ دژاوو
کوٚرکھہِ تیرن نشانہٕ شاہؑ سُند جگر پار رکتھہٕ پاٗٹھی باووہو+

علی

وۄٚل ہر طرفہٕ ظاٗلموٚ کُنے شیر دِلا کینہہ کران تیر باران کینہہ ہتھہٕ خنجر
لکبھان کنۄٚ وشتھ پشواہ زخمہ دِنس گلبدنس بے حیا تمۄے وبسر و گُرتز دو پتھر امام عالمو=
تاٗنی آورو سیاہ شمر اتھہِ ہتھہٕ کرتلا کھوٚت موزٕ سان بوسہ گاہِ حضرتس پیٹھ سُہ کافر
گٔرِن گٹہٕ عالمس ژٕٹہِ سر امامس از قفا ہیوٚت خلقو تہٕ ملکو فلکو پیٹھہٕ ماتمو=
اِد حکمہٕ سعد نہٕ سارِنی شہید نے کرن سر جدا بد کار ظاٗلم غیوٚر۔
دِن نار خمن لوٚٹن ہپن تہٕ معصوٗمنے نِیہ ہکھ برقہٕ کنو تلہٕ کڈٕی تھہٕ کنہٕ دوٚر۔

أسیرن زٔنجیر کرن وۄنٹن کھارنے تژ اون بدن نبدرن سرن کرن نیز طوٗر۔
تمے حالہٕ نِشہِ یزیدس تمن شام نِنے گنڈراون تس روسیھس گٔری تھہٕ مجبوٗر۔
اِدکوٚ رحکم یزیدن بدکارنے تھاٗ ویٚ کھڈاٗ دگریوٚ کھ حفاظت پوٗر ۔
یُتھنہٕ بڈٕ آہ کڈن باک تالنے یُہنٛد شہیدن وَدُن مےٚ چھُنہٕ منظوٗر ۔
تِتھے گنڈٕ ی تھہٕ مژھہٕ رہزن تمن بأندی وان نِنے وٗسٕوسی پہوان أسی اِڈ کھوٗری۔
تمن باژری مزٕری بأندی وان واتناونے
برقہٕ رژھہٕ پپہٕ آسہٕ منٛد چھان موکھن ٹلی تھہٕ سوٗر۔
اِدمزٕ بأندی وان تمن تھاونے چھنےٚ میوٚ پٹھ اَنہٕ گٹہِ دوٗر دوٗر ۔
آسہٕ نہٕ کران راتس ساتس ذولو دِیہٕ ہیکھنہٕ پھیرنہٕ لَرٕ زٕنجرن ہُنٛد بارتہٕ دوکھہٕ تاو
دِوان نہٕ کھارنہٕ شاہ باٹٛد رأچھ سنگدلو اِدژھٹہٕ ہن تمن ژوٗ رژوٗرے دلک بخارو۔
ودِہے بیب سکینہؑ میانہِ بابو کتہٕ ژھایہٕ روٗدہم بیکسہِ وتہِ پٹھ جدأے گٔرتھم ÷
یتم خوأبِ ہاوَےمےٚ کوٗتاہ لوٗیہٕ ہم چھم خوٗن وسان کنِن گنہٕ دوٗرنیہٕ ہم ÷
چھے خبر سینس پٹھ گٔرموٚ بأل أستم ازچھم ژھینیٕ مٕتی جامہٕ تنہِ میوٚ سنان چھم ÷
بلاے یتھ دُنیاس پانسے نِشہِ نتم گوڈٕ چھی التماس ییٚتی بُتھاہ ہاوتم ÷
دوہہٕ اکہِ باٹٛدرأچھس یم فریادیوٚ زی تھہٕ آورحم ژھیوٚنس جگروأنجہِ زن پیوٚس سم ÷
اوس ہلال نأوی غلام اہ یزیدس مشھوٗر عالم رات دوہ ودان آغہٕ دادِ ہتھہٕ ماتم ÷
ییلہِ کوٚرکھ شہید آغہٕ تس امام عالمؑ اوس ودان زار زار اوسُس سےٚ غم ÷
ونس زندان بان یانی بیب سکینہؑ ستم آولاران مزٕ بأندی وان گوس تھٕر خم ÷
وُچھن تھوٚ کمت شاہ نیلے مٕتی نم تہِ وچھتہٕ تژ اوِ دستار گوس درہم وبرہم ÷
ہتھہٕ کوچھہِ آٹھی میٹھی دِیس، دپس ژھوپہٕ ہتم ونٛدے جان مےٚ چھا خبر ژٕنے چھے یتھ ستم ÷

اَنہٕ نَے بابہٕ یۄٚری ژٕمہٕ برغم  لگے بلایہٕ وتم ہومہٕ بیہٕ چھےٚ کم ÷
یمن تہٕ ماٗری ٲتی چھکھ کم کم  واتبکھ آغہٕ میون کیا امام عالمؑ ÷
یمہٕ تہٕ ماتھنزٕ ے قریب آسنم  یمن نشہٕ آغہٕ سنزٕ یوے یوان چھم ÷
یۄٚزی تھہٕ حضرت زینبسؑ شاہ حسینؑ ناوو  بٔنیوس گٹہٕ کارتس غش آووہو +

علی

گوہلالس سُہ حال وچھتہٕ ملالا  ژھیوٗنس جگر گوس زیروزبر

اوس پشان چھس کیا وچھان یہٕ حسرتاہ خانۂ نبوت کۄر برباد گری تھہٕ بیداد ظالمو=
تانی ام کلثومؑ وُچھتہٕ بیب زینبؑ حال ٹُل واویلا یۄٚزیلہٕ ام کلثومؑ صدائے بیمار مضطر
مُوراوِضعفہٕ منزٕ اُچھ کڈِ دَدِمتہٕ دِلہٕ بڈٕ آہ  بیہٕ نگھہٕ پوفدیذ وتھان پوان مظلۄمو =
تس اوس پشتِ مبارکس یہتھ روزنے  آزارواتان گوھان مجبۄر -
واُتی تھہٕ شاند پیٹھ بیب زینبسؑ دپیا وامامنے  تھرِدِمہٕ ہاتتہٕ اوس دیواردۄر-
ییلہٕ وُچھ یہٕ حال ام کلثومنؑ  بیکس پیہٕ لاران موکھس مُلی تھہٕ سۄر -
رٕٹی تھہٕ سینس ٲتی سرتس تھرٕئے ٹنے  رسہٕ رسہٕ شانن تھِھ کُری تھہٕ رومُن ہیۄر-
یہتھ شاند پیٹھ بیب زینبسؑ بیمارنے  کۄرنس ہواتہٕ تس شاہ پھیۄر -
اِدوٚپ ہلالس ضعفہٕ منزٕ بیب زینبنےؑ  ہبایہٕ کیاوٚ تھ کۄرتھ استخوانن سۄر-
میون بأے جان شاہ حسینؑ کتہٕ زانہٕ ہنے  یو ینہٕ والس یہٕ اڈ جگ چھس ٹاٹھ کۄر-
سُہ ہبا کربلا مارِنو وابن زیادنے  حکمہٕ یزِدنہٕ تمی کینہٕ ہۄر -
رٹنو وآب نۄن دوہن گوڈٕ ابن سعدنے  بیعارن فراتک کنارژوپأری گیۄر-
گے برٕ آبہٕ پُیوی اِڈٕ پھلی نوگلو  گونہٕ ظالمن اثرادِن نہٕ قطرا تمن نِوِعارآو
اُسی آب ہاوان گُربن چاوان سنگدلو
تہٕ ڈیشتہٕ گو وبیتاب ژھانڈنہٕ آب دژاوقداوارو •

ژٕھنٛی تھٕ ناٗلی مشکاہ اَتھہِ ہیٚتھٕ علم آوتوٚتےٗ اوٗسس بیٚیتہٕ امام عالم ÷
کرِ عرض باٗیصاحبہٕ منت سیٚٹھاہ مےٚ چھم گوٚھہٕ فرات اَنہٕ آب روخصت دِتم ÷
تِکیا تریشہِ داٗدی اصغرِ ثٔ واٗلنج ژٕٹنم سکینہؑ ییٚو چھم پھیران سم ÷
گٔرِتھ منت ہیٚیہِ روخصت دژا ویک قلم ژٕھنہِ تھاہ فراتس برِنہٕ کیٚنہہ غم ÷
برٕ مشک تہٕ دژا وتلہِ یانی قدم رٹناوِتس ابن سعد ظاٗلم اظلم ÷
لایہِ نس نیزٕ تہٕ خنجر ہیٚیہِ تیر پیٚہم دونوے شانہٕ باٗیجانس پہلوانس گٔری ہم قلم ÷
گرِتژ ووِہم تہٕ شہید کوٚر رٕہم ........................................ ÷
اِدِ یانی ہیٚتھہٕ اَچھگاہ اکبرؑ تہٕ قاسمؑ لرِلرِتژ اَوِہم اکھ مانٛزٕنمہٕ وٕے بیا کھ نوجوان مورٕہم ÷
تژ اوِکھ شاہ حسینسؑ ماٗری تھٕ یار انصار کم کم کوٚچھِ پیٚٹھ کھور تچھان تس اَڈٕ کوٚل مورٕ ہم ÷
اِدِ مورٕ ہم بوے شاہ حسینؑ تہٕ خمن نارد ہتہم نیوٗ کھ سورے سامانہٕ اَڈٕ کلی تہٕ لوٗٹی ہم ÷
گٔرِتھ سر جدا شہیدن نیزن لدِکھ پیٚہم کرن اَسہِ تہٕ بیمار اَسیر حکم کرِ سعد دوییم ملجم ÷
ہبا یمس اَڈٕ کجہِ سُے پادشاہ بابہٕ یاد آوو دِیِی اجر کردگار اَسہِ تُہنٛد دیدار ہاووہو+

علے

ہلالہٕ وَنےٚ کوٚیتاہ پنن احوالا اَسہِ ہباٗ مٔری تھٕ تیٚت بڈی بابہٕ پیغمبرؐ
آونہٕ رحم ظاٗلمن مویاہ دِن سیٚٹھاہ اِذا بے حیا وَنےٚ کیا کوٚر کھ دیٚدِ سانہِ کوٚیتاہ ظلمو =
گوٚنڈ کھ برس نار یوٚر کھنہٕ رسولہٕ سُنٛد خیالا دِنس برکہِ چیٚر پہلوس ضربت ستمگر
تےٚ ضربہٕ شہید کرِنس شہزادِ محسنسؑ روسیاہ اِدِ بابس رز حلقس گٔرہمو =
اِدِ تس ودِنس بابس منع کرنے دوٚپہس دوکھ ہیوٚن یہِ چھنہٕ سون دستوٗر -
گُل ژٕڈی تھٕ تژ اون تس ہیم ہاونے دوٚپکھ یہِ چھُ بدعت اَسہِ کیٚت قصوٗر -
کوٚر ہس نہٕ کیٚنہہ پاس تس میراث نِنے بابُن قبالہ کوٚر ہس نامنظوٗر -

موکلاو دُنیاُ کہِ قاُدخانہٕ تمی ضربنے اردا ہٕوُرِش اُس گرٕن نہٕ عمرٕپوٚر -
تس پتہٕ وُچھ ظلم بُڈی بُڈی ساُنی بابنے گرِ بر دِتھ روزُن کریان منظوٚر -
کوٚرکھ عاُجزتہٕ کوفس تس واتناونے تِہنٛدِ مارٕنک مشورٕ حاُسدوَ تِتھے شیوٚر -
قبلۂ عالمس ظاُلم تِتھے زاگنے دپان اُسی مارون، کتھہٕ پاُٹھی ووتھِ ماقتوٚر -
گرِکھ تیارادِ زہرٕ دار کرتلو یوڈراُوِکھ سرس وَتہِ پیٹھ پوٚوُکھ واو
دژاو ابن ملجم قاُتلو کنۆ ہمہِ رمضانہٕ سحرس مارنہِ بابس آو خونخوارو۔
رۆد مسجدِ ہُندرئٹی تھہٕ تھم یانی بابن سجدس سرو ولہٕ نم ÷
لاییس نۆرٕ سرس شژاکھ سُے بےرحم پۆوُن خلقن تہٕ ملکن ماتم ÷
دیۆوُن ژھژٕ ٹھ سجدس پیٹھ امام عالم محرابس تہِ تنے گوٚو تھرخم ÷
دِتی صدا ہاتفن بوزِ عالم مورکھ شاہِ دٖین گودٖین برہم ÷
اِد حسنینؑ تِتھے بارٕنی باہم دژاے گری تھہٕ جامہٕ چاک یکقلم ÷
وَدن سانہِ بابو، کتھہٕ پھوٚریہِ ابن ملجم مورنکھہٕ روزٕ دار آس نارحم ÷
واُ تِتھ مسجدِ منز ودن یکقلم وُچھکھ سردار پیۆمُت قبلۂ عالم ÷
نیران خوٚن تتھ زخمس پیہم بُتھی کنی پیۆمُت گوکھ تیرٕ عالم ÷
لدن خاک تالن باک پیۆکھ ماتم دپن گے بابہٕ رٔژھی زٕدوکھ پہے پیہم ÷
ہو بابہٕ کس وَنو اَسہِ پیوٕ واوو ژےٚ مارنہٕ ملجمس کیا مراد دژاوو ہو +




منقول از مسودہ بقلم خود ذاُکر سید مہدی رضوی نژھو مرحوم مملوکہ سید مرتضٰی شاہ نژھو
بتاریخ ۳ رجمید الاول ۱۳۷۸ھ بیوم جمعۃ المبارک

# نۆر

یا منوّر النّور ربٕ تھ عالم چانہٕ نۆ رِ رحمتہٕ بیاضِ صبح ، ضیاء النّہار دٕلیل آشکارا
لطف چون سپنان روشن پھولان نۆ ریام تأ ریکیٔ شب ژلان تا مے =
سپنان طالع خورشیدؔ[1] کمہِ شوکتہٕ تمیک شعاع وُچھنس نہٕ ٹھہران ذرا نظارا
یا نۆ ر چانہِ نۆ رٕ سۆ ر سپُن کمن کمن طوٗرٕ پیٹھہٕ نۆر دژاویا مے =
یا اللہ دیُتھ جنابِ مؤ سا ئن یدؔ بیضاء تمہِ کہِ نۆ رٕ دۆ رِ نۆ رِ آفتاب روزأنی ۔
ہاوِ ہیٚے شبِ تارٕ شبن جہتن پیٚہِ ہے گاہ سُہ رات دوہ سپنان درخشأنی ۔
یا اللہ بخشہِ ہکھ نے نۆ رِ بصر ہر ذی حیاتس پیٚہ ہہنہٕ بوزنہٕ مردُمن سواد لیل نۆ ر النّہارو
حمد وَنہٕ نس مے کرٕ ٹھہرِ دم سُجدٕ پیٹھہٕ ہیوٚر وِوتھہٕ ہانہٕ بو ٠
یا اللہ نۆ رِ معرفتہٕ برتہٕ میون دِلا سینہٕ سپنم سرشارو ÷
ژلیم زنگِ ظلمت لَبہٕ صیقلا حمدٕ کرٕ بوٚ ے دُرہارو ÷
یا اللہ ہر شیٔ اہ گو یا چانے ذکرے +

علی

وونی ونہٕ نعت محمدؐ حمدٕ پتہٕ سُہ نۆ رُ علیٰؑ نۆ ر صاحبِ اختیارا
تہنٛد ے زبنہٕ دوکیٛو تھہ ضیاء لوٚب نۆ رن ییٛلہِ کرِ جأری اسلام صاحب نامے[2] =
سُہ سۆ رہٕ نۆ را بتدا پأدِ گوٚ وتہٕ آ وپتہٕ سپُن نۆ ر ظہو رٕ نبی ین ہُند دستگیرا
سپنی بأطل سأری دین لوٚب چلا دینِ مبین سپُن روشن دین اُنٛج کفرس وامے =

نوٹ : یہِ مرثی چھےٚ ذأ کرا صغر صوفس وَننہٕ آمو۔ انیران خورشید کمہِ شوکتہٕ ( مشتاق )
[2] چھُ دردن دوا تہنٛد ے نامے ( ایضاً )

(بۆزی تو) کرِ محمد مصطفیٰؐ کفرستانس دفع کو یتاہ جفا کۆر نۆر رحمانی ۔
نۆرِ تنہٕ کنہِ لایہِ ہس ژھونڈن سون نفع تُجن محنت سٕت کفاہ اوس کھوٲنی ۔
بۆزُم زِدوہہٕ اکہِ جنابؐ دٕیہ شہپرؑ یا اخی وحی چھِوانان گتہٕ، چھُ تتہٕ کیا کرتہٕ اظہارو
یہِ بۆزی تھہٕ شہپرؑ جنابس رٕتہِ نۆرِ قدم چھُم حکم تھٕند، سرسرِ کرِ بو[1]۔
رو خصت ہتھہٕ دژاو پیکِ الہٰ خبر ہتھہٕ آو دٕیہِ دربارو ÷
عرض کرِ جنابسؐ امین اللہ سرسرِ گری تھہٕ آس نۆر بارو ÷
وُچھُم قودرٕژ نۆرِ چہاہ یارسول اللہؐ تتہ منز معلّق شاہؑ سٕنز صوٗرت ہتھ قرارو ÷
چھِ بے شمار شاہؑ سٕندی اعجاز کٲتیاہ ذٲ کرِ گنزرے +

علی

دِمہٕ کیا نسبت نۆرن شاہؑ سٕندِ نۆرِ کھوتہٕ تھٕندس نۆرس ہیٚو چھا نۆرا
دٕپہ ہا چھُ عرش سنگ آستانے[2] تل تھٕند ہن نۆرِ پادن
تس دوٚپ عاٲرِفو صراط مستقیم =

سپُن ابراہیمسؑ نارِ گلنار تھٕندے نۆرِ پرتو
مۆساسؑ تہٕ تھٕنزے زِبوٚ گلہِ منز اوس گوٚہان گفتارا[4]

تھٕندے ناو منز طوٗفانہٕ لوٚب نجات نوٗحؑ یونسسؑ تہٕ ظلماتہٕ گاش ہاوِ سٕے علاے =
سُہ بو سرِ خدا تھٕندے مدح خوان خدا سٕے قدرتک مدّعا کوٗر حق سبحانی[5] ۔
سٕے بو مدعائے کُل وُنہٕ گنہِ اوس نہٕ عقلِ کُل بارنبوت تُل تمی نۆریزدانی ۔
افسوٗس کتھہٕ ٹھہریاو ملجم تیت امام مارِنس کنوٚ ہمہِ رمضانہٕ منز نمازِ روزٕ دارو
سُہ ضرب کھٕیِہِ موسیٰؑ، عیسیٰؑ تہٕ نوٗحؑ، آدمؑ نۆرِ کرسیہِ پیٹھہٕ ضعف کرِ جنابوٗ۔

[1] یہِ سرتو ہہٕ نشہِ سر کرِ بو (رضا) [2] دٕپہ ہا چھُ نۆرِ آفتاب سُہ تھٕند سنگ آستان (ایضاً) [4] ہو طوٗرس گاہ تھٕندے نۆرِ پرتو تھٕنزے زِبوٚ مۆساسؑ گلہِ منز اوس گوہان گفتارا (ایضاً) [5] کوٗر نۆرِ رحمانی (نسخہٕ)

نوٗرِ چشمو اوش ہارِ آدم صفی اللہؑ ہے ہے سیاہ ماٗری کوٗر شاہؑ مارو ÷
تژ اوِ باک، چاک دِیہ نوحؑ نجی اللہ خلیل اللہؑ تژ اوِ نوٗرِ دستارو[1] ÷
نوٗرِ موکھس سوٗر لدِ موسیٰ کلیم اللہؑ روح اللہؑ جامن کرِ پاہِ پارو ÷
تس نوٗرِ قدرتس کیا کیا گذرے[2] +

## علی

کھیٚیہٕ سوے نوٗرتن خوٗنہٕ شفقس[3] منز غوطہٕ لرِ پھیرِ نس روٗدنہٕ تس رفتارا[4]
اُجس زوٗن نوٗرِ چشمن گوس گوٗٹ جہان نوٗر عین حسنینؑ
ییٚلہٕ ژٕٹھس نوٗرِ پیشاٗنی تیٚلی صمس[5] سپُن شامے =
ژہنٛدِس شاہ حسینؑ تیت بابہٕ شاہؑ، بوے شاہ حسن ٲرِ تھہٕ
کوٗ فیوتہٕ شاٗمی یو دیٚتھس کیٚوٗ ژھہ آزارا
افسوٗس مکہٕ کس وطندارس مٕدینہٕ کڈن
ژوٚتھس (بڈی بابُن) اَتھہٕ واس لبھنہٕ آس باہ ساس نامے =
لیوٚ کھس چھکھ ژٕ ارکانِ دہن برزمین دَیہٕ سُنٛد امین گری تومہرباٗنی۔
اِد دژ اوشمعِ دہن گوٚٹ گوٚ وٕمدہن آل یاسینؑ اوس اِنا اللہ پراٗنی ۔
ووت ییٚلہٕ کربلا گوڈ آب رٹنس پیٹھی فراتس راٗچھ خونخوارو
(تہٕ) ڈیشتہٕ اہلبیتؑ گودرہم وبرہم معصوٗم کران اٗسی آبہٕ آبو ۰
آسہٕ (پوترِ) ماجہٕ معصوٗمن کران تسلا اُسِکھ دوہٕ پوٚی ہوٚ کھیٚ متی شیر خوارو ÷
دیان دیٚدی یے مگی تو کھ تژ لیش فی سبیل اللہ شفیع اٗنی تو کھ رسول مختارو ÷

[1] لدِ خاک تژ اوِ باک ...... (رضا) [2] شاہؑ سُنٛد مصیبت کیا ذاٗ کراٗ نورے (ایضاً)
[3] خوٗنس منز ((ایضاً)) [4] اختیارا (مشتاق) [5] صمن (ایضاً)

بوزِ نوٗنئے ستہٕ ہێیہٕ تن مولا دِیہٕ توٗ کھنوم ساٗنی گوشوارو ÷

ستتہٕ بڑٕ ی بابہٕ صبر سون باخداپانہٕ اُتھورے +

علی

اِدٕ دزا وا امام شاہ اصغرؑ کو چھِ ہتھہٕ دوٚپنکھ (خلقو) قرآنس چھوٚ ناکانٛسہِ اقرارا

سوٗرۂ کہف چھوٚ ناگوٗمت زانتھہٕ گوشن آسہٕ یتیمہٕ[۱] جورا بے پرمضطر توٚ ے مےٚ یاد آمے =

واتہٕ ہکھ جد حضرت صالحؑ ستتہٕ پرٕ تس پتہٕ تمن بیکسن مالی رژھن رٕوٚدنہٕ کانٛہہ دیوارا

اِدٕ تمہِ شہرٕ کِ لوٗکھ ساٗری یکجا سمن دوٚپکھ کیتھہٕ پاٗ ٹھی پکویمن ہر طرف چھُ راہِ عامے =

تمن رتھنڈ آو عارترنے ہتھ گرٕ دیوار کوٚر رپکھ تیار سے پانہٕ واٗنی -

مےٚ واتہم جد رسول مختارؐ نمٛیین سارِنی سردار[۲] اوس میٚون گھوار شہرؐ اُلراٗنی -

سُے بورسول خداؐ وٗلن چھم رتھنڈ ے رداکران چھوٚ وم ضدایہاٗ ے چھا مسلماٗنی -

کیتھوٚ روٚتوٚ وم آب رِنہٕ گوٚدُنیاس نایاب ووٚنی کویتاہ کرن تاب اڈ کھوٚری شری میاٗنی -

تم اُسی نہٕ تسٛند کلمہٕ پران توٚتہِ حرمت رچھنس

توٚ ہی زاٗنیٚون بڑٕ ی بابہٕ میٚون چھوٚ رتھنڈِس کلمس اقرارو

توٚ ے سمیٚو روٗم وشام، عرب وعجم زنوٚ مارٕن میٚون ثوابو •

کیتھوٚ گرِ دوٗرکوڈ ووس ہتھہٕ قافلاہ یێتہٕ وٚتہٕ پٹھ کوٚر ووس گرفتارو ÷

اَتھہٕ ترٛ اُوی توم زاٗنی ؤ ے صلاح توٚتے گوٚھہٕ یێتہٕ چھِ زناردارو ÷

تم چھنہٕ مسافرن رنجہِ وان اصلا مرے کانٛہہ دپان چھلیٚون ؤلیٚون تلکیٚون نیٚون مزارو ÷

اوس امام کران حجت ادا کوٚ فین گرِ گرے +

علی

---

[۱] انتہٕ (رضا) [۲] آسہٕ تمہٕ یتیمہٕ جورا (ایضاً) [۳] نمٛیین ہنٛد سرداراوس نامیٚون ...... (ایضاً)

تام وژاو برۄنٹھہٕ سعد آو امامس تۄ شاخ کانہ اَتھہِ ہتھہٕ
تمۍ تیٖرن جگرس کوٚر نم گذارا

لویٖن امامس نوٗرٕ موکھس آس ترٚیہٕ جایہٕ خوٗن دور مظلوٗمن دامن
کوٚرہس نہٕ جدٕ سُند پاس برنہٕ آس خوٗنہٕ جامے =

دوٚپُن پانو مأری ہم بأے گبر، یاریاو راکھأ ہِکس پتہٕ
زُوو موٗ دِم سأری رٕ دُم نہٕ کانہہ، وۄنی آیہٕ چأنی انوارا

اِدٕ آو امام آہ کڈان توٚے دپان بیٚنہٕ دبدن
دوٚپنکھ بیٚنہِ دبدوٚمے مارن، خوٗن ہارن توہہِ ژٕنو بأندی شامے =

بیٚنہِ دیٚدی کریٚا مکھ سبٹھاہ زاریمن آونہٕ کأنسہِ عار چھہِ خوٗنخوار گرِ گرِ تیز اُنی۔
دپیٚا مکھ منت تھأوِی توم بیٚتیٖو متو مأری توم اَتھہٕ ترٚأوی توم گوٗھہٕ ہانیر اُنی۔
گرِنواژٕ ہا روضس منٛز روزٕ ہا بردِتھہٕ آسہٕ ہنہٕ نیر اُنی -

دوٚپنکھ بیٚنہِ دبد وکرنو وۄنٹن سوار گرِتھ زٕنجرٕ خاردار آسو بیمار پایے پیٚادٕ ستی پکأنی۔
مأرِتھ امام گوٚ ظٕلمس تمام نیکھ اہلبیتؑ شامس بٹیو منٛدِ غبن گٹہٕ کارو
تمہِ ساتہٕ گذریٚو اہلبیتنؑ کیٚو نہہ ماتم بیٚلہِ معصوٗم کران اُسی آیہٕ آیہٕ واہ بابو۔

آسہٕ بیٚہٕ وۄنہٕ پلنن چھاوان کلا وُچھکھ بیٚلہِ بیمار رٕٹتھ مہارو ÷
وُچھہس مألی رٕسی تِس نألی غولا بارتمہِ زٕنجرُک اوس کھارو ÷
یتھ کرٛھہِ گرِہو ہانکلا امامس وٕلی تھہٕ زن شہمارو ÷
اُسِس لایان تہٕ پکوان ترٚیشہِ ئُتس فاقہٕ پھرے +☆

علی

☆ نوٹ:- سید رضا صاٗبنس نسخس منٛز چھنہٕ یہٕ چھیر لیکھی تھے۔

پیش کیا آو بیب زینبسؓ پادشاہ بأے ئُری تھٕ وِنس شاہ کڈِنس اوس نہٕ تس موکجارا کوٗثہہ یہِ دودزانہِ، کس یکجاتۍ ستتھ دوکھ پین [۱]

أسِس سأری زند صحس رٗ دسنہٕ کاثہہ شام تا مے =

کڈکھہٕ سوے نۆ رِز ہر [۲] بر ملا جیل ئُری تھٕ

ہیوٚ تہس زروز یور ییلہِ روٚ ٹسہٕ بایومزارا

افسوٗس خرقہٕ پوشہِ سنٛزِ کورِ برقہٕ ہین منڈِ نین

أسِس اَتھہٕ رَشہِ [۳] شاہ حسینؑ [۴] یتیم خامے =

تم أسی چشمواوٚش ہاران وَتہٕ پیٹھ ڈُلنی تۍ اوان

زبوٚ ہنہٕ ہاوان پوٚ فدیٖدِ تۍ لیش منگأنی -

دیان کوفی چھِ آب بأ گران، پانہٕ وأنی تۍ لیش چاوان اَسہِ ہاوان پتھر تۍ اوأنی -

کوٚت گوٚ وسون آبدار بیکس فوجُک جمعدار بابُن علمدار اَسہِ چھنہٕ دزِ ینٹھ یوأنی -

چاوِ ہے سُے تۍ یشاہ ییہِ ہے أچھن گا شاہ پیٖومُت چھُ ویشاہ شاہ چھنہٕ پھورأنی -

یہِ بوٗ زِتھہٕ گرِ جامہٕ چاک باک آیہ بیب زینبسؓ

دوٚ پنکھ تس ہبا پھُری تھٕ گے کوٗ فلکہ ستمگارو [۵]

ژٔڈ ہس شانہٕ پیٖیس علم کوٚ رہس گُلبن قلم سہٕ ہبا موٗ دژھانڈان آبو •

بوٗ زی تو باتس گوڈ اکھ شانہٕ ژٹنس تھنٛزِ مایہِ بیٖیس شانس مشک پھرِ آبدارو ÷

دوییمس شانس تہِ ضرب لایس ظاٗلماہ بے رحم اِد مشک رٹہِ سینس ستی میر آبو ÷

تس ییلہِ دوییم شانہٕ ژٔسر تہٕ پیوس نعوٗذ باللہ دند وستی مشک رٹہِ زوروارو ÷

۱ ابوے (رضا) ۲ یہِ دود کوٗثہہ زانہِ، کس یکجا پیتۍ دوکھ پین (ایضاً) ۳ ہتن اتھہٕ رشہِ (ایضاً) ۴ نورعین خامے (مشتاق) ۵ دوٚ پنکھ جگروتس پھُری تھٕ گے کوٗ فلکہ ستمگارو (رضا)

تتھے پھرِ گرٕ خمہٕ گاہ گُن کرِ ہلا[۱] دِپیان ترٕ یشاہ چاوٕ ہک شپر خوارو ÷

تانٔ مشکہِ تہٕ لالیس اکھ سنگدلاہ آب نہٕ ری تھہٕ گوس گرِ پوٗ قداوارو ÷

یوٗتہٕ ام کلثومہؓ دزایہِ برملا[۲] وُچھ ژھرٕ ٹ دِوان پھیکِی ژوٗٹ علمدارو[۳] ÷

بیب زینبہؓ کبرا یی وتان غش کرے +

علی

آیس ام کلثومہؓ وُچھِن بیٚنہِ دبدموٗ موٗزن گأموٗژھبتہٕ

اُ سس آے وندان وُچھنس نوٗرِ صوٗرٕ ژتغیرا

اُس بُتھہِ بُتھہِ دِوان مہرٕ نی تس کیٛا اُس تہنٛز کامن

یوٗ فدیٚدی ژتہٕ مرہمہٕ، بابہٕ رژھہِ بنٛی تھہٕ کیٛا آمے =

یوٗ فدیٚدی آم ڈکُن کوس، موٗ دُم بابہٕ، ژٕ جم دبدتہِ ترٕ اُوی تھہٕ

ہدیٚدی یوٗ کیٛا کرے متہٕ مرتہٕ گوڈٕ کرتہٕ میٚون چارا

ترٕ اُوِتھ ژلان چھا مالنٛی رژھن کوربن اُسی تھہٕ پادشاہ کوٗربندٕ وِدزام نامے =

اُس ضعفس منٛز یوٗ ڈٕموٗ نوٗرزہرا[ؓ] ودبس فاطمہ صغرا[ؓ] متہٕ مرتم رفاقت چھم چأنی -

یوٗ فدیٚدی وتم بأنڈی مےٚ نٛنم مأنز چھم اتھن چھس منڈٕ چھأنی -

شاموِچ پامرِنہِ پامہٕ مادِنم مہرٕنہِ نالِی جیل چھا آسأنی -

یوٗ فدیٚدی لوٗٹہٕ بیٚنہِ مأ لی سامانہٕ نیٛوٗ ہم گوٚ ژھم برقاہ منگہٕ کس

ووٗنی پھیرُن چھم کوچہ بازارو

جایہِ جایہِ دشمن بابہٕ پامہٕ دِنم بابن دیٛت نےٚ نانقابو •

یہِ خبر کوٗ تھہٕ نیہِ شیرِ خدایسؑ دپہٕ ہنس کورِ چھے وَتہٕ پٹھ گرفتارو

پانہٕ نےٚ پیہِ چِھ بابہٕ سوزہم بوزے میٚون بڈٕی بابو •

۱۔ اکریان ہملا (رضا) ۲۔ اُسی دہ نوے بیٚنہِ دزایہِ برملا (ایضاً) ۳۔ پھیکِی روس (ایضاً)

قبرِ منز نیرِ ہے برملا بوزِ ہے شاہ حسینؑ گوٚو مارو ÷
وَدِہس امام حسینہٗ کمی کوٚ رُکھ دربلا کربلا سپنٕے ماردارو ÷
صف ژٹان پیہِ ہے شیر اللہ موکلاوِ ہے کوربن ظلمہٕ دربارو ÷
دپہ ہس بٔڈی باپہٕ بابس کرتہٕ تسلا چھُ نیز پٹھہٕ ہاران اَشہِ دارو ÷
اصغرسؑ ہٕٹی ہنہِ تورٕ ہے کانہٕ پھلا بابنہِ کوچھِ پٹھ گوٚو مارو ÷

پیہہِ ہے دلدل سوار ہتھہٕ ذوالفقار لارپیٚہِ ہے ظلمہٕ لشکرے +☆

علی

لتس شاہٗ ہٕندس نۆر عینس امام حسینسؑ ماٗری تھہٕ دیتھس کیٚو ژھہ آزارا
حدگوس ظلمن تہٕ ستمن وٕنی زِ کوتاہ آس کیا انجامے =
تمہِ لٹہِ عرش نٹہِ ییٚلہِ تمہِ نٕے گلبن رٹہِ ہے ہے ژٹہِ ساربان بدکارا
اوس یمو گلبواتھہٕ روٹ کران عاجزن مسکینن
اوس تمہِ نٕے گرگرِ شفیع اناںٕ خیرالاناٗمےؐ =
چھُس نہٕ وٕنتھ ہیکان چھُ راٗوِیاہ لیکھان وُنہٕ پاٗومہٕ یمہٕ ظلمہٕ طوٗفاٗنی -
مٔلی زبنا بتھہِ سوٗر ژٔلی زبنا دوٗر پھیرٕ زبنا جنگلن فریاد دِواٗنی -؟
ژھینیم زبان چھُ ونان پانہٕ ساربان یمہٕ گر عالمس ویراٗنی -
امام حسینسؑ مظلوٗمس ییٚلہِ گلی گری مس جدا ہوٗ زِم صداگیے آسماٗنی -
واہ وَلدا واہ مظلوٗماہ واہ غریباہ یہِ کیا چھی وُچھاٗنی -
وُچھِم توٚتے تام یتھہٕ پبو رسول خداؐ پوترِ مول شیر خداؑ لیل کراٗنی -
حسن مجتبیٰؑ لٔدی تھہٕ رباہ ماٗری ہِتس شاندٕ کھور پھیراٗنی -؟

☆ نوٹ :- سید رضا صاٗبنس نسخس منز چھُنہٕ یہِ چھیر درج ☆☆ تہٕ مشتاق صاٗبنس نسخس منز چھُنہٕ یہِ ہش چھیر لیکھی تھے

پوتر ماجِ فاطمہ زہراؑ تراوِلہرا ژٕٹبن ءتمبن گلبن اَس للہٕ واَنی -
پوتر ویٗ زے ناکاَنسہٕ داد یہِ کیوٗنہہ بیداد اوسے ناکوٗنہہ پرزٕناَنی -
تھاوِ برو نہہ گنہٕ بابس عاَلی جنابس مےٚ ہصاَبہٕ پھیری تھٕہ گیم امت چاَنی -
چھمہٕ روخصت پانس مَتھہٕ یہوے رتھ یہِ حسرت آسن ساَری وُچھاَنی -
سُہ خوٗن مَتھہٕ امام حسینؑ حلقس تہٕ سینس دپھس حضرت یاحسینؑ لگے نثارو ☆

یِیلہِ سرژوٚٹھے کوٚر رہے گُلبن قلم تتے آسہٕ ہے یونواَنہٕ ہے تابو ۰
دپھس حضرت جگرو وندٕ ے کلا کمُ باکوٚرنے ماردارو ÷
کرِ عرض بوزتم دادیا رسول اللہؐ اوسُم ءتی ساربانا ہ نمک خوارو ÷
یِیلہِ دژایاس مدینہٕ ہتھہٕ قاٗفلا ءتہند بن ووٗنتن اوس میٗون بارو ÷
پژتھ منٗزلس رچھامس دِلا دپیام کیا سنا ییس نامیٗون عارو ÷
اُ خریِیلہِ پھٗری تھٕہ گوم کربلا رات کیت آم موٗہنہٕ ستم گارو ÷
اَنِن ژھاَنڈتھ پھٹمٕو کرتلا تمے ءتی گلی ژٹم بدکارو ÷
خلقو پوترِ دو کھ چھُ ماجن کران جلا دبد فاطمہؑ ودٕنکی دِیہٕ بارو ÷
اَءسس نرِ تاَلی تاَلی کران للا یمن گُلبن لگیو یونثارو ÷
ووٚ تھ واحسینؑ شاہ حسینؑ برملا مرسلو جامن کوٚر پارو ÷
دَپہِ ووٗنٹہٕ واَلس رسول اللہؐ یہِ کیا کوٚر ژھم ہو بدکارو ÷
ذٕ زی تھٕہ پیس گلی سپٕنس روسیاہ یِیلہِ حضرت کس بددعا کرے +



نسخہٕ مہر کتبہ سید حیدر مملوٗکہ مرحوم سید رضا احمد پورہ

منقول از نقل بشکریہ ذاَکر مشتاق مصطفیٰ صوفی کتبہ آخوند قادر مہر کربلایی

# یونسؑ

موںساہ یونسِؑ فکرس کرتم أنیس نفساہ
خضرِ روبیل مُناس یُتھ لُبی تہِ تخلیص از بطنِ حوتِ غفلت یکسرو

کرِ تجاہُد وَنہٕ نس بکمالو چأنی ثنأ لایزالو =

عالمس مہٕ پیٖہ ہے نَے ذوالنونہٕ شندی پأٹھی میأنس ناوس سہ باراسہامِ خاصاہ

سپنہِ ہامے ہیؤ بے بہرِ بحرِ حمدس اعتماسے ازسرو

آسہِ ہیے زہدٔ تثیت خانہٕ ہتاہٕ کرہنہٕ ارتحالو بخشہم نے استقلالو =

اِذ ذَھَبَ مُغاضِباً یونسؑ وژھا ویٖیلہِ عذاب تہنٛدِس قومسے -

ذکرِ لا الٰہ اِلّا اَنْتَ سُبحانَکَ تس سپُن دِلفین نجات بطنِ نوٗنہٕ کڈ بسے -

لطفن چأنی شجرِ یقطین سایہِ تھوٗنس یٖیلہِ پوست گنڈِ طفل زن بکنار رٹ اوبسے -

رحم چون رجافہٕ منز قارونس اقربان پیٹھ وُن نفع بخشسے -

کأس ذوالنونسؑ بے صبری تہٕ تند خوئی چأنی عفوَن

ساحلِ مرادس لاگبس تتھے کربس پیغامبرے

چأنی شبان مہرن سپُن قومس بٔیہ رہبرو •

تُوے ذوالنوٗن جُس گوھان برکوہ روحا لَبَّیْکَ کَشّافَ الْکُرَبِ الْعِظامِ لَبَّیْکَ

پران تھارے ÷

نوٹ:- یہ مرثی چھنے ذاتہ کرِ خواجہ علی مرحومس ۱۳۴۹ھ منز وننہٕ آموا سہ باراسہام مطلب دافع الغم، دارا، نوٗر مضموٗن لیکھنی۔

اَللّٰھُمَّ لَا تَکِلْنِیْ اِلیٰ نَفْسِیْ طُرْفَةَ الْعَیْن رسول خداؐ درمناجات پران اشک ہارے ÷
یُہ غفار سأنی ذنوٗب منسی تہٕ محوٗ کرِ یکدفع وِلائے علیؑ بحرِ قلزمِ آفاتہٕ بوٗٹھ کھارے ÷
منگی توس چھنہٕ تابِ عقاب عادلا حاشاہ دیوسون عذاب تہٕ ناصیۂ جبال آہن
موصلس یارے ÷
میأنِس نفسس لاعبِ دنیا گری تھہٕ گوس فندا وحدما شرا وِتھ
سپُنِس نافرمان چأنِس اذعانسو +



کوٗرُن مرسلن افضل خاتم انبیأ کرِ معراج ملاء اعلیٰ سُے شافع محشرو
تمے حشمتہٕ جاہ وجلالو توٗت واتُن خیالس محالو =
ذوالنونؑ کرِ منز بطنِ حوٗتس معراجِ دریا
کھوٗت سُے حضرت عرشس براق سوار جلوگیر تس شہپرؔو
بخشس تاجِ لولاک ذوالجلالو کرِنس قدسی استقبالو =
اوس دربرجِ ماہی غم کھوان یونسؑ حضرتس خوان عرشہٕ پورنسے -
ذوالنونؑ تنہا اوس منز بطنِ حوٗتس حضرتس یداللہ ہمخوان سوٗزنسے -
صاحبِ حوٗت محوٗس اوس منز بطنس گری تھہٕ سیرِ ملکوٗت حضرت ژاو جنتسے -
ارمغانِ بنان گری پیشکش رضوانن حوٗرِ تہٕ غلمان جمع گے
گری دماسیر درسیر قصوٗرِ جنابن ووت پھیری تھہٕ دمادولت سراسرورو ۰
توٗے خطاب خیر المرسلینا مخصوٗص منسوٗب تس کرے ÷
عہدۂ خاتم اِنبیوٗک نگینا پیٹھ دوشن کوٗرنس خاص موہرے ÷

کرِتس کُن رجوٗع پزتھ انبیأتہٕ مرسلینا ییٚلہِ تمن مشکلا گیرے ÷
سُے رسول مقبولؐ ییٚتہِ مے بحرِ غمہٕ کھاٗلتھ پگاہ جنتس نیٚم ستی پانسو +

علی

دیُتُن تس حضرتسؐ پتّن ؤلی ؤصی شاہؑ کوٗرُن بلافصل خلافتس احریٰ سُے ساقی کوثرو
آو صاحبِ اصنامن زوالو گےٚ تہندے پنہٕ پائمالو =
چُھ دوٗر ازادب دُیتن ذوالنوٗن مصرس لقبِ غلامی شاہ
سُہ چھُ رُتباہ اعلیٰ گژھہِ ہا مبتلا یوٗنسؑ اصلا آسی تھٕ تیٚتھ پیغمبرو
بَنہِ ہس نہٕ بدنس تمہِ حالو ژتجی ؤہرِس بدن طفل مثالو =
دِیہِ ہے تن شاہؑ سندِس مہرس والتہِ ہینہٕ مسجوٗرس منز نشہِ قارؤنسے -
روزِ ہینہٕ جبس منز بطنِ تنگ وتارس ژ تجہن دوہن منز تتھ بحرِ بے کنارسے -
تس شاہؑ سُند وِلاتیتہِ موکلاوبس یانی جبسہٕ دژاواتھہِ مراد آوتسے -
ؤچھم لیچھپمو صاحبِ حیات القلوٗ بن اکھ خبر اتازے
گر روایت ابوحمزہ شمالیینؒ اوس گرِ دوہہٕ اکہٕ ژؤرِم امام سون رہبرو •
ژاے بوتہٕ عبداللہ عمر یکجاتہٕ کرِتھ سلام ادا بخدمتِ امام بیٚٹھی دوٗرے ÷
تانی دَپہِ عبداللہ مے ؤچھم عرض یا مقتدا فرموٗہس کر طلب ژے مطلب نیرے ÷
دَپہ چھُوتوہی ونان زِ یوٗنسؑ خدا جبس در بطنِ ماہی تیٚلی کرے ÷
روٗٹُن وِلاے شاہؑ ییٚلہِ سپٚنیاس حکم خدا تتھ امرس ذراتوٗ قف کرے ÷
فرموٗنس بے شک اے عبدِ خدا چھِ راٗوی اٗسی اٗتھ خبرے ÷
دَپہِ یاامام دِیِہ تو راستی ہُند نشاناہ اٗوتھ روزِ ہے نہٕ شکاہ مے پانسو +

علی

رأوی زِ گنڈِ ناوِامامن أچھن رُمالہِ مےٚ تہٕ تس جداجدا

ساتہٕ اکہِ پتہٕ أچھ ہؤرِ نہِ کوٚرُن امرو

تانٛ وُچھا کھ دریا کمہِ حالو موج دِوان مالا مالو =

کرِ عرض عبداللہ مےٚ چھُم لرزِ یا مولا بے حدا

فرموٚوِہس مہٕ برغم سپنن وُنی آثارِ راستی ظاہر کرصبرو

گُرِ تھٕ اے ماہی پانہٕ امام دِیہِ آلو سپُن طلاطم فی الحالو =

تانٛ گاڈ ادرٛایہ ژٕ ٹی تہٕ آبس جسیم رشک کوہِ عظیمسے -

لبیکَ لبیکَ یا مولا امامس اُس ونان تانٛ اماٗمی پرٛ ژھ نسے -

ژٕ کیا چھکھ تہٕ دَپہِ نوٚنِ یونسؑ فرموٚوِہس زِوَن من وعن تسُند قصے -

دَپہِ یا امام کرِنہٕ مبعوٗث خدا کاٗنسہِ نبیس از آدمؑ تا ختم المرسلینسےٚ -

کوٚرُن وِلاۓ اہلبیت تعلیم تمن یمو روٗٹ تم آسوٚ دِ گۓ

یمٕ کوٚر تاٗخیر گو مبتلاغمن تتھے یونسؑ تہِ سپنیا وامرو •

دوٚپُن کرا تس تولاّ بار خدایا یُس نہٕ زانن تہٕ آم نظرے ÷

اِذ اَبَقَ اِلیٰ فَلَكِ المَشحُوُن یکدفع گویا فرمان خدا مے پیٹھ نیرے ÷

رُٹُن یونسؑ درشکم یتھنہٕ الماہ سخیاہ واتبس استخوانن یوٚ تانٛ اَتہِ نیرے ÷

اوس ژتجھن دوہن مےٚ شکمس منز تہاد دریا دوہ تہٕ رات آسان پران ذکرے ÷

اِدِ تس گاڈِرہ خصت دِتھٕ امام اُسی گرِ واتناوِ تھ ژاومنز عبادت خانسو +

علیؑ

یہِ خبر ونان زانہم خداحال بنیوم کیت احوالا سُے ژوٚرِم امامؑ دہن وِدُنی یوٚک آبرو

معجز نمار سولہِ سُند آلو رنجہٕ نوٚ وِدُنیان کمہِ حالو =

کرِیا وذوالنّونسؑ بطنِ حوٗتن کیٛنوٗن دوٕہن تثیت حالاہ

افسوٗس ییہٕ کیٛا یاد آم سُے مظلوٗم امامؑ گرٕی تھہٕ خاردارٕ نجرو

کڈٕ نوٗو وٲلی شامن شمن رتبن باندٕ حالو سپنیوٗس بیمارس ہلالو =

کھیٛیہٕ زِناسم اوس گنوٗے غم یوٗنسسؑ کِتیا سِتم پیہم پیے امامسےؑ۔

گوڈٕ وُچھِن ماران یار غمخوارتہٕ انصار بابس گرٕھان گرا تام تمام ہٲے فوجسے۔

آونہٕ عار ظٲلمن دِن نارٕ خمن روبروتس لوٗٹن اہلبیتنؑ تہٕ پرٕتھ معصوٗمسے -

وُچھِن ژٹان سر جانہٕ راین، قداوار باین تہٕ بابس تران تیٖر حلقس ہٲیس شیٖرخوارسے۔

ہوان برقعہٕ پوٗ فدیدٕ زینبسؑ تہٕ کلثوٗمسؑ پکوان تاٲزِیانہٕ لایان سکینسےؑ -

ظٲلم وچھان نہٕ ولیہِ دِوان گرٕلیہِ نیزن لٲدِ تھہٕ پرٕتھ سرس چھکان نوٗرٕ موکھس سوٗرشاہ حسینسےؑ۔

وُچھِن لایان کٲنیاہ اکہِ کنہِ ڈبکہٕ ہَنہِ سکینسؑ اکھ شٲمی بابے گرٕی تھہٕ آے وٲتی

ییٛلہِ شامسے -

سُہ ساتھ عرصات سپُن تس مظلوٗمس گذراوٕنس ییٛلہِ ہتھہٕ پوٗ فدیدٕ یزیدسے -

اوُسس کوٗرمُت ورم کھورن تہٕ تس تِہٕ سیکہِ پادلٲری تھہٕ گےٚ

کوٗرُس اماس تمن ننہٕ وورپکنن سپُن سبٹھاہ ابترو •

صاحبِ نوٗنس منز بطنِ حوٗتس واژاوما کینہہ الماہ وچھتو امامس کیٛا کیٛا گذرے ÷

دیتیس باٲنزٕ مرگن جگرس زخماہ رات دوہ ودان تس ژٲن سورے ÷

وچھاو یوٗنسنؑ مران کانہہ دردلاما امامس پچھہٕ بابس ہے ہے ژٕچھس نرے ÷

گوگوٗٹ جہان سرورس تیٛلی خم کمرس وچھِ سُہ نیم جان بیٛا کھطوٗفان یمہٕ گرے ÷

ییٛلہِ شبیہٕ پیغمبر بوے شاہ اکبرؑ مظلوٗماہ ترٕووٗس ضرب منقدن دفعتن پیٛیہٕ گُرے ÷

گوٗس درہم وبرہماہ ظلمس پیٹھ ظلماہ وُچھِ ییٛلہِ اصغرسؑ بابس شوٗنگِتھ لرے ÷

بیٚیہٕ ییلہِ مہرازس تس شاہ قاسمسؑ ظاُلماہ نیزٕ تاران ماران آس نظرے ÷

حضرت یونسسؑ کاُنسہِ ستی باُندی نیرٕن،شہرن پھیرٕن پوٚما پتمن پوفن تہٕ بیٚنہِ

دبدن پرٕشہرن امام ستی پھیرے ؎ ÷

چھُ کیو ٚنہہ گژھ کاربٕنی تھہٕ تیت ماردار وچھن آرام مادما دِنس رگن چارٕ نجرٕ خار

حلقس گرٕ گرے ÷

مارٕ ناوبس محرمس منزٕ ولپد زہر دیاُ وِتھ ساوَن مظلوٚمس جنت البقیع آستانسو +



ژلان ساٗری غم والم ونان اعجازِ شاہؒ لکھان صاحبِ سراج الغم باسنادِ صحیح تہٕ معتبرو

پتمین دوستن پیٹھ شہسؑ بوکو یتاہ خیالو یوٚزی تو وَنہٕ مواحوالو =

اوس بنی عباسی خلیفاہ ستمگار بدکیشاہ اوُسس تیتھُے بغض شاہ حیدرؑ

کرِ جارٗی سہ بدخصالو تیتھے حکماہ عُصالو =

دوٚ پنکھ سوزے کاُنہہ اکھاہ دروٚد علیسؑ یاُیس اکھاہ دوست تھاوِ تسے -

نعوذ باللہ یُس نہٕ تبرا کرِتس جنابسؑ کرٕ وقتل تس دِہندارسے -

دوہہٕ اکہِ مرداہ منزٕ بازٕرس دَپہِ دِیوٚم کینٛژھا بنام علیؑ محتاجسے -

پھیوٚرشہرس تہٕ دیت نہٕ کاُنسہِ کینٛہہ تس اکثر نام علیؑ ہنبس منع کرنسے -

دوٚہس یتہِ گرٕ ھکھ مارٕ، ترٕ آوی تھہٕ بازٕرپھیرٕ بیٚین وتن ووت اٗکس برس پیٹھ تتھے

دیت صداتمی بختوارن دِیوٚم کینٛژھا بنامِ شاہ صفدرؑ ۰

تتہِ اٗکس دوستدار بایہِ گوکنن یہِ نادا تتھے دزایہِ تھاران لارے ÷

دوٚپنس تس فدامیوٚن جان یُنٛد ہیوٚتھ تُھ ناوا امایہِ ناو متہٕ ہتہٕ خلیفہٕ ماژے مارے ÷

؎ اپنٛین تہٕ پوفدبدن پرٕشہرن امام ستی نیرے (نسخہٕ زمان جو)

اُنٛی تھٲہ برٛۆنہہ گُن کھیٛاوبس نان وحلوا دژاوفقیٖرتہٕ نیک زن تھارے ÷

دوٚپُن فقیٖرس خطرٕ نشہٕ ژھنس خدا چھس شفیع یہوے ناوا تانی وچھن یوان

خاوند دوٗرے ÷

پژھبس سُہ بدکار چھ بر جبین کھاٗلتھ کھیوتن کوٕ نان لاٗجن بیانسو +

## علیؔ

پھیرتھ دپبس اوس آمت اکھ سائلا گرسنس دژمس نان مولا سندِ خاطرو

ییٚلہِ کوٚرنم تہٕند سوالو رۆدُم نہٕ کانٛہہ حالو =

تورٕ دپبس سُہ ظاٗلم نا ترس جاٗہلا چھے محبتِ شاہ حیدرٕتہٕ گری زِ صبرو[1]

ژاٗنے تہٕندے ناوٕ شانہٕ چھم خیالو میلنٛی ووٗنی مہلت چھے محالو =

اِ ظاٗلمس کبتھٕ عارِ یہٕ ہس شانو بپٹھٕ نرٕ ژچہٕ نسے[2]۔

اوس شُہ موٗس شیٛرٕ خوار اہ تس سُے پُشتس ستی ستمگار گنٛڈی تھٕ تھاوبسے[3]۔

کٹٕ ن نبرتہٕ جاردیس پھروبس شہرس ییٚلہِ تڑ اوٚن اتھٕ ودان دژلیہٕ بیکسے[4]۔

اُس پکان وَتہِ کران زارٕ پار خلقس ہوری توم گنٛڈ یمس شیٛرخوارسے -

دِمہٕ ہس شیٛرتھوٚ و نہٕ کانٛسہِ کن تس واٗ ژپٹھ دریاس اُرکس ہتھٕ معصوٗمسے -

دپیان یانٛی کرٕ غرق پان معصوٗم ہتھٕ تانٛی دفعتن تس کنن پیے صداگے

صاحباہ آبس ونان یتھنہٕ اُمس ترگو دامن، چھم دوست تہٕ گوس جبرو۔

ہیوٚت یکدفع پتھ آبن بوٗزِتھ یہٕ صدا سپُن معلق تہٕ ٹھہرے ÷

[1] نیس نشہِ خلیفس سُہ ظاٗلم ناترس جاٗہلا دپبس سُہ جاٗبر چھے محبت شاہ حیدرٕ تہٕ گری زِ صبرو (نسخۂ زمان جو) [2] شانو پپٹھٕ دہ نوے نرٕ ژچناوِ نسے (ایضاً) [3] تھاوٕ ناوبسے (ایضاً)

[4] کٹٕ ناوتھ نبر جار دیاوبس پھرٕ ناوبس شہرس (ایضاً)

وُچھ پوٚت برٛونہہ زنانہٕ گوٚکتہٕ یہٕ صدا تانٛ سۍ صاحب آوتس نظرے ÷
وأتتھ نزدیک سۍ صاحب کربس شیرِ خوار جدا دپس دِس شیر دیوٗ پھیرے ÷
تانٛ بنادارِ دارِاوش ہارِ شاہؑ تہٕ بنہٕ بیب شہر بانؑ حالِ آس نظرے ÷
دوٚپُن یتھے پاٗٹھی لتس پوترٕ ماجہٕ کربلا اصغر شاہؑ تژیشہٕ ہُتس حرمل لتس مارے ÷
ہہوان کوٚچھِ موٗ دمُت سۍ اُچھ گا شاہ وودان رسہٕ رسہٕ لتس ألرے ÷
دپیان کرٕ سعاے یہٕ ہٹیک کان نیر بس نا کھوٗژ زیرٕ لگبس آسہٕ ماٗنندرے ÷
کریان تلاش سبٹھاہ اُچھ ہوٗ ربم نا دِمہٕ ہس دود دیوٗ تا وأمس نیرے ÷
ادِ چاوِنا اُوتھ شیر سۍ شیرِ خوار سرِ خدا لتس زنانہٕ لاگہٕ دوٚنوے نرے ÷
ژُٹی تھہٕ دامن سوزنانہٕ کربس التماس زِبرا خدا ژٕنی توم توٚہی کم چھوأ ومیانہٕ ویرے ÷
دوٚپُن لتس دوستدار بابہٕ یوٚے گوس علیؑ شیر خداؑ کربلا قحطِ آب یَس پھرے ÷
لیس گرِ لبِ دریا شُر بن قتلگاہ ابن سعد ملحدا یوٚ چھِ ہتین ییلہٕ تمن مارے ÷
دیاأ وِتھ نارٕ خمن لوٗٹن اہلبیتؑ جدا جدا سُے میانین کوربن ژٕنجرٕ گری تھہٕ محکمن کھارے ÷
ہوٗرٕنم احدُک تہٕ بدرُک حسدتہٕ ضدا کجہٕ ہم کورِ باٗنڈی ننہٕ وارے ÷
تھکی معصوٗم ظاٗلمن تژیشہٕ اتھہٕ ہنہٕ دأرِتھ میاٗنس حسینسؑ زُوِدانسو[2] +

## علی

لتس معجز نما شہسؑ منز کربلا اُکھ پھرا اوٚن کیا پیش کوٚفکوٗ تہٕ شامکوٗ جاٗبرو
دیٛوٗ دُکھ سُے شیر کمہٕ حالہٕ نالو ژٕٹی تھہٕ نال دِمہٕ نانالو =
اُکس نبوٗ ژٕگلس گلی ژٕٹی ہس منز صحرا بٹیس فرات پیٹھ ژٕٹی تھہٕ شانہٕ تراأوِ ہس پتھرو
کرٕ نک نوٗرٕ بدنن غربالو ظاٗلمن ہنٛدی گری نعلو =

[1] تہٕ بنہٕ بیب شہر بانؑ خیال لتس دلس گذرے (ایضاً) [2] روزٕ نک معصوٗم ...... (ایضاً)

دوستدار بابہِ سُے شاہ پٕٹھ دریاس آنس واتبس تہٕ تتہٕ بوٚٹھ کھار بسے -
نرِ لاگبس تہٕ تھٕنڈس شیٖر خوارس لول بربس رٕٹی تھہٕ منز کنارسے -
کٔیا سنا مصلحت اُس تتھ ساتس کو نہٕ آوسُے شاہؑ پٕٹھ فراتسے -
ییٚلہِ بیٚیس قداوارس شانہٕ ژٕٹی ہس ژھرٕ ٹھ دیٖوٕ ہس تہٕ میٚوِ پٕٹھ ترٕ ووٕ ہسے -
چشمن کان کڈِ ہبس ، زخمن گنڈِ ہبس رتھ ووٕ تھری ہبس وَتہٕ پٕٹھہٕ ٹلہِ ہبسے -
دگ للوِ ہبس کو چھِ کاٗرہیٚہِ ہبس سینس ستی رٹہِ ہبس ہو نڈ وَٹہِ ہبسے -
پوترٕ مایہِ دونوے پھیکیٚ لاگہِ ہبس تنہِ کان کڈِ ہبس سرٕ ان دِیہِ ہبسے -
کفناہ ولہِ ہبس پانہٕ ٹلہِ ہبس شانٔد پٕٹھ وَدِ ہبس توٚ ووٚس لدِ ہبسے -
ودِ ہبس اوے کُہند کان سینس پہلوانس ژٕے ہاٗ نس رتھ آیہِ وَتھ کس سخت جانسے-
ٹُلنک سعی کرِ ہبس ، جناز پرِ ہبس کنوے نکھ دِتھ مزار نیہِ ہسے-
دیہِ ہس گرِتھ ہمت رٕ وٗ د کھنہٕ پتھ مرٕ نس ہرکران وونٔد تھ جان بأے جانسے -
تہٕ کٔبتھہٕ تاب اوٚن معجز نما دَیہِ شیرن ییٚلہِ بیٚیس نوٗ رعینس تس گلی ژٹنے .

اوسُس ییٚلہِ تس بے سر بدن پیوٗمت نبد رن تاپہٕ توٗسیکہِ پٕٹھ بے سرو •
بلرزٕ آوتمہِ ساتہٕ ارض وسمأ ییٚلہِ نرٕ رٕ ٹی تھہٕ پھرِ سار بان تس لرے ÷
ٲلِج نٔتھ عرشس ملکوتُل سمأ زٔمینس گیے ژس ، فلکس نیل پھیرے ÷
آے ییٚلہِ حضرتؑ تہٕ شاہؑ ، فاطمہ زہراؑ ہیتھ شاہ حسنؑ لبل کران سور گیہٕ تھزٕ ویرے ÷
وودٕ ہس پوترٕ وکوٚ رہے کیٚؤ نہِ ستماہ ہے ہے سرٕ ژٕ ٹی تھہٕ ژچہِ ہے نرے ÷
وبہِ پیٚوٗم جگرس زن کھٔیوم سماہ آم زن کان ، مے جان نیرے ÷
تمہِ آنہٕ رٕ کتھہِ رٕ وٗ د پتھ سُے پوترٕ مول شاہؑ کو نہٕ زٕ و دانس لاجن نرے ÷
للوِ ییٚلہِ دوستدار بایہِ ہُنٔد شیٖر خوار پانہٕ شاہؑ پٔتن اصغرؑ شاہ آس نا نظرے ÷

ییٚلہِ نرِ ژوٹ پھرِ تل ہیتھہٕ تہٕنڈ اُچھگاہ اوسُس سُلوان پیٹھ چھوکہٕ لدنرے ÷
تمی شہن کونہٕ پانہٕ للوٗن گرا زوٗنن دیوٚ زیرِ لگبس آسہِ ماننِد رے ÷
نتہٕ مازوٗنن ہیٚیس کو چھِ بجد بد چھسہٕ نرداُ رِتھ سُے ہٹیک کان کڈبس زوٗ دانسو+

## علی

لَس شاہؑ سنزِ نوشہِ بیب شہر بانسؑ کۄ رمرگن کیٛؤ نہہ طوٗ فاناہ
موٗرہس واُ نتھ مہرازٕ اُچھگاہ تییت شاہ اکبرؓ
گیٛس تہٕنڈِ مرنہٕ جگرس پرکالو سپنِس زندگی وو بالو =
لَس پیٚتے بابس کوچھِ پیٹھ ترٛیش منگان گوس مارِ اصغرؑ جان کھیتھہٕ زہر کانا
روٗ دُس نہٕ اختیار دڑایہِ خمہٕ یکبار ییٚلہِ خاندارتہٕ تتھے تڑاوبس لرو
دوٚپُن پانو ووٚنی زندروزٕ یوٚت کالو رٹہٕ اصغرنہٕ داد کوٚہتہٕ بالو =
مُلی تھہٕ نوٗرِ موکھس سوٗر پادشاہ بارے موٗرِ دِنی تھہٕ دڑایہِ امام گرو
سپنتھ سوار گرِس دِیہٕ آغہٕ سُند سوالا گرِ ثویٚیتہٕ کڈتم فی الحالو =
اِدٕ واُ نتھ کوٚہس پیٹھ منٛز غارس رنگہٕ رنگہٕ لیل اُس کران اکبرؑ تہٕ اصغرؑ شیر خارسے-
ودان اکبرؑ پوترو بو ییٚتہٕ تنہا چھس گُنہِ گُنہِ خوابِ تم کھوژان چھسے -
گوٚھیا بادُنیاس کانہہ مے ہش بیکس کس گوٚ گراتام تمام گوٚ برفو جسے -
پوترو وتم یوکس مرِ ییٚتہٕ منٛز غارس کوٗنہہ مرنہٕ وِزِ آسم شانڈ پھرنسے -
کوٗنہہ آسم مرنی ترٛیش چاوِنس تہٕ ہونڈوٹنس تمہِ وِزِ کوٗنہہ تلقین کربم کلمسے -
پوترو غسل نے دِیہٕ ہے کانہہ میاُنس بدنس اما قیامؑ تام پزارا مزارسے -
لحد ہاوِنی شوٗبہِ ہے تو ہے میانین گوٚبرن
توہہٕ پانس ترٛ اُوی تھہٕ وِتہٕ پیٹھ تنہٕ، ظالم سر ہیتھہٕ گے

چھُو تاپس ڈولان میٚون پیٹھ بدن کم تو ہہ کرِنو مقبرو ٠

تَنہٕ نےٚ تُجا ہوتہٕ سایہٕ کینٛہہ کرِہن دۄہنہٕ تاپس لگہٕ ہن تنے

ترِیشہِ یوٗچھِ ہتمن یوٗ تافی خوٗن دَرِیکھ چھوکن پھیرِی تھہٕ شامہٕ اَنہٕ ہنکھ سرو٠

پوترو دَپتہٕ بابس اصغرؑ یٗوری سوزِنا دۄہمے وونی تس کیٚت دود نیرے ÷

سُہ چھُ پانہٕ چھوکہٕ لدتس للہٕ وِتھ ہیکیا یوٗ ہمن کوچھِ دۄہمے خفہٕ نیرے ÷

ونِدٕ ہس جان کڈِہس سُہ ہٹیک کانا کرِہس ہوالتس ماشاہ پھیرے ÷

چھُس ہاٗل منزِلس نیزس دربم سُہ ما تمن نیزِ گژاین سُہ ماٹھہرے ÷

یوکرس زخمس ییتہٕ کینٛہہ مرہماہ تِکیا کانہٕ زہرن تس رگہٕ چارے ÷

ییہ بحال تہٕ اُچھ موربم نا ییٚہ دۄہ دودس مےٚ اُسہٕ ہن دارے ÷

دِمس شہر یوشیرس منزِلا کرس ہوہو پھیرِ ماہند رے ÷

ہبکہٕ کس پٹن پوترِ دود یوہاٗوِتھ چھم نہٕ کانٛہہ نکھہٕ منزِ کو ہستانسو +

## علیؑ

ییلہِ سور گہٕ نیرِی تھہٕ آیہٕ پوترِ مایہِ فاطمہ زہراؑ

اُس سرِ ئسی تِس شاہ حسینؑ پھیران شانہٕ کھورو

دپان کرتم کتھاہ اُچھن ہندِ لعلو میوٗن کیا چھے ملالو =

پیٚوس وژھہِ واٗلنجہِ زن نوٗن گرِنس یانی تطرا

وچھس ییلہِ ژٕٹی تھہٕ گلی تژ اوی مئتی میٚون پیٹھ پتھرو

والہِ کفنس پرکالو رتبس چھوکہٕ لدبدن نالو =

تم گُل سیکہِ پیٹھہِ تاملنس رِٹن پانس چیرِ ستی سینسے -

[1] خوٗنہٕ منزِ تالی نس (نسخۂ زمان)

یانٛی اُس لٲل کران وُچھنس ساسہٕ بٔڈی کان آمتی بدنس دیہٕ نادرسول خداؐ بابسے -
بیداد گوم بابہٕ وات میٲنس وادس کوٚرُم ظٲلمو کیا یمس نوٗرِ عینسے -
پانہٕ با کہٕ دِوان تہٕ تسلی کران تس حضرتؑ ٹاچھِ کورِ فاطمسےؑ -
سونہٕ اتھہٕ تژ اوان شاہ حسینؑ نس بدنس نرِللوان پنہٕ نس نازنینسے -
وتھران رتھ زخمس تہٕ ژٔٹی ہِتس حلقس میٹھی دِوان گُلبن جگر پارسے -
تہندرتھ ٹلان متھان نوٗر روخسارس وِدان کان کڈان تہندس بدنسے -
دیان پوٗترو یوٗ آمژ دبد چھسے بیکس سروندٕ ے پھٹے حوالہٕ ژٔے سرکسے -
ونتم یودَپے چانٛس بٔڈی بابس سُے ظٲلمس سہٕ سریوٗ رٕ ہیٚتہٕ ہسے -
بوہیایژ کٲلی بُتھاہ وُچھس لول کاسہٕ ہس خوٗن چھلہٕ ہسے -
وُچھس زِداٗرکاٗ ژآمژ چھس وندٕ ہس جان، کاکلن شانہٕ کرہسے -
اُس رِوان گتھ دِوان بدنس مدنس میٹھی دِوان ژٔٹی ہِتس حلقسے -
متھان میٚوتہٕ رتھ[1] پنہٕ نس نوٗر موکھس کفنہٕ ستی وتھران تس پژ تھ زخمسے -
تانٛی بنا با کہٕ ژھٹان شیرِ خداؑ بابن[2] دوٚپ شاہ حسینسؑ جان وندٕ ے

ولہٕ بامٕ دِن یہِ اصغرؑ یوٚ ے للون کڈس رَسہٕ رَسہٕ ہٕٹس کانہٕ پرو •
یوٚ تروژٕ ے چھے نہٕ خٲلی بدنس زخمو سوا ذرا چھتن روٗمت یہِ پٔتھ چھوکہٕ لدنرے ÷
یوٚ ے للون زِ آرام کرِ ماگرا دیدٕ نمن دود دِیس دیوٚ پھیرے ÷
اِدٕ تلن اکبرؑ، سیکہِ پٔتھ سہٕ آسُن یوٗ زرا شاہ حسنؑ قاسمسؑ میٚوِ مانٛز موٗرے ÷
سُے خوٗن چھلبس شیر بس سہرا تمنا نیر بس یتلہِ تس پاٗرے ÷

[1] متھان رتھ (زمان) [2] شیر خداینؑ (ایضاً)

دپہس دیٚدِ پوٗرٕ ہے نوشاہ وٕنوتس گرا یوکھارن گرِس ژٕ روزتس نظرے ÷
سو ژمر بس سالرن سوے کری تھہٕ دلبرا تھوٗد تُلکھ پیٚمتی لرِ چھس ہندرے ÷
اِدٕ ژنجرٕ مُہ ورِمہرٕ نہٕ تس منع کانہہ کرِیا کھالبس ڈولہِ دیٗوخفہٕ تس نیرے ÷
یواَنے عباسؑ ژٕ روزتم سیوٗ دگرا چھُ تی ادب سےٗ سب ہورے ÷
سوٗ مبرا واِ اکبرؑ چھسے کانہہ رفیقاہ یارا سےٗ ییٚنہِ واُ رِوٕستی نیرے ÷
گری تھہٕ ییٚنہِ وول کربلاژ لی دیٚدِ ہول ذرا ژیٚتہِ کوربن اِدٕ شام ہستی نیرے ÷
یوتہٕ بڈی بابہٕ پکوَ ے ہستی ہمراہ ژٕے ہستی ییٚلہِ پیٚمژ نبہٕ زینبؑ شام نیرے ÷
دِپی دبدا سہٕ تھوٗپ ژٕے تہٕ فاطمسؑ رٹہِ کلثومسؑ تھرا یوگژاے نیزس رٹے
پوترٕ ویرے ÷
نگھہِ ہتھہٕ سکینہؑ تھھ گری تھہٕ بیمار دِمہٕ نے واتناٗ وِتھ شامس ہتھ بُنْدٕ و کاروانسو +

علی

بوکویتاہ بے اعتبارہِ داردامگاہ فانی سرا چھُ دامِ بلا اُنی نہٕ رنگہٕ رنگہٕ دربلا پیغمبرو
ہوٗون پننہِ کجروی ہُند مجالو کوٗرن انبیان ظلمن مژ کمالو =
لکھان صاحبِ خلاصتہ المصائب اکھ خبرا ٹھہرِ کتھہٕ ونس چھم ہیرٕ یون پانس تھرتھرو
روٗدم نہٕ یارائے مقالو موٗٹھم سوٗرے قیل وقالو =
کرِ ییٚلہِ مبعوث خدا جرجیسؑ پیغمبرس خلقن ہدایت کرنک امر کوٗرنسے ۔
اوس ازالہ نام پادشاہا شہرِ شامس سہٕ عادی بعدا ٓدی بُت پرستی کرنسے –
ہاوِراہِ راستی خدا پرستی جرجیسؑ تس سپُن رنج عداوتن بدن زولنسے –
دوہہٕ اکہِ زخمِ تیر جرجیسؑ دیا وِ بدنس سیخ آہن گرم گرِتھ تتھ پٹھ لاگہٕ ناوِی نسے –

تژاوِ ناٛوِتھ زہرِ ہلاہل تہٕ سم قاتل پڑتھ زخمس کوٚرن حکم بیٚیہٕ زندان بانسے -
اٚسی وِس نوٚن تہٕ سرکہٕ تژاوان زخمن راتس سٔے کربس مادام منع آرام کرنسے -
دوٚہنکھ اٚسیوٚن تھاوان راتس تل تتھ ستوٚن آہنس یتھ آسنہٕ ارداہ جوان پوشان ٹلنسے -
اوس نہٕ زانہہ آہ کڈان شکر کران صبرس دِژن تن لتس اعھٲسارٕی مجروح گٔے
اِد اوٚنسہٕ وحی یی جبرئیلن ڈٔیو سلام خدأ ے سپنوٚ راٚضی خالقِ اکبرو ۰
اما کرو ژورِ پھرِ شہیدیہٕ کاٚفرا تتھے خداتو ہہٕ زندٕ کرے ÷
تژاوبنہٕ توتہٕ پٔنی وَتھ اصلا ستمگرا دپیس چھس راٚضی راہِ خدأ ےٚ یم ظلم کرے ÷
اِد کرنا ٚوِتھ بند بند جدا لتس سٔہ منکرا چھس لاینگ حکم کرے ÷
بامرِ خدا میکائیلؑ سوٚ ثبرِ تسٕنڈی بند ذرٕ ذرا تمے دمہٕ خالق لتس زندٕ کرے ÷
لتس کاٚفرس تہٕ وٚچھتہٕ دوڈس جگرا انہٕ نوٚون ترامہٕ تختاہ تمے گرے ÷
کرِ ناٛوِتھ گرم تختۂ مس سخت سٔہ جاٛبرا اِد جرجیسؑ وتھرے ÷
لتس خدایہٕ سنڈس حبیبس تتھ پیٹھ کھاٛلتھ ناگ کاٚرِتھ چاوِ ناوبسو +

## علی

دیاٚ وِناوبس آہنی میخہٕ چشمن سٔہ نا ترسِ خدا
زاٛلِتھ تہٕ ژتن دفعتن چھکناوِ سٔہ سوٚر بر ہوا کافرو
کرِ بحکمِ خدا میکائیلؑ جمع سٔہ خاکسترِ ذرۂ مثقالو سپُن بنہٕ زندٕ جرجیسؑ بیٚیہٕ فی الحالو =
کرِ بیٚیہٕ لتس سیاہ دلس دعوت راہِ خداسٔہ نوٚر ہدا
دپیس گٔری ہرگاہ ساسہٕ پھرِ زندٕ ژٔے پٔنُن خدائے قادرو
یو تژاونہٕ اصلا کفرٔک ضلالو ژٔہ تژاو پٔنُن خیالو =

اِدٕ کرناوٕتھ تختن منز بندِتس نٕیسؑ آرٕ ستی دٕ پارٕ کرناوبے -

لٔدی تھٕ دیگہِ گو گردتہٕ ناگ ستی تژاوبس تتھ تلہٕ نارزالہٕ ناوبے -

لٔج نتھ فلکس ژاولرٕز عرشس سکانِ آسمانو باک تژاوٕ سے -

دٕپن خدایا۔ یُتھ ظلماہ سپُن نہٕ زانٕہہ پٹھ زٔمینس یہٕ جرجیسسؑ ظالم کرناوبے -

دِیہِ نعرِ اسرافیلؑ زلزلہٕ گو ساریس زٔمینس سُہ کریکھ دیگ پھر تژاوبے -

سپُن زندٕ جرجیسؑ تہٕ ظالم تس اِدٕ قتل کرنک بناتھاوبے -

آوروح الامینؑ نشہِ جرجیسسؑ احوال شہید گژھنک باوبے۔

دوہپس کوٗر رٔو ارادٕ ظالمن توہہِ مارن دُنیاس ظلم ژےسبٹھاہ ووٗچھنٕ پے

سپنہِ غضبِ خدا ناٗزل یمن تھٕندِ خاطرِ یہشتس واگے درو •

اِدٕ آو اکھ جلادہتھہٕ کرتلا ارادٕ مارٕ نس تس کرے ÷

تانی وٕدِ زار زار جرجیسؑ شیر دِلا شہرؓ گو سبٹھاہ فکرے ÷

دوہپس یا نبی توہہِ پیٹہ ظلم کرِ شامٕک شاہ جاہلا کوٗر رٔو صبر وٗدٔ کیا زِ یمہِ گرے ÷

دوہپس یا اخی وٕنے کیا مےٚ رٔو دنہٕ تاب ہلکلا وٕنہٕ نس کرمےٚ یارٕی دل کرے ÷

قاٗدٕ منز یاد آم یونسؑ دٕیہِ سُند مقبوٗلا آم آرٕ وِزِ ذکریاؑ نظرے ÷

زخمو وِزِ حالِ ایوبؑ عاٗیلا مےٚ ہمت صبرس کرے ÷

نارٕ منزٕ اوٗنم یاد سُہ خلیل اللہؑ یعقوبؑ اٗچھن میچہٕ تارِ ہم یمہِ گرے ÷

اما سرجدا کرنن دیٖتنم ہاوِتھ کیا بنہِ حسینسؑ رسولہٕ سُندِس زوٗدانسو +

## علی

بوزتہٕ یا جبرئیلؑ مرِ نہٕ دُنیاس تس ہیوٗ کانٕہہ مظلوٗماہ

پُہو گنی سے جانس پرٕتھ پیغمبرس ظلمس کرُن صبرو

وُچھُکھ ماماران کاٹھہ اطفالو شاہ اصغرؑ ہیوٗ خوردسالو =

وُچھ ماکاٹسہِ نٔمیِ یین زبہِ داغ کوٗ رمُت عطشن ہاوان معصوٗ ماہ

آسہ زبہِ داغ تس اصغرؑ دِلس تریشہِ کنہِ ظاٗلم کان مرِ کران ارسرو

کربس بابہٕ کانہٕ سانٔے میٚوٗ حوالو ہاران اٹشہِ ژالو =

ازتانی مابرڈ نہہ کنہِ کاٹسہِ نٔمیِ یس بأے گبر، یار ماٗری تھہٕ تڑ آ وی ہسے -

کس نٔمیِ یس کولہِ پٹھ بأیس رٹنس نرِ ژٔڈی تھہٕ میٚوٗ پٹھ ژھرٕ ٹھ دیٔوٕ ہسے -

ووتمُت گوٚبرُ قداوار موٗرکھ کس سُے چھوکہٕ لدسیکہِ پٹھ ترووٕ ہسے -

ییٚنہِ والہِ خوٗنک کفن مہرازٕ ولہٕ نوٗوک کس تہُند سہرٕ گوٚند میٚوٗ پٹھ ڈولہٕ نوٗ وہسے -

کس اکس نٔمیِ یس ماٗری تھہٕ خمن نارد ینتھس کوٚ رہس اہلبیتؑ ماردار لارپاٗ وہسے -

کوٚ رُکھ لوٗٹ ماٗری تھہٕ گرس ازتام کس پیغمبرس کس کوٗرا بیٹیاووڑنی تھاٗ وہسے -

لوٚ دُکھ بأے گبر ہتھ سرنیزس ژٔڈی تھہٕ کس بے کفن تاپس تن تڑ آ وہسے -

کس نٔمیِ یَس بدنس گری پیٹھی دورٕ وَن کس شہید پیغمبرس گلی ژٔنے

کس انگشت مبارک واجہِ موکھہٕ ژٔڈی ظاٗلمن ژھرٕ ٹھ دیٔوٗن بدن بے سرو

کس ماٗری تھہٕ نیوٗکھ نالہِ کڈی تھہٕ جاماہ عمامہٕ جامہٕ شاہ حسینؑ نیہٕ شمر ییٚلہِ مارے ÷

کاٹسہِ نٔمیِ یَس ییٚنہِ کجہِ نامحرموما ابن سعد امامس ییٚنہِ کورِ محکمن کھارے ÷

کاٹسہِ نٔمیِ یَس ماٗری تھہٕ حرم جنگلن اَج ما تڑ آ وِتھ کوٗراڈ گج ژٔج ظلمہٕ لار.ے ÷

کاٹسہِ پیغمبرس ییٚنہِ مرگن وٗج مکانہٕ ڈٔج ما بأندی وان اَج تہٕ رات دوہ تھارے ÷

امامس ماٗری تھہٕ حرم نیربس کران سماع کھٕسِتھ گرِس کوہس کُن لارے ÷

اَتی منز غارس شیرِ منز لاہ تتھ رَسہٕ رَسہٕ زن اصغرؑ اُلرے ÷

شاہ مک بادشاہ ماٗری تھہٕ میٚون سرما تھاوِ دروازس نیزس کھارے ÷

تھاوَن تنٛوٚرس صندوٗقس تو برس برس حسینؑ سرواہ ظلماہ ۔ گنڈ بس طشتہِ پیٹھ دندن
یزپدٔ ستی چھیرے ÷

آسنس ہیٚنہِ کورِ وٗ چھان ودان وامظلوٗ ماہ سُہ ظاُلم اَسان، تس دِوان زیرے ÷
ہیٚنہِ والہِ کاٗنسہِ نٔہ یَس کوٗر پھیرِ تھہٕ آیہ ما تھزِ کورِ مہرِ نہٕ زٔنجر گری تھہٕ
وٗنٹس کھارے ÷

کس ہیٚنہِ کورِ شین ربتن قاُدتھاُوِتھ کرِنس بیٚیس گوٚبرس اُسیرِ کرِتھ زٔنجیرِ بیمار سو+

علی

یااخی مےٚ تہٕ پڑتھ نٔہ یَس پو پنہٕ نیسے پانس وچھن ستماہ غماہ الماہ
مےٚ وٗنی کنین چھم گویا حاٗلی یے شامک بیٚا کھواٗلی کرِ شاہ حسینؑ کیا کیا ماٗ کرو
اَنہٕ ناوبس کوفس کرِتھ سوالو ہتھہٕ باٗے گبرتہٕ سورعیا لو =
رٹہٕ ناوبس گوڑ آب سُہ سنگدل ظاُلماہ
وَتھ رٹناوبس ،بہناوبس پڑتھ طرفہٕ راٗچھ لشکرو
تس تر لیش رٹنٔ زانن حلالو معصوٗم بر گوھنس زن گلالو =

اِدترٛبن دوٚہن ہنٛدِس تر یشہِ ہٕتس ریشہِ چھتس بو چھِ ہٕتس ونس اکہِ اکہِ یاور
یار مارِ نسے ۔

برونٛہہ کنہِ باین تہٕ گوٚبرن تیرِ تارِنس نیزو تہٕ خنجرو ستی تمن خوٗن ہارِنسے ۔
باٗیس آبدارس رٹہٕ نس پھکی ژٹہٕ نس زوروارس سینس تیرِ تارنسے ۔
نازپرورس اکبرؑ شبیہٕ پیغمبرس واٗج ژہان خشک دہان مارِ نسے ۔
مہرازس باٗے ہنٛدس یادگارس ماٗتو نمہٕ وے مارن نیزس سر کھارنسے ۔

پانس تس کوچھ پٹھ شپر خوارس  تریشہِ کنہِ حلقس تپر تارنسے -
تہا گیرِنس تتھے مارِنس  سجدس پٹھ سر جدا کرنسے -
وَتھہِ غوغاواوٗ یلاٗ خمہٕ گاہ یَیلہِ تس مارن
بیٖہ تہٕ معصوٗم شور تالن زالن ٕخمن ظاٗلم تتھے
پیٖہ نہٕ عار گری تھہٕ مار دار لوٗٹن اہلبیتؑ  سپٕن اُسیر گرِتھ ریسمان تہٕ زنجیر بے پروہ
اِدلٔذی تھہٕ سر تمن نیزن جدا جدا  ظاٗلم لشکر شام سکھرے ÷
کرِنا وِ ہیپن سوار ووٗنتن ابن سعد ملحدا  آسن کران لیل تمن غول خفہٕ کرے ÷
تُلن واوٗیلادِن ودٕنکی صدا  وچھن بیٖا کھ ظلماہ یٖمہِ گرے ÷
بیمار ہیم جان گرِتھ زولان دَپن وُچھ یا جَدا  یٖمہِ حالہٕ کردَرِاٗ رکس گرے ÷
چھس اکھ دَکہٕ دِوان کران ضدا  لایان تالان رٔٹتھ نرے ÷
یوٗ تانی یتہٕ یا جدا  کرتہٕ یادِ خدا  اُمِس گنڈ موٗر دِہٕ ٹھہرے ÷
یتے مَرِ ییہٕ پیش روز بدا  پرٔتھ گرا قیامتاہ گذرے ÷
یَیے ستم ییم زن جگرس سم ہیکے کیاہ اُوِتھ  آسہٕ پھِران قیاٗموٗ تانی منز جہانسو+



منقول از نسخۂ بقلم شاعر خود حکیم محمد جوادؒ  فراہم کردہ  حکیم شیر محمد خانیار
نسخۂ بخطِ زمان جوٗ مملوٗکہ مرحوٗم غلام حسن جو بالہامہ  ۳۰ رمضان المبارک ۱۳۵۲ھ

# روانٕہ

ۂ یلاؤ یلا واؤ یلا محبّ کونہٕ جامن دِیہِ چاکاہ
دوستدارلدن ناموکھن خاکاہ ۂ یلاؤ یلا واؤ یلا
معرکن چھُ پھیران خیرالوریٰؐ محمد مصطفیٰؐ ہبتھہٕ انبیا
پانے چھُ لبل کران واحسیناؑ محمد مصطفیٰؐ ہبتھہٕ انبیا
پوترو کوٚر ہے کیٛؤ تھہ طوٗفانے



چھُسہٕ ستی گوٚبرٕ مول دوکھہٕ لدشاہؑ ستی ہبتھ شاہ حسنؑ پوترٕ ماج حضرت زہراؑ
ودان چھُسہٕ ستی پکان پیک اللہ پانے چھُ لبل کران واحسیناؑ
محمد مصطفیٰؐ ہبتھہٕ انبیا ساری ہبتھ چھُ ودان واحسیناؑ
پوترو یہِ کیا چھُسے ڈیشانے



چھِ لدی تھہٕ پوترٕ ماج بٕتھس خاکاہ کفنس دیٛتمت چھُن چاکاہ
بابن تہِ ترٕ اُوہو چھُس باکاہ پانے چھُ لبل کران واحسیناؑ
محمد مصطفیٰؐ ہبتھہٕ انبیاؐ یکوٹہٕ چھِ کران واحسیناؑ
ودان کوٚر رہکھ باکانن نشانے



کھورن تل چھُس ودان شاہ حسنؑ ما بایوٚینہِ وول کرٛیا تھم ما
قاسمسؑ خلعت گنٛجا تھم ما پانے چھُ لیل کران واحسیناؑ
محمد مصطفیٰؐ ہتھہٕ انبیأ پوترٕ موٗرٕ ہے قاسمؑ شاہ
بأیس زور وارس ژٔٹی ہے شانے



چھُ ودان یی بنہٕ رسول خداؐ حق ہوٗ رمہٕ اُمتو کوٚڈ ہے ضدا
احدک تہٕ بدرُک ہوٗر ہے حسدا پانے چھُ لیل کران واحسیناؑ
محمد مصطفیٰؐ ہتھہٕ انبیأ سوال کربلاٗک پھوٚریہِ ذیشانے



ژٕنے ترٛیش ژٔٹی تھہٕ مارٕنس پیٹھ گئے جمع بأے ہتھ موٗرٕ یکھ گری تھہٕ اجماع
کوٚر ہے دفنس تہٕ کفنس منع پانے چھُ لیل کران واحسیناؑ
محمد مصطفیٰؐ ہتھہٕ انبیأ میچی مرنہٕ وِزِ ترٛیشاہ نے



موٗرٕ ہے کوچھِ پیٹھ اُچھ گا شاہ دِتھ کان وُٹھ پھِشان اصغر شاہؑ
وأج ژٕہان برونہہ گنہِ اکبر شاہؑ پانے چھُ لیل کران واحسیناؑ
محمد مصطفیٰؐ ہتھہٕ انبیأ چون ترٛیشہِ دود آسیا اَسہِ مشانے



آبدارس پھیکی ژٔٹی ہے با سکینہؑ ترٛیشہِ وُنہِ تس پرٛاران چھا
ژٔٹی تھہٕ بینہِ برملا کیجہِ ہیہِ با پانے چھُ لیل کران واحسیناؑ
محمد مصطفیٰؐ ہتھہٕ انبیأ ودبس دبد گری تھہٕ موٗ پریشانے



پوترو ریشہِ چھُتس ترٛیشہِ ہُتس ہوٚرہے رتھاہ سیٚو دو تھتم گُرا کرتم کتھاہ
کرٕ ہے نالہٕ موٚت کانوتھاُ ونہٕ وتھاہ تس ستی لبِل کران واحسیناؑ
محمد مصطفیؐ ہبتھہٕ انبیأ حسینہؑ چھا بیکسہِ دیٚدِ روشانے



چھے نہٕ سروٗ چھ ہی یہِ دبدٔزے بُتھاہ اِدکوربن ستی ہیٚیہِ ہی شاہٕج وتھاہ
دیٖو عابدین شہسؑ روزِ ہے ستھاہ چھے استادٕ بابہٕ کران واحسیناؑ
ستی چھس آمتی سأری اولیا روٗدُس ووٕنی اچھن گاشا



سہٕنی ترٛ ان سوٗ ریس ودان حسیناؑ مژگان تہِ......دوان حسیناؑ
یزِدُن دور پھوٚرس واحسیناؑ پانے چھُ لبِل کران واحسیناؑ
محمد مصطفیؐ ہبتھہٕ انبیأ مشبم زاٹھہ سکینہؑ عطشاہ نے



یہ چون اڈٕ پھوٚل اڈٕ کوٚل شاہ اصغرؑ یُس نشانہٕ حرملنی کانن کوٚر خنجر
نرِ پیٹھ مَتہٕ ہبتن ترٛ اوتن پتھرِ پانے چھُ لبِل کران واحسیناؑ
محمد مصطفیؐ ہبتھہٕ انبیأ گُلہٕ ژُ تھہٕ تھکہٕ نے ماشانے



# نوحہ شب عاشورا

از آسہِ امام کران وداع باین تہٕ گوٚبرن جدا جدا
کوچھِ پیٹھ پگاہ تس سرورس تیر دِتھ مارن اُچھگا شرس
گٔری توسأری واویلا

تریشہِ کنہِ حلقس ییٚس واہ کان کڈ بس پانٔے امام لمان
تمھ گٔری تھٕ حلقس آسہِ لیس تریشہِ بوچھِ ژٔٹس تس اصغرؑس
ودبس پوترو موٗ دہم با

وٹنس پانس واہ ریشہِ چھٹِس سراز قفا واہ تریشہِ ژٔٹس
لدِنس نیزس تتھ نوٗرٕ سرس تھاوِنس صندوقس تنوٗرس گرا دیرس
وٗدی توس آغہٕ سانہِ بنٛیوے کیٛا

نوٗ ژخانس کرن برباد امام گرس ژلن بنیاد
تالن وستھ پیغمبرس مارن مُرتھ شاہ حیدرؑس
سوٗرٔدی توٗدی توس بنٛیوے کیٛا

آسہِ موکھہٕ راتس منزٕ خیمہٕ گاہ کھنان عباسؑ آسبس از چاہ
پگاہ ژٔس فوجہِ کس افسرس بند بند ژٹن ستی ہتھ سرس
لالیس تیر چشمن اکھ ظالماہ

از آسہِ دلاسہٕ دِوان شبیہہ پیغمبرؐ دِیدٕ تہٕ بوچھن علی اکبرؑ
کاکلو گنڈِتھ ماہ انورس لدن نیزس پگاہ سرس
شأمی تہٕ کوٗفی روسیاہ

ازآسہِ مہرازٕ قاسمؑ جوان   لُگ تھہٕ ماتٔواخلعت پیران

ہے ہے پگاہ مہرانورس   لدن نیزس تتھ سہرِ سرس

گری سُمن بدن لاربس پگاہ

کرنس مہرنہِ گری تھہٕ زٔنجرٕ تہٕ آر   پلنہٕ رٔسی تِس وٕونٹس سوار

ہٕ زِ گنہ تھاوِتھ ٔری پیٹھ سرس   لبلہٕ وأنی کران پنہٕ نس گرس

پتہٕ پتہٕ نیزس کڈان آہ

ازآسہِ سکینہؑ بابہٕ دل رچھان   بروٗنہہ گنہٕ رٔٹتھ بُتھہ بُتھہِ وُچھان

شمر پگاہ تس زٔنجیرٕ کربس   گوشوارٕ نیس کن چاک کربس

ترٛیشہ ہیو بنبس واہ ستماہ

ازآسہِ اڈٕ کوٚل سُہ اصغرؑ جان   بابہٕ صاحبس نشہِ آرام کران

ترٛیشہِ کنہِ پگاہ نؤرٕ خنجرس   نشانہٕ حرمل کرِ کانہٕ پرس

مشراوبس............

ازآسہِ حضرت زینبؑ پھیران   خمہٕ منٛزٕ گرِ گرِ نسہِ نیران

اَنان شفیع آنسرورسؐ   فاطمہ زہرائؑ تہٕ شاہ حیدرسؑ

کران سأری ہے راتس دعا

دِیان بأے جان زندٕ روٗزی تنم   اَسُند مرُن متہٕ ہأوی تنم

ہے ہے پگاہ بأے سرورس   نکھ دِین پیٚیس شام تاسرس

اتھہٕ رشہِ سکینہؑ تہٕ عابدؑ ہن شاہؑ

آسن ازسأری آلِ رسولؐ   ودان زارزار مغموٗم تہٕ ملوٗل

کرن پگاہ وداع گرس   ہے ہے کھسن ظلمہٕ دفترس

لگن ظالمن اتھہِ بے پناہ

کرنکھ زٔنجرٕ اتھن کھورن  معصوٗمن تہٕ بہین واہ بے پرن
برۆنہہ برۆنہہ بیمارس ابترس  بأنگدی وان کڈن واہ مضطرس
پکنہٕ ستی کھورن کربس ورما

ظاٗلم بے عار مأری تھہٕ سردار  دِنکھ تیتھے اِدٕ خمن نار
لۆٹ گٔری تھہٕ تژاون امام گرس  تھاون نہٕ بہین پۆژ پیٹھ سرس
ننکھ سوٗرے گٔرتھ بلوا

ودِنک ہے وَتھِہ دُنیاس خلقن  نٹھ لگہِ عرشس ملکن تہٕ فلکن
پۆپہِ تھار پگاہ پیغمبرسؐ  جنتس منز شاہ حیدرسؑ
شاہ حسنؑ ہیتھ نیرِ فاطمہ زہراؑ

آسن مازدُ چھان پشان  مرسل تہٕ انبیأ سأری در جہان
پگاہ دۆچھتھ پڑتھ سرورس  تھارے یہِ ہیتھہٕ ستی تس شاہ پرسؑ
آسن کران واوٕیلا

چھُ یہِ سفر نوحہ ونان تہٕ پران  پگاہ آسہِ حسینؑ حسینؑ کران
جامہٕ چاک گٔرتھ میوٗلدی تھہٕ سرس  برۆنہہ برۆنہہ گرِس تس سرورس
کران پران............

آسن پگاہ سأری دوستدار  ہانکلو ستی کران پانس مسمار
دِوان زٔنجہِ سینس چھوکھ سرس  وودٕنی تہٕ نوأری منز بازرس
دپان آغہٕ سانہِ پیش اوے کیا
برۆنہہ برۆنہہ دوستدار زنانہٕ آسن  تمن پتہٕ علمہٕ ہیتھہٕ لۆکی شُری آسن
زنانہٕ ودان امام گرسؑ  تم شُری ودان شاہ اصغرسؑ
کنہِ زن میۆ پگاہ......

آسن تماشہ وُچھان اغیار بُری بُری آسن مکان دِتھ دیوار
تھاون نہٕ موکل اُکس ذرس بامن پیٹھ کھُسِتھ آسن پڑتھ گرس
وچھان وَتہٕ وَتہٕ تماشہ

# نوحہ (وجد)

گری وٕ ویلا واوٕیلا اونکھہٕ دربلا منز کربلا سون آغہٕ ہتھہٕ یارتہٕ یاور بأے تہٕ گبر
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ بیٚنہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؑ حسینہٕ پوترولگیوفدا
رٹناوبس ابن سعد جاہلا گوڈ آب سنگدلا کربس ترٕیشہٕ ترٕیشہٕ اصغرؑ نوٗربصر
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ بیٚنہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؑ اڈٕ کوٚل آبہٕ پُوی گے......
تراوبس لرفرات سأحلاہ علمدار بوے رأہلا سہٕ سقائے لشکر عباسؑ دلاور
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ بیٚنہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؑ غمخوارس پھٹیٚی جدا......
مورہٕس اکہٕ اکہٕ پڑتھ دردلا بأے بابہٕ تھر سورقافلا تیٚیت شاہ اکبرؑ جان جگر
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ بیٚنہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؑ چشمن گاش سوریوس......
گرِتھ تیٚیت ماردار ظالم اصلا گونہٕ توتہٕ تسلا کوٚرکھ شہید شبرؑ شاہ حسینؑ سرور
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ بیٚنہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؑ سون کینہہ پاس کوٚرہے نا
سپُن زٕمنن تیٚلہٕ اکہٕ الا نٹہٕ عرش اعلیٰ ییٚلہٕ کرن شہیدن جدا سر بداختر
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ بیٚنہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؑ تھوٚوٕہے نہٕ باقے کانہہ ظلماہ
رُودنہٕ پتھ بالکلا کانہہ قاتلا دِن دُشمن ناریکسر تم ستمگر
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ بیٚنہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؑ بیٚنہٕ کورِ موٗمی تہٕ تراوِہے سرراہ
ظالم اُڈی تھہٕ دُشمن بربلا لوٗٹن اہلبیتؑ وٕیلا کرناوکھ دربر زنجرٕ مضطر

ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ ییٚیہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؓ بأنٛدی شام کچہ ہیٚیہ با
سپٔن مٔژ نارس مبتلا زین العبادؑ عٲیلا تس تہٕ ظالمونیٔ عمامہٕ بستر ترٛ وٗ کھ پتھر
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ ییٚیہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؓ سُتہٕ گرتھ زٕنجیر کوٚ رُکھ أسیرا
دیٚوِ وُکھ فریاد نعوذ باللہ تمے آنہٕ ما رسول اللہؐ وأنٛجہ زن آیم تبر ژوٚٹ نم جگر
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ ییٚیہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؓ چھُس نہٕ وُنی تھہٕ ہبکان اصلا
ووٚتھ پرٛتھ طرفہٕ ییلہٕ غُلغلا کوٚ ڈُکھ بیمار گری تھے غولا تس دوکھوٕ ستی پھُٹمت کمر گومت ابتر
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ ییٚیہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؓ چھے کڈِتھ نہٕ ہبکان قدماہ
سپٔن دُنیاس تیلی دِلملا حکمہٕ سعدنہٕ پرٛتھ سنگدلا لدن نیزن اِدٕ تمے سر تتھے یکسر
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ ییٚیہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؓ نیزٕ گرٕ پورٕ ہیٚیہ با
وَلہٕ عالمس ظلمچ وٗنلا اماس گلو جدا ییٚلہٕ کرِ قاتلا
رِکتھہٕ ونہٕ ژٕٹی تھہٕ ہے سہٕ بیداد گر ترٛ او بس پتھر
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ ییٚیہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؓ پوترو دگ چھے ما
سُے حضرتؑ تہٕ شیر اللہؑ سورگہٕ دژا اے لیل کران وأیلا
سہٕ چھو کہٕ لدبدن شاہؑ تہٕ آنسرورؑ رٹن در برا
ودبس بُڈی بابہٕ پیغمبرؐ ییٚیہٕ پوترٕ مول شاہ حیدرؓ پوترو ہے ہے پیش اوے کیا
حسینؑ پوترو یہٕ کمی ژوٚٹے سر کہنٛدی خنجرن ژوٹیہٕ حنجر
اوس سون بوسہٕ گاہیہٕ چون حنجر ٹھر یوٚ ژٹنس یہ کوٚنہہ ستمگر
کہنٛدی تیرن ترٛ وِنکھ پتھر کُہنٛد کان سینس گری تھہٕ گیٔے گذر
أسی تہٕ ودو وس گری تھہٕ خاک برسر آغہٕ سانہٕ ژٕنے ماری ہے بأے تہٕ گبر
کولہٕ پٹھ موٕ رہے بوے قد اوار پھیکی ژٕٹی تھہٕ ترٛ وِ ہے سر دا پتھر

وأج ژہان برۄ نہٕ کنہِ موڑ ہے اکبرؑ کوچھِ پیٹھ کھور تچھان مۄ دیہ اصغرؑ
مأری تھہٕ یاریاورتژ آوی ہے پتھر چھی سیکہٕ پیٹھ تاپس ڈولان بے سر
کأنسہِ ظالماہ آونہٕ کیشہ رحماہ

# نوحہ فارسی

اے سوار دوش پیغمبر حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
گہوارۂ جنبانت بُدی شہپرؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
ناز پرور ساقی کوثرؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
آرام جانِ مصطفیٰؐ وحیدرؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
برج نبوت رابُدی قمر حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
دُرج امامت رابدی گوہر حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
نوُردوعین مادروحیدرؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
روحِ روان مادروحیدرؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
ریحان باغ مادروحیدرؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
شب چراغ مادروحیدرؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
نوُردوچشم مادروحیدرؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
جسم وجان مادروحیدرؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
کہ کردہ جدا از تنت سرؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
کہ زد بر حنجرِ تو خنجرؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ
دستہائے تو بریدہ کہ ستمگر حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

نہادہ کہ بر حلقائے خنجر حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

کجا است اکبرؑ شبیہ پیمبرؐ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

کجا است آں عباسؑ برادرؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

سقائے لشکر کہ بوددلاور حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

علمدار و وفادار برادر حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

کجا است قاسمؑ، ماہ انور واحسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

کجا است اصغرؑ لختِ جگر واحسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

زین العبادؑ بیکس و مضطر حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

اسیر شدہ وا آں بے پر حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

بردند بہ غارتِ شامیان زیورؑ حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

از خواہرانت ہم مقنعہ و چادر حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

کرد خاک ہمہ بر سر حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ

......تو تا شود محشر حسینؑ مظلوم حسینؑ مغموم حسینؑ آہ حسینؑ واحسینؑ



# نوحہ فارسی

آمد محرم ماہ غم نشستند بعز انبیا اوصیا با آدمؑ

شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

بر مہ فلک ہمہ ملک اند گریان در جنان حواریان با غلمان از جور یزید پلید ارقم

شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

جملہ محبان جن و بشر چرا نہ کنند ہمہ خاک بر سر میکنند جامہ ہا پارہ یکدم

شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

ابن سعد لعین ستمگر بحکم ابن زیاد بیداد گر نکردہ ظلمے را ہم کم

شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

کردہ بند آب بآں امام زمان رسیدہ زِ تشنگی بہ کودکان بر لب جان نکردند ہیچ لحاظ از پیغمبرؐ ہم

شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

فتادہ بر نہر فرات سقائے لشکرؑ علمدار عباسؑ کہ بودش برادر ہر دو دو شہائیش کردند قلم

شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

شاہ اکبرؑ شبیہ پیغمبرؐ شد روان بمیدان چوں دلاور گرفتند بمیان او را ہمہ اظلم

شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

کردہ چپ و راست فی النّار بسیار بدکار بر تشنہ لب کردند پس حملہ یکبار

زخم ہا خوردہ بے شمار پیہم

شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

ماند چرا بر پا ایں آسمان شدہ مجروح روحِ رسول انس و جان دنیا چرا نہ شد فنا در آندم

شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

زِ اسپ بر زمین......جوان از کمین ظالمے آمد دوان واحسرتا رنجانید رسول اکرمؐ

شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

گرفتہ تیغ بدست آں فتادہ کردہ شہید بے دریغ شاہزادہ نخوردہ بیم خدائے خود ہم

شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

نور عین حسنؑ قاسم شاہؑ کہ بُد غریب الوطن ہم نوشاہ کردند شہید ظالم او را ہم

شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

تشنہ لب بے خطا خیال صغیر اصغرؑ راشہید کردند زِ تیر دید مصایٔب امام حسینؑ پیہم
شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

شدند شہید امام یار وانصار فرزند وبرادر پس لاچار برذوالجناح شد سوار امام اینم
شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

رفتہ بمیدان پس تنہا ھل مِن ناصرِ مے زد صدا نبودش زندہ یاور یک نفس ہم
شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

چوں تنہا امام را دیدند اشرار ہمہ ہا کردند حملہ یکبار زِ نیزہ ہا و خنجر و پیکان ہم
شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

کردند مجروحِ تن آں امام مبین آمدند بہ لرزہ آسمان و زمین کردش سرجدا شمر اثم
شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

اہلبیتؑ ہارا کردند اسیر بہ نسوان ومعصوم کردند زنجیر بستند بہ ریسمان زین العبادؑ الیم
شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

شد در خیمہ گاہ محشر بپا کردہ از غیب چنین ہاتف ندا داد ابن سعد لعین دین برہم
شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

تشنہ شد شاہ حسینؑ شہید مقتدا کردند سرش راجدا از قفا لرزید آندم عرش اعظم
شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم

بادلِ پُر الم سفیر ناتوان می کند در ہشتم محرم این نوحہ بیان سال چاردہ ہزار پنجاہ کم
شد شہید شاہ حسینؑ امام عالم مصطفیٰؐ مرتضیٰؑ را است ماتم



